Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

دو ہفتہ وار




★ جنوری - اپریل سنہ ۲۰۰۱ء (مشترکہ شمارہ)

جلد نمبر ۵ شمارہ نمبر ۱-۲

نگران

کے. بی. جنڈیال

ناظمِ اطلاعات

★ مدیر ★

محی الدین ریشی



محکمہ اطلاعات حکومت جموں و کشمیر



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

آلوس منز چھپن وٲلین تخلیقاتن منز
ظاہر کرنہٕ آمتین خیالاتن سۭتی
حکومت جموں وکشمیرک متفق آسُن چھُنہٕ ضرورۍ

★ کتابت ۔ بشیر احمد ۔ محمد یعقوب
★ چھاپ خانہٕ ۔ جے کے آفسیٹ پرنٹرس دہلی
★ تعداد ___ ڈوڈ ساس



خط وکتابت کرنک پتاہ

# نظامت اطلاعات

اولڈ سیکرٹریٹ جموں توی ۱۸۰۰۰۱ / ریذیڈنسی روڈ سری نگر، کشمیر ۱۹۰۰۰۱



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

# ترتیب





CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu







CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

# گوڈکتھ

اَسی چھِ سیٹھاہے غمہٕ تہٕ دوکھ سان یہِ واقعہٕ قلمبند کران زِ کاشرِ زبانۍ ہندی نامدار شاعر جناب نشاط کشتواڑی صاب سپدی ۳۱ مہ جنوری رحمتِ حق تِم آسی دنمتہٕ وٕہری۔ پوٗرٕ ناو اُسک غلام رسول زرگر، نشاط تخلُص تہٕ کشتواڑی شناخت۔ یہندی جدّ اُسی اننت ناگکی ہموَ کشتواڑ ہجرت کرٕمژ آس۔

نشاط صابن ادبی سفر چھُ سیٹھاہ طویل۔ تِموَ چھُ ۱۹۳۲ ہَس منٛز قلم تُلمت تہٕ گوڈنیک قصیدہٕ مولانا پونچھی سٕندس اعزازس منٛز لیوٗکھمُت۔ تہٕ آخرس تام روٗدی کاشُر ادب سگہٕ وان — کشتواڑ علاقس منٛز ادبی سرگرمین دَس تُلنَس منٛز چھِ تِم پننین دوٚیین ساتھین عشرت کاشمیری، حیدر قیصر تہٕ کشمیری لال روٗکس نٕرِ لوٚر پیش پیش روٗدی متی۔ تہٕ ۱۹۳۵ ہس منٛز ترٲوکھ کشتواڑٕ "بزمِ ادب" ناوی تنظیمہٕ ہنٛز بُنیاد، تہٕ مرنہٕ کس دَمس تام روٗدی اتھ ستی وابستہٕ۔ شروعس منٛز اُسی تِم اردو زبانۍ منٛزے لیکھان تہٕ شاعریہٕ منٛز آسکھ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

۰۰۰۰۰۰۰۰۰۰ علامہ سیماب اکبرآبادی پننہٕ ووستاد بناوِمتہٕ، یم خط وکتابتہٕ ذٔریعہٕ تمن اصلاح کران آسی ۔ تم آسی نقاد تہٕ جان تہٕ محقق تہٕ زٕبرٕ مگر زانہٕ تہٕ مانہٕ آے زیادٕ پہن بطورِ شاعرے ۔

کشتوارٕس منز آسی لوکھ تمن ووستاد مانان تہٕ علاقہٕکین نوین شاعرن تہٕ ادیبن آسی تم ژُکہ سان رہبری کران ۔ نشاط صاب آسی لوکن ہندی شاعر تہٕ پننس اندی پکھس پیٹھ آسکھ سٔنی نظر۔ توے تہٕ آسی سماجس منز پادٕ گمژن ناکارٕگین پیٹھ اکثر قلم تلان ۔ سگریٹ نوشی آسہٕ تن یا امتحانن منز نقل کرنک دبا یا کھاندرن پیٹھ داجک لین دین، تموٕ چھُ یمن بدعتن خلاف وِزٕ وِزٕ قلمی جہاد کوٗرمت۔

کأشرس ادبس چھ تہند سیٹھاہ دیُت ۔ نصف صدی یہ کھوتہٕ زیادٕ وقتس دوران وُنی تموٕ کأشرِ پأٹھی وارٕیاہ غزلوٕ تہٕ نظموٕ علاوٕ نعت، مناجات تہٕ منقبت تہٕ بسیار ۔ نشاط صابس اوس کوٗشر آسنس پیٹھ فخر تہٕ کأشرِ زبانی تہٕ کشیرِ ہندس تہذیبس پیٹھ ناز، چنانچہ وونمت چھکھ :

بہٕ چھُس کوٗشر تہٕ چھم کأشر زباناہ
میٔے اتھ پیٹھ ناز چھے امکے گماناہ
یہے چھے میانہٕ تہذیبکُ نشاناہ
امیُک عظمت چھُ مانہٕ اکھ زماناہ

نشاط صابن چھے تقریبن اکھ درجن کتابہٕ لیچھمژٕ یتھ منز



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

اردو زبانی منز لیکھنہٕ آمژ سون "منظلوم کربلا" تہٕ شامل مانتہٕ ییہٕ لوسہٕ تموٗ اکونزاہہٕ وٕہری نو سر ترتیب دِتھ "تحفہٕ پنجتن" ناوٕ چھاپ کرٕ ۔ اَمہٕ علاوٕ چھے تہنز ن کتابن منز نعت سرکار دو عالم، مناقب اولیا، بادہٕ ی وطن، تحفہٕ ی اطفال، تصویرِ خیال، مختہ ہار ابلاغ وغارٕ سوٗمبرنہٕ تہٕ شامِل ۔ تمن چھے ریاستی کلچرل اکادمی علاوٕ وارِہو سرکاری تہٕ غار سرکاری تنظیموٗ طرفہٕ تہٕ یزتھ افزائی سپنز مژ اللہ تعالیٰ کرِن تمن جنت نصیب ۔ آمین



آلوٗک یہ شمارٕ چھ نیمہٕ وری یُک گوڈنیک شمارٕ یُس ۲۰۰۱ فروری ییس منز نیرُن گوژھ مگر کینژروٕ دفتری دِقتو کِنی ہیوٗک نہٕ اَسہٕ یہ وقتس پیٹھ چھاپ کرٕتھِ نیمہٕ موکھ اُسی توہہٕ ثانی منگان چھ ۔ تاہم کوٗر اَسہٕ ستی فاصلہٕ زٕ دون شمارن کُن کرٕتھ کرو آلوٗک اکھ مُشترکہ شمارٕ اپریلس منز شایع یُس ضخامتہٕ کِنی تہٕ بوٗرت آسہٕ تہٕ کُنہٕ حدس تام پرن والین ہنز ترِیش ہوٗمراونگ تہٕ تمژ کرٕ سانی کوٗشش چھے توہہٕ دردِس تہٕ یہ کیتھ حدس تام چھے رتھہٕ کھرٕ مژ تمیُک اَنداز چھ توہی تام ۔

محی الدین ریشی



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

# ڈاکٹر امر مالموہی

مالموہی صأبن شمار چھُ کأشرِ زبأنی ہندین بہلہ پایہ ادیبن منز سپدان۔ یم چھِ اکھ زبر نقاد آسنہٕ علاوٕ افسانہٕ نگار، ڈرامہ نگار تہٕ شاعر تہٕ۔ یہند اصلی ناو چھُ امرناتھ بھٹ چھکھ کرام تہٕ مالموہی تخلص تہٕ شناخت تہٕ۔

یم زاے ۲۹ دسمبر ۱۹۴۰ ہس منز مالموہ ماگم پٕیس ورملہ ضلعک اکھ خوبصورت گام چھُ۔ یہندس مأیس اوس ناو پنڈت کنٹھ رام بھٹ۔ مالموہی صأبن چھُ انگریزو اردو تہٕ تواریخس منز ایم اے کورمُت تہٕ بیٚیہ پی۔ ایچ۔ ڈی تہٕ۔ یم آسی پیشہ کٕنی وستاد تہٕ بطور پروفیسر گٔیہ ریٹائر۔

کھُلے پھول (ناول) زعفران زار (اردو افسانہٕ)۔ ترلیش تہٕ ترٛپن (ناول) کتھاسرت ساگر (ترجمہٕ) وکھنٕے تہٕ وپرٛھنٕے (تنقید) ناوی کتابہٕ چھکھ چھاپ کرٕمٕتۍ۔

یمن چھُ سرکأری تہٕ غأر سرکأری ادارو طرفہٕ واریاہ انعامہٕ تہٕ ترٛی متی یمن منز ریاستی کلچرل اکیڈمی، ساہتیہ اکیڈمی تہٕ کُل ہند ریڈیو ڈراما انعامہ تہٕ شأمل چھِ۔

ڈاکٹر مالموہی صأبن پتاہ چھُ

۱۴۱/I وِکاس نگر جوٚم ۱۸۰۰۰۵

(ادارٕ)



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

ڈاکٹر امرتا لموھی

# بہٕ کیاز تہٕ کِتھہٕ پأٹھۍ چھُس لیکھان

اَمہِ سَوالُک جواب چھُنہٕ مےٚ سیٚکہِ پأٹھۍ پالَس تہٕ مولوٗم۔ ضوٗروٗری چھُنہٕ
زِ پرٛتھ سَوالَس آسہِ سیٚکہِ جَواب۔ اگر سَوالن سیٚکہِ جواب آسہَن تیٚلہِ اوس
نہٕ کُنہِ زنگہِ کانٛہہ مسلہٕ۔ اگر زندگی مولُس تہٕ محبتس مُتعلق سَوالن ہندی جَواب
آسہَن تیٚلہِ آسہے زندگیہ خبر کرشہہ ژھوکیٚوٚمُت! مگر تہٕ اَسہِ تہٕ چھُہ
پرٛتھ لِکھأری تہٕ فلسفی پننہٕ تجربہٕ مُطابق یِمن سارِنٕے سَوالن جواب دِنٕچ
کوشِش کران تہٕ یہے کوٗشِش چھےٚ ادبَس تہٕ فلسفس بارسس انان۔

بہٕ اوسُس سٕتمہِ جماژ پران زِ اکہِ حسین اتفاقہٕ کِنہِ دٕژ کمہِ نام تمہِ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

دورِکِس مقبوٗل ترین ناول نِگار دَت بھارتی ہِنٛز ناول "چوٹ" منٛز پٔرِتھ
خاطرٕ یوٗدوے ترٛیِ پانے منٛز نانہٕ نِش مہابھارت، رامائن پنٛچ تنتر تہٕ گرٕ
کِس اکِس بزرگس نِش شاہنامچ تہٕ گامہٕ دلیلہٕ گرٕن نِشہٕ لکہٕ دلیلہٕ
تہٕ داستانہٕ بوزمٕتۍ آسہٕ مگر لیُس ہِنٛز تہٕ لطف منٛز یہٕ ناول پٔرِتھ آوُ سہٕ زنتہٕ
اکھ جود اُدس ہیٚتھ منٛز ہیٚنٛتھ سوروے پُرن لیکھن مشرِتھ فقط ناولہٕ
پٔرِتھ اکھ مٔزرٕ بنوٚو۔ منٛز چھُ یاد یِمَن دوٚہن ہِنٛدی مقبوٗل ناول نِگار
تہٕ افسانہٕ نِگار مثالے دَت بھارتی، عادل رشید، نسیم حجازی، نسیم انہونوی
ایم اسلم، رئیس احمد جعفری موکلاوی منٛز ژوٚن وٕرِ ین منٛز پٔرِتھ۔ نیٚلم
چندر چھیٚترجین اردو ترجمہٕ، گُردتہٕ ہِندی ناولہٕ، پریم چند، منٹو، اشکٕ
تہٕ امہٕ پتہٕ رسوا، ڈپٹی نذیر، رتن ناتھ سرشار، شرر، یِمن سارِنٕے ہُند
تخلیقی ادب یوٚر منٛز یِمنٕے دوٚہن، ممکن چھُ زِ یوٗت پٔرِتھ تہٕ آسہٕ ہے
تہٕ منٛز شاید ناول پرِنٛی تگان۔ منٛز چھُ یاد زِ یِمَن دوٚہن ترٛیٚشہٕ منٛز
پریم چندنی ناول "پردہ مجاز"، فکرِ تہٕ تہٕ عصمت چغتائی ہُند افسانہٕ "لحاف
ٹیٚڑھی لکیر" تہٕ باسیٚم ہُنا ہیٚچ تہٕ کٔج۔ مگر تہٕ کٔرِتھ تہٕ اُدس منٛز منٛز
اکھ فنی شعور پرِتھیومٕت۔ دوان ترٛین کھمت اوسُس بہٕ ضوٗرٕژری
زانان۔ قصک ارتقار تہٕ تکمیل، پرتھ کِردارُک فطری زاین تہٕ تکمیل۔ منٛز
چھُ یاد یِمنٕے دوٚہن نیٚلہٕ منٛز "آگ کا دریا" پٔرُم کرٕ یہٕ ناول سیٹھاہ خوش
نیٚلہٕ زن فکر کمیے پہن ترٕم۔ تہٕ کیازِ اَتھ منٛز تہٕ اوس قصک تکمیل
تہٕ نہٕ روایتی کِردار سازی ہُند انداز۔ اَتھ ناولِ منٛز اوس اکھ نارجابہٕ
دار فنی روی یہٕ لیُس بہٕ ازتہٕ فنہٕ کہٕ دِوبھبوٗ خاطرٕ ضوٗرٕژری زانان چھُس۔

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

میٚنہٕ پٔرۍ انگریزی نادلن تہٕ خاصکر تریتھ رام فیروز پوٗری سٕندۍ ترجمہٕ تہٕ۔ بامتے
اوسُس ناول نِگارس تنقیدی خط تہٕ سوزان۔ دت بھارتی تہٕ عادل رشید
آسی باضنے خطکُ جواب تہٕ دِوان۔

اُردو نادلہٕ ہنٛدِ وسیع مُطالعہٕ سیتی گوٚو میٚنہٕ پانہٕ تہٕ ناول لیکھنکُ شوق۔
یہوے شوق چھُ میانہٕ لکھاری تہٕ شاعر بننہٕ نکُ بیوٚل یُس بو کچھارچہ حذباتی بترانٛ
منٛز پیتھ ہنہٕ ہنہٕ ٹینٛڈ رنگ ژھٹنہٕ لوٚگ۔ میٚنہٕ آیچھ گوڈٕنیچ اُردو ناول
کاگٕنہٕ مشورٕ ہیتہٕ رٔژ ستے یا کاگٕنہٕ اتھہٕ دُرستی کرناونہٕ روٗستے ۱۹۵۹ء ٹھس
منٛز ییلہٕ میٚنہٕ میٹرک دِتمت اوس۔ یہ ناول گیہٕ ۱۹۶۱ء منٛز چھاپ تہٕ میانٛز گوڈٕنیچ
اُردو افسانہٕ سومبرن سپنٛز ۱۹۶۴ء ٹھس منٛز چھاپ۔

اکھ ادبی ماحول تہٕ چھُ شوقس وُتشُ دِوان۔ دیمہٕ حمازٕ اوسُس یہ سوپور
پران۔ تتہٕ اوُس ہمن دوہن اکھ رُت ادبی ماحول۔ سیفی سوپوری اوس ہیڈ ماسٹر
یُس اکھ بنیٛ لٕغلیمی تہٕ ادبی شخصیت اُس۔ ہمن دوہن تہٕ آسہٕ سوپور شہرچہ
ادبی ژدیہٕ واژنہٕ تہٕ تہٕ کافی ہوس تنقید۔ یہوے ماحول سُہ میٚنہٕ بیٚنیہ ہمہٕ وزٕ حاصل
ییلہٕ بہٕ حاجن تبدیل گوس۔ حاجن ہائر سکینڈری منٛز آسی برونٛٹھے منظور ہاشمی تہٕ
محمّد احسن احسنؔ کام کران۔ ینہٕ ماجہ ہنٛدِ طرزِ گفتارٕ سیتی اوس میٚنہٕ کاشُر زبانٕ تی
ہُنٛد مُدریرک تہٕ باوژ بلکُ احساس برونٛٹھے مگر لیکھہٕ پہٕ خاطرٕ اُسم یہ زبان
ورتاونٕ مُشکل باسان۔ ژکہٕ اوس اُردو میانٛس دمس دمس سُنیتھ گومُت تہٕ
بہٕ اوسُس نہٕ کاشرِ پاٹھی سوٗنچھتے ہیکان۔ حاجنہٕ سٕہ میٚنہٕ کاشر ادب ژدیہ
تہٕ کاشرس منٛز بنیٛ خود اعتمادی برادنہٕ خاطرٕ کوٚرم کاشر آنز۔ منظور ہاشمی تہٕ
احسن صابنہٕ بانٛدبانٛدٕ تہٕ پروفیسر حاجنی صابنہٕ تحریکہ کوٚرمیہ کاشر پاٹھ لیکھن شوروٗع



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

میانہِ ناولہِ ترٲوِش تہٕ شرتیکُ" سوٗرُے مسود کوٚر منظوٗر ہاشمی ین نقل، خداکرِ
تَس ہنت لفسیب، کوتاہ شفیق، رُت تہٕ شریف النسان اوس، حلجنے لپوکھ
میٚہ یِنٕ گوڈنیکُ کأشر افسانہٕ تہٕ اُتی لیکھِ نووُس یہٕ محمد احسن احسنن تنقیدی
مضمون تہٕ۔ احسنس ہیوی زھوچ تہٕ بے غرض کأشر زبأنی ہندی ژُدکس دَر
چھِہ میٚہ کم دِچھمتی۔ اکِہ دوہ آو رشید نازکی سوکولس منٛز، دوییہ دوہ آسے
شیٚنچھ سُوزِتھ مشعل سُلطانپوری تہٕ نشاط انصاری انٛز تہٕ میو ادبی مرکز
کمراز تھیٚتہٕ۔

کأشرس منٛز ناول چھاپنہٕ پتہٕ اوسُم ارادِ برابر ناولہٕ لیکھنکُ۔ مگر یہ ہیوٚک
نہٕ میٚہ کرِتھ۔ نہٕ کوٗشِشہٕ کرِم مگر فضول۔ حوصلہ شکنی سَپنز خطا چھِنہٕ کُنہِ
ادارس ملکہ نسانین رلیولود صأئب یمن منٛز کینٛہہ حضرات نہٕ چھہ ہیکان غأر
جانبدأری سان فنی آیہِ سوٗنچتھ تہٕ دُنہِ چھہ اکِہ خاص سوٗنچہٕ، مصلحژ یا دَرٕ
بندی کِتی کأشر زبأنی تہٕ ادبس برٛونٛہہ پکہٕ نَس منٛز ٹھرٕ بنان۔

انسان چھُہ خالقِ ازلی سٕنٛز ساروِے کھوتہٕ بڈٕ تخلیق تہٕ فطری طور چھُہ
یہِ پتہٕ نِس خالقس پٕنٕہ تخلیق کأری سیتی لول بران۔ شاید ہے آسہِ کانٛہہ انسان
یُس کُنہِ نتہٕ کُنہِ رنگہٕ زندگیہِ ہِنٛدس کُنہِ تہِ منٛزلَس پیٹھ کُنہِ تخلیق کأری
ہُنٛد شوق آسِہ نہٕ رُودمُت۔ انسان چھُہ مرنس کھوژان تہٕ یرمتھ انسان
چھُہ مرنہٕ برونٛہہ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ کرُن یعنے رژُن یژھان۔ انسانس چھُہ باران
زِ تٔمِس کُنہِ چیزس منٛز یِتُن ذہن ژُدمرأوتھ ہیٚکِہ سُہ کُنہِ عدلس تام ہوتس
شکس دِتھ۔ تمام لُکھ چھِہ اولادِ ہُنٛدِس صورتس منٛز پانس زانیُن دِنہٕ
کوٗشِش کران۔ تیتھ دُنیاہس منٛز بنہٕ کانٛہہ نشانہٕ، نہنٛہِ کانٛہہ چھاپ۔ یِنٕ


CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

کاہِنہ انداز بیتھ کُن ترادِنٛہ خاہش چھےٚ ژکہِ رژناےِ ہنٛز دگ تہٕ یہِ دگ چھےٚ حساس آسنہٕ ترٛکنہٕ فنکارس زیادے پرٛیشان کران۔ سہٕ چھُ پننہٕ شخصیٚژ ہنٛزِ لَس فنس منٛز ژھٕمراوان تہٕ اَمہِ آیہٕ پننہٕ وۄجودچ بازیافت کران۔ اُتھی منزلس چھُ عام پٲٹھۍ تجربچ بادتھ وَنان۔

اَکھ لِکھارۍ یہِ کینژھا وُچھان چھُ یران یا سوزان چھُ سہٕ چھُ ژلیتھ مِلیتھ تمُ سُند تجربہٕ بنان۔ یہِ تجربہٕ چھُ لَس کمہٕ تام کمی ہُنٛد احساس دِوان۔ لَس چھُ کیاہتام رۄدمُت باسان۔ مختلف سوال چھِ پٲدٕ سپدان۔ مختلف فنکارن خاطرٕ چھےٚ یہِ کمی یا کیاہتام تہٕ آسنک بٲس، مختلف اظہار معنے تہٕ نوعیت تھوان۔ باضے چھےٚ اَکۍ سے لِکھارِس خاطرٕ مختلف ستھرین پیٹھہ یہِ کمی متضاد رنگن منٛز لبنہٕ یِوان۔ بنٛنہِ کتھہ کران ونٛہ بہٕ بحیثیت نثر نگار چھےٚ یہِ کمی میانہِ خاطرٕ سماجی، اقتصادی، سیاسی تہٕ نفسیاتی نوعیت تھوان۔ بحیثیت شاعر چھیم وۄجودچ دگ۔ اکھ ازلی تنہاٸی، زندگیہ ہنٛد تضاد، اکھ خوف تہٕ پزر بننہٕ آیہٕ پرٛزناونچ بیقرارۍ۔ بعض پھرٛکیہٕ ناداں تہٕ کیاہتام رۄدمُت لبنچ، کیاہتام برگی پورٕ کرنچ اکھ ناکام کوشش کرِتھ چھُس بالس برٛم دِوان زِ بہٕ تہِ چھُس لِکھارۍ۔ پننہِ ہنٛزِ مختلف تہٕ بلضے متضاد (تہِ کیازِ پزرُک باس چھُ دوزنگل حیوانس خاطرٕ بدلوُن رودان) ذہنی رۄدین چھُس بہٕ مختلف ادبی فارمو تہٕ صنفو دُسی کاغذی لباس لاگِتھ یہِ دٕلچ زِ تہٕ فریاد کرِتھ بننہٕ گرٛنژِ الوارۍ پورٕ کران۔ یہوے فریاد چھُ میون لیکھُن تہٕ اگر بہٕ یہِ فریاد کرٕنہٕ مہٕ باسہِ دَم! امہِ تلہٕ چھُ یہِ تہِ ننان زِ اکھ لِکھارۍ چھُ پنٛنۍ یوس لوٚژ روانہِ خاطرٕ تہِ لیکھان۔ باضے چھُ لِکھارۍ کعبتس یوان تہٕ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

پُن دوہِ کانمِس مُرِتھ چھُ تس بالِنس اکھ کتھا رسن باسان۔ مرحوم تیج
بہادر بھانن ہیلہِ جی، پی، فنڈ کڈِتھ پننی کتاب چھپاوِتھ دوستن باگراو،
آسنی گٔمِتی ناراض تہٕ مرومُن وڈن لَس پننہِ مخصوص آیہ، ہیلیہٕ ژے پرسُن
اوسے۔ تمہِ دِژ کورٹا میہ ژےٚ آپریشن کرنادِ تہٕ خاطر جی، پی، فنڈ، تکیاز
ژےٚ اوسے پھٹنُک خطر۔ اگر یہ کتاب چھاپہٕ لمتر تَلیہ پھٹیہٕ لہٕ تہٕ۔"

لیکھُن چھُ شوق مگر چھَر اشوق کرنہٕ کیھیں۔ شوقس گژھِ اکھ گرانگل
یا اکھ مٔنز تہٕ آسُن۔ یہ مٔنز چھُپنہٕ سَہل کتھ۔ اُمہِ خاطر گژھ احساس تہٕ کل
تہٕ سو بصیرت تہٕ ژِھ کھنڈ آسنی۔ یوسہٕ مَنچہ کٔنہٕ پھنی بنادِ تہٕ اُکس خود
بیپر دِ گیہٕ ہُندس عالمس اتہٕ نتھ ژِھس مٔنز۔ اِرسن یتھ تخلیقی وِژنان
چھِ۔ اُمہِ ژِہر وِس چھُ لیکھُن ممکن مگر اکھ تخلیقی بازفت چھُنے اُمے
ژھُنیک دیت۔

بامنے چھُ معاوضہٕ میلنُک خیال تہٕ لیکھنچ زبردس تحریک بنان۔ ناول
لیکھنُک شوق بیچھوٗر میہ ڈراما نویسی کُن تہٕ کھلہٕ ڈٔلرہ پٲٹھی لیکھِم ڈراما
یمن مٔنز وار یاہ اچھوٗتی تہٕ معیاری اسی۔ ریڈیو خاطر لیکھنہٕ سیتی اوس معاوضہٕ
تہٕ میلان تہٕ ناو تہٕ۔ تہٕ یوٚتام یِران کشور ڈراما انچارج اوس تووٚتام اوس میہ
ڈراما لیکھُن تہٕ خوش کران۔ وول گو ڈراما لیکھنہٕ سیتی بیکھو میانہٕ نثر نگاری
ہنر تو ژِہ بیٹھ ناکار اثر۔ بامنے ژدر وو میہ مجبوٗری کِنی اکھ طویل تجربہٕ
فقط اُکِس گھنٹہٕ کِس ڈرامس مٔنز تہٕ معاوضہٕ خاطرے یوت لیکھنُک بنیاد
یہ دِیج تہٕ تہٕ میون لیکھُن رٔوی یہ! اکھ کتھ وتہٕ لُس چھنہٕ میہ کانہہ گال
زِ کاشر زبان تہٕ پرتھنک بنیادی وجہ چھُ زِ کاشر پرِتھ چھنہٕ وُنہٕ تہٕ اوز کیچ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

کاہنہ مسوٚدٕ۔ یوتام کُل ریاستس منٛز اُردو ہیچھ جایہ کأشرِس تہٕ ڈوگرِس ییہ
تہٕ دِتھ تؠتام گو سورُے آب منٛدن۔ کأشر دوٚس چھے کأشر انفرادیت کھوکھر
یہ انفرادیت دزندار بناونک کأشر بَرن والین تہٕ لیکھن والین ہُنٛد خاب
چھُہ مےٚ دونی بالس یرم دیتُ باسان۔

دونی چھُنہٕ مےٚ لیکھنکُ سہ آیہ تہٕ تأل رُدمُت لیس ۱۹۹۹ء ؤرِس
تام ادس۔ وجہ؟ بدلوٚنی حالات۔ گرِ آس کھلہٕ ڈوٚلہٕ جاے، اکھ نفیس
ذاتی لائبریری یوسہٕ ژمبر ہزارٕ رتھ آس۔ دِلچ فراغت تہٕ ذہنی سوکون۔ دونی
چھُنہٕ کہیں۔ کرایہ ہندی زنکہ وأری، نہٕ کتابہٕ تھولس جاے تہٕ نہٕ لیکھنکُ
ماحول۔ نہٕ کاہنہ مواد تہٕ ذہنی فراغت۔ سورُے زنتہ دم کھٹی۔ زانہٕ دِے زِمتن
کتابن تہٕ مسوٚدن کیا آسہ گومُت۔ یٚیتہ چھُہ مُسلسل دزٕ دٕلِس نارس چھیپہٕ
لگُن۔ بیٚیٹھ ذاتی زندگیہ ہندی غالیہ۔ اَتھ ماحولس منٛز کیتھہٕ کنٕ چھُس
لیکھان تہٕ دُن چھُہ مشکل۔ حالاتو چھُہ اَتھن منٛز تہٕ رعشہ پادٕ کوٚرمُت۔ یہ
تہٕ زاہنہ بیرلمتی چھُہ بیہوان رنگہٕ رنگہٕ زرُن۔ گرٕ راولنس سیتی رد سورُے۔
میون وجود تہٕ ایڈرس تام۔ اکِس ووہ پرستی منٛز دہ ہرِن منٛز ہیٚتہ آمُت
اکھ زرٕ کوٚل وجود۔ وول گو ہیلہ تہٕ منٛز چھُہ کلہ کدان تکیس سیتی
ڈکھ دِتھ چھُس تھکھ دِی دِی لیکھان۔ بامنے چھُس لیکھنہ بروٚنہہ سونچان
مگر بیٚیلہ تہٕ لیکھنہ بہان چھُس سارے سوٚنچمتس چھے ٹ چھانٹ تہٕ
برٕ ژر سپدان۔

جبری ہجرت چھے مےٚ دُنہٕ ذہنس آورتھ۔ جنت بدر سپدنہٕ
پتہٕ از تام چھُہ برابر آدم ہیچ تکیہ نار منٛزی گُدرٛان روٚدمُت۔ رادون رادون
تہٕ راوی راوی راون، یہوے چھُہ آسی سُند ازلہٕ لون)۔ اَتھی راولنس چھُس بہ پننہٕ آیہ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

# رشید سرشار

رشید سرشار چھُ سانہِ زبانہِ ہُنٛد اکھ نوجوان لِکھاری یِم
زاے وان گام کاپرینہِ ۱۴ ارمہ جون ۱۹۵۳ء یس منٛز۔ یَمو چھُ بی
اے تام پوٚرمُت تہٕ پیشہِ چھُکھ بطورِ سرکاری ماسٹر اختیار کوٚرمُت۔
یِم چھِ شاعر، افسانہِ تہِ چھِ لیکھان تہٕ مختلف موٚضوعن پیٹھ
چھِ مقالہٕ تہِ لیکھان۔ دیان پروفیسر غلام محمد شاد صابن چھنے
یِمن نثر لیکھنس منٛز راہبری کرُمٕژ۔ یُس تِم تہنٛد احسان
مانان چھِ۔

(ادارٕ)



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

رشید سرشار

# بہٕ کیازِ تہٕ کِتھہٕ پاٹھۍ چھُس لیکھان

بہٕ کیازِ تہٕ کِتھہٕ پاٹھۍ چھُس لیکھان، اَتھ چھُ بقول مرزا غالب پی صحیحی جواب ہے

انسان ہوں پیالہ و ساغر نہیں ہوں میں۔

موضوعس کُن یِنہٕ برونٛہہ چھُ میٚنۍ عادتھ رودمُت سہٕ فضہ وتلاوُک یُس موحرک چھُ بنان کُنہٕ عملہٕ ہُنٛد۔

انسان چھُ سماجی پوش۔ یمہٕ کِنۍ اُمی سندی حِس پننس اَنٛدۍ پکھِس تہٕ سماجی بندِشن دِیہٕ دُنی چھِ آسان۔ سماجی حِس، یا سماجی شعور



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

چھُ کلہم خیالن، نظریاتن، احساساتن، اثراتن، روایتن، رواجن ہُنٛد
تاثُر۔ یہِ چھُ تاثر تہٕ اظہار ٹھوس پرزٕ ک، یتھ سیتی تہٕ کانٛہہ بےٚ ہنگم دخل
ممکن چھُ۔ حساس انسان یُس اظہارِ فطرت آسہِ، ہیٚکہِ نہٕ کلہم موجود
خیالاتن پننہِ بارٕ خاطرٕ ورتاوِتھ لاگِتھ، تہٕ نہٕ ہیٚکہِ مکمل پانٛژھۍ من سیتی
بغاوتھ کرِتھ۔

ظلمن، احساس، خیال، خواہش بیتر چھُ فرد سٕنٛدِ ذہنک ٹُلہٕ مایہ۔ یُس
فرد سُنٛد کِردار تہٕ اظہارٕ رنٛگی ردِ عمل چھُ ہاوان۔ یتھ کنی چھُ فرد سُنٛد سماجی
نفسیات تامیر سپدان۔

میٚے چھُ پزٕ ژھ زِ منش چھُ کلہم پانٛژھۍ سماجی رشتن ہُنٛد البم، یہِ
چھُ سو لیٚت پاکو لیٚت منتی زمانک آسان۔ گورکی ین چھُ وانکو سُنٛد
کِردار یتھ کنی پیش کوٚرمُت زِ سہٕ چھُ انہٕ گنٛڈ راژن منز منٛز درِ دوٚن
دِل ہاوِتھ لوکن ہُنٛد خاطر دِتہٕ گاشراون۔

میانٛی کنی چھُ یہے حساس انسان تہٕ شاعر تہٕ ادیب سُنٛد مُژھیل
تہٕ صحی کِردار۔ یہِ چھُ سہٕ پس منظر ہمیک ترجمان بنٛنتھ شوعوری طور پٲٹھۍ
ہیکان چھِس۔ انکہ انسان یُس انتشارک تہٕ اضطرابک شکار چھُ، یُس
بے ہود گمانو تہٕ خیالو تہٕ نظریاتو، النہٕ خصلژ نشی موشمت چھُ، یُس
تواریخ مسخ کرِتھ آدم تنک لاغر چھُ۔ معاشی تہٕ سماجی نابرابری کنی چھُ
سون سماج کلہمسے میتھ مظلوم باسان۔ تہٕ امہ سارے سبے گۅڈ ہمتس
زبان دِتھ، اظہار دِتھ، ادب سہٕ زبان شاعری ہنٛز آسہِ بانس، میون مدعا
چھُ پیٚ زِ ژلہٕ لدٕ آدم گوٚژھ بیدار گژھُن۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

بہٕ یہٕ لیکھان چھُس تہٕ چھُس CONSCIOUSLY لیکھان۔ کانہہ تہٕ
فن پارٕ یا خیال چھُہ تمی وزِ بنِن آسُن باسہٕ ناوان، ییلی تمیک اظہار،
پٲراو تہٕ زبان وۄیہٕ وۄنی آسہٕ۔ یہٕ چھُس شاعری منز اظہار وُطیرک قایل۔
ظون یا خیال گۄناہ تہٕ دو یہٕ اٗسی تن اگر باوژیل یا اظہار وُطیرِ شاعرانہٕ
خوش یوُدُن۔ آسہٕ، سُہ چھُہ بنِن صحی مُقام براوان۔

کانہہ تہٕ مۆضوٗع ویژھناونہٕ موکھ ہیکہِ لولہٕ زبان وۄرناونہٕ ییتھ، تہٕ
چھُس شوٗعوری طور پی کران ؎

نٲدِمن ریوٗش تہٕ شایدے دَم چھُٹو
کوٗل للہِ ہُندٕ سُہ سرشار یکھا؟

وُچاپی سمین کرٕی کم کم رو لوٗد۔ مگر بہٕ تھ کانہہ چھُہ زحمن منہٕ ینہٕ
آیہ اظہار دوان۔ اکثر اظہار چھُہ چھِرٲوِ بدٲکھے باسان۔ میٚہ تہٕ کرٕ کوشش
مثالہٕ کینژہ نظمہٕ مثلن، احساس، میون البم، ستہٕ نمتھ لور، آتر، بریم،
پل زُن۔ عظیم چھُہ وطن میون عظیم، مولا چھُہ میون، بیترِ یمو منز کینژہ
چھپیے یہ، تہٕ چھُہ عکاسی یمن احساسن ہُند یم میٚنے شوٗعوری پاٹھٕ زیٖنہٕ
منگ منگ کرِس

ماجہِ للہِ ہندٕ ماجہٕ نیاٗرک دِس قسم۔
کاشرِ ہنز گجہٕ زلو ہُند دِس قسم۔
زندگی ہنز دوسہٕ دژِ سہٕ منز ژھل ژھننہٕ۔
ماجہِ تانِس پاے بندِتس زل چھننہٕ۔

"میون البم"



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

میوٚن جاد بہن ظوٗن چھُہ نثرس کنۍ ۔ یہ چھُس حیدلیاتی نظریک متاثر
نثر لیکھنہٕ وزِ چھُنہٕ میٚے موضوعن ہنز کمی باسان ۔ وول گوٚڈ سرٕ ون مطالعہ
چھُہ ضروٗری ییمہِ کنہِ نثر پارس منز روانی سیتی سنجیدگی تہٕ شعوٗر
تہٕ یاد چھُہ گژھان ۔ کنہٕ تہٕ موضوعس پیٹھ لیکھنہٕ برونٛہہ (شار لیکھنہٕ وزِ
نثر) چھُس یہ موضوع ییتہٕ اَکھ متلق پران ۔

یہ چھُس فلسفک ( PHILOSPHY ) نفسیاتی فلسفک ____
(PSYCHOLOGY PHILOSPHY) تہٕ پولیٹیکل فلاسفی (POLITICAL
PHILOSPHY) ہُند طالب علم ۔ فلسفک مطلب چھُہ تبدیلی ہندِ خاطر
وجہ پرزناوٕنہ رہبری خاطر فلسفہ دو تلاوٕن ۔

اُدیب تہٕ شاعر چھُہ ادبی فلسفس یا علومس سیتی مضبوط رشتہٕ
تھاوان ۔ شاعر سُند اظہار یا عام چھُہ عوامی تاثر سیتی مالامال آسان اوے
کنہِ (سماجس منز پرٛیہ ووٚن اہمیت کنہِ) چھُہ اَکھ اظہارس منز فنی نزاکت
اہم رول تبہ تھاوان ۔

ادب ، ادبہ شاعری ، نثر یا کنہِ تہٕ صورژ (FORM) منز آسہِ چھُہ
سماجی احساسن ہُند سارِ وے کھوٚتہٕ کھوٚد ہراوِ وول شعوٗری اظہارک
صوٗرتھ ۔ تہٕ سماجس منز چھُہ روحانی پوختگی خاطر اہم کردار نبھہ والان ۔
جمالیاتی عبس فن پارن منز چھُہ اکھ عنصر (ELEMENT).
میٚے چھُہ باسان تہِ ساری آسو اَکھ سیتی اتفاق کران زِ یہ چھُنہٕ کلہم
شاعرانہ فنی اظہارٕچ کانٛہہ بیوٚن نظریہ ( THEORY ) ییتھ کنہِ زن
آسہِ منز کینہہ چھُہ مانان زِ ادب چھُہ ادیب سٕنز شخصیتک اظہار تہٕ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

پوچھرُک ذرٕیہٕ۔ (SELF IMPROVEMENT) بیتھ کینہ
چھِ ادیب یا شاعر پننہِ پننہِ ذاتکہِ پوچھر تہٕ اظہارِ سیتی کُلس بیٹھ
سماجس منز اکھ اہم مان ہش زنم لبان۔ یوس پوٗلُس کلہم پاٹھو
سماجکین سارنے فردن ہنز نمایندگی (REPRESENTATION)
چھِ بنان۔

ادبی اظہارن۔ شاعری، سنگ تراشی، مصوری، نثری فن پارٕ، زبانی
منز سماجی ہیت، لوٗب زنم تہٕ پھہیوٗد، سماجی نفسیاتس تہٕ ضرورتن مطابق
کانہہ تہٕ تخلیقی۔ تاثر چھُ، ادہ ادیب، فن، سائنس آسہِ، موجوٗد قدرن
(VALVES) ہند احترام کرٕی بھتے پننہِ ذاتکہِ پوچھر SELF IMPROVEMENT
یا کلہم انسانی، ہتکہِ رِزر خاطر پھینگُ آسے رٹان۔
ادبی اظہارُک موضوٗع چھُ پھہیلتھ۔ امہِ کس دایرس منز چھِ زوٗن
زونگ پرتھ کانہہ شعبہٕ (FIELD) یوان۔ غم جانانس سیتی سیتی چھُ غم
دوران تہٕ شاعرانہٕ اظہارِ وطیرکینہ ترٚتی فن پارٕ بنان۔ اردو زبانی منز
یاوتہٕ آسٕ نظم "تاج محل" ہے "شبشوں کا مسیحا کوئی نہیں" بیتر چھِ اکھ
ثبوت۔

پننہِ قلمکہ برشہٕ سیتی چھُس پننین احساسن، جذباتن، حادثاتن
حادثاتن تہٕ نظریاتن (یم میٚنے اندی تکھی زوٗن والین ہندی تہٕ چھ)
تصویر ناوتھ، کتھہ کرنادیخ کوشش کران۔ جادہ یہن چھُس بیہ زانتھ
ماپتھ نثر تہٕ نظمہِ لیکھان۔ نظمن چھُس بہٕ اکھ خاص پکہٕ دون توازن
یا وزن وَرناوان۔ نثرس منز چھِ میٚنے معاشی، فلسفیانہٕ، سماجی، ادبی بیتر



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

موضوع از نام آزماومتی، مثلن۔ معاشی تہٕ سماجی تفاوتھ، حبہٕ عظمتھ، شوٗعور زبان تہٕ خیال، زبان اکھ زرٕی یہٕ، مادٕ تہٕ شوٗعور، اظہارٕ وٕطیرٕ ادب تہٕ اظہار، مبہم سونچ، سماجی شوٗعور، ادب تہٕ سماجی نفسیاتھ، بیترٕ۔

روٗزٕ زوٗنہٕ کران ڈلو گاشکبن وقتن مُنابہٕ ناوٕ لٔکھیومتین، عارٕی ثاتن، عمن تہٕ خوٗشرین حھپس یہٕ راتھ ہنٛزٕ بامعنی ـــ موٗن ازٕی چھ راتھ چھ کشیرِ منٛز مزار لیچ ہش خاموشی تہٕ بیم ہیتھ آسان ـــ ژھوٗیہٕ منز لفظن ہنز صورتھ گران۔ یہٕ یہٕ لیکھان گرٛھان حھپس تھ ستی حھپس کیتھ گران تہٕ پکان۔ گھہے بڑ ہنٛہٕ تہٕ گھہے لو تہٕ لوتہٕ زن تہٕ چھیم بوزن واٲلی بروٗنہہ کنہٕ منٛزی شابش تہٕ منٛزی ... ... کران۔ تمہ وِزِ چھیُم جادے لطف یوان ییلہٕ ... ... لرٕ چھیم شونگیتھ آسان تہٕ منٛزی حھپس یہٕ زاٲلی دار زلفن پران پران پہنٛز موجوٗدگی ہُند احساس تھاوتھ گندان۔ لیکھُن چھیُم سیٹھاہ سہل بآسان۔ مگر یتہٕ نارن ( COPY ) چھیم بارِ گران زود نمت۔ یتھٕ کِنہٕ کھیوٗد گوڈٕ ایمرجنسی، یتہٕ کدٕرٕی کال داریاہ۔

کینہہ شار چھس موضوٗعس نزاکت زنگی ارپن کران۔

.......

مُنابہٕ مہرٕ ہنٛہٕ وَن زٕہے فہمد حھکھ
مانٛز مہرازس زٕ لاگ یانے نمت۔
وَن کمس وَنہٕ وٕوٗن پٔنن
وچھ سہٕ زنگہٕ البم
سہٕ لٔیس زود لہس
حھکر ووہس۔"

"میوٗن البم"



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

شار کینہہ بٔیؤن بٔیون غزلن ہُندی :-

اَزلہٕ لاَئِس ذٔہن لیٚچھ منٛہ دلوانہٕ گی
ذائی پانے میٚے بنٛنی شہر ہاوہے

O

تلہٕ ساسہ بہٕ قلمن کرُو لانٛہن لیکھو
گوٚو اگر سرشار کتھن، قایل تہٕ مٔو دا!

O

أس تمُ سنٛزٕ شکلہٕ کنٛی
دِل بے قل بلہٕ فیتوٚو
پرٛزٕ چھہٕ سرشارُن وٗجوٗد
سَرچھہٕ ٹوٚ پہ سیٚتن بچوٗو

O

دِل ترہٕ لوٚم
وَسہٕ زَن نار لوٗگمُ
مَن شانت گژھیم
مُشرُوم رازہ ترٛنگ ــــــ رازَن ہنز کتھ
اوٚش دارِ وٚوتھمُ
حرفن ہُند حال وُچھتھ
اُتھرو اوس ورقن وَچھہ زُلمت
زن پانہٕ ہرشی أس واقات رَب مژھہ ہٕرٛ۔"
(سَنٛزٕ نمتہٕ لور)



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

مشعل سُلطانپوری

# کأشرِ شارِ صنف وَژُن

کأشرِس ادبس منٛزیم شارِ ذاژ ژِٕکھِن مروج چھےٚ یمو منٛز چھےٚ کینٛہہ فارسی ادبہٕ پیٹھہ یہہ اَتھ آمٕژ مثالہِ پأٹھۍ غزل، مثنوی، مرثیہ بیترِ تہٕ کینٛہہ انگریزی تہٕ اُردو ادبہٕ پیٹھہٕ نظم، آزادٕ نظمہٕ، سانیٹ نأوی صنفہٕ۔ کأشرِ شاعری چھےٚ واکھ، شرُکھ تہٕ وژن نأوی صِنفہٕ پننےٚ اگرچہ زانہٕ یوان لوٚتہٕ یمن تہٕ ووٚنٛت دِچھو خبر یہندی آگر تہٕ کیاہ ین لبنہٕ۔ زبانہٕ ییتھہٕ پأٹھۍ لفظہٕ راشہٕ کنہٕ اکھ اَکِس ستۍ ہیوٚن دِیُن کران روزان چھےٚ تیتھےٚ پأٹھۍ چھِ یمن زبانن ہنٛد ادب تہٕ پانہٕ وأنۍ اکھ بیکھ رنگ لین دِین کران رُود مُت۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

وژنس متعلق چھُ یہ کاشُر زبانی تہٕ ادبک مورخ عبدالاحد آزاد کاہنہ باوتھ
کران۔ امہِ کہ زادہِ جارچ چھِنہٕ کیتھے، سہ چھُنہٕ اکثر غزلہٕ تہٕ نظمہِ منز تہٕ کاہنہ بین
ہاوچ کوشش کران۔ اتھ سلسلس منز چھےٚ گوڈنچ باقاعدٕ کوشش اوتار کرشن
رہبرن "کاشراد بچ تاریخ" ناوچ ہنہ کتابہِ منز کرمژ۔ سہ چھُ وژنچہ ہیُنز متلق
تہٕ کتھ کران تہٕ موضوعس متلق تہٕ۔ پوٚز امہِ کس آگرس متلق چھُنہٕ کاہنہ
وضاحت ہنیکان کرِتھ۔ تسند گف چھُ "وژنہٕ سرحد چھِ ہندستانی گیتس تہٕ
انگریزی لیرکس ستی میلان۔ اتھ اندر چھُ دُلکہ باُتن ہیند ہیوُمنزر تہٕ شوزر تہٕ
فارسی غزلچ ہش روانی تہٕ میچھر موجود۔ ٹیکنیکی لحاظہ وژنچ بڈ پہچان تہٕ
فرق چھُنے یہ زِ یہ چھُنہٕ فارسی شاعری ہنز کنہٕ ذاژ بیٹھ لوٚر وژنان، سنسکرت،
فارسی تہٕ مقامی بحر چھِنے تتھ پاُٹھی دلہٕ ملہٕ گامژا کھ نوٚو پیوند چھُ تیار سپدان۔"

امہِ کتھ ہُند چھُنہٕ مےٚ ازتاں کاہنہ بے بتاہ توٚگمت زِ سنسکرت شار
سرمالیس منز یا ہندستانچہ بی کنہٕ علاقائی زبانی ہندس ادبس منز چھا یژھ کاہنہ
شارہ ذاژ کنہٕ نہٕ، لوٚدوے کوشش جاری چھےٚ۔ پوٚز رہبر صابنہ یہ کتھ چھےٚ
وبھٹے ہش باسان زِ فارسی شاعری ہنز کنہٕ شارہ ذاژ چھُنہٕ اَتھ ستی تولق۔
فارسی شاعری ہنزی دیوان وُچھتھ دانچھتھ چھِنے مےٚ یہ کتھ ننے ژٕر زِ
تتہٕ تہٕ چھِنے یژھے شارہ ہیٔت موجود یدوے تم اَتھ "وژن" چھُنہٕ ونان۔
فارسی ادبچہ "تاریخ تطور شعر فارسی" کتابہِ منز چھُ ملک الشعراء بہار شیخ
سعدی سُنز شاعری ہندس عروضی نظامس متلق کتھ کران لیکھان "درمورد
ایں گونہ اوزان گاہے شاعر سہ پارہ اول را بہ طریق مسمط مصرع میاورد وپارہ
آخر را بہ طریق ترجیع در پایان ہر بیت تکرار می کند"۔ یعنے یمن اوزانن دوران
چھُ شاعر کنہٕ وِز اکی وزنکی ترے مصرسمطکی پاُٹھی آنان تہٕ تم حصہٕ یا مصرعہ بتھ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

شاعر کس اُترس ہیتھ پھری پھری آنان۔ ییتھ پزیاد تھاوُن ز اُتھی اکھ مصرع پھری پھری آننس چھہ اُسی دوجہ مصرع ونان۔ مثالہٕ ژھارنچہٕ کوشش پیتر چھیٚ اَسہٕ فارسی شاعری منز یم کینہہ مثالہٕ نظر گژھان۔

۴۴۰ھ دلیس منز دُنیاہس آمتس حکیم سنائی سُند یم شار

اے کوکب عالی دُرج وصلت حرام است وحرج اے رکن طاعت ہم چو حج

عاشق لبی موید ہمی رُخ رابہ خون شوید ہمی اَلصّبرُ مفتاحِ الفرج !

شاعرِ چین گوید ہمی اَلصّبرُ مفتاحِ الفرج

پتہٕ پتہٕ ییتھ وآلس شیخ سعدی سُنڈ یم شار

اے سروٚ بالائے سہی کز صورت جان آگہی

وز ہر کہ در عالم بہی مانیز ہم بد نیستم

گر گلشن خوشبو توئی وز بلبل خوشگو توئی

ور درجہاں نیکو توئی مانیز ہم بد نیستم

دیوان شمس تبریزی منز ے

حجاب از چشم بکشائی کہ سُبحٰن الذی اسریٰ

ہزاراں عقل بربائی کہ سُبحٰن الذی اسریٰ

نہی ہر فرق جاں تاج بری دِل رابہ معراج

چو خورشیدش برآرائی کہ سُبحٰن الذی اسریٰ

یوٚتام چھہٕ یہ ونان ز گوڈنکہ ترےٚ مصرع چھہٕ اکی سے قافیس منز تہٕ پتہٕ چھہ دوجہ مصرع۔ یوٚز یہ کتھ تہٕ چھینہٕ گنڈتھ۔

کُنہٕ چھہٕ گوڈنیک تہٕ ترٛیم مصرع ہم قافیہ تہٕ امہٕ علاوٕ اکہٕ قسمکہٕ اندرونی قافیہ بندی ہش۔ مثالہٕ پاٹھی



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

چو اندر آید یارم      چہ خوش بود بہ خدا
چو گیرد اندر کنارم      چہ خوش بود بہ خدا
شبِ وصال بیابم      شبم چو روز شود،
کہ روز و شب نہ شمارم      چہ خوش بود بہ خدا،

(دیوانِ شمس تبریزی)

یِم چھِہ فارسی زبانٕ ہندی بٔڑ شاعر یِم للہ دیدِ تہٕ حضرت شیخ العالمس رح وَاتہٕ بوٚنٹھ ایرانس منٛز ؤتھی مٕتۍ چھِہ۔ اگر کشیرِ منٛز فارسی بولن والین ہندٕ یِن گژھن محمود غزنوی سُندۍ حملو بیٚٹھہ تہٕ مانٛن یِیہِ توٚتہٕ چھِہ شیخ العالم رح سٕندِس زمانس تام وری ہتھ نار گزرٕمٕتۍ آسان۔ اَندی کٕنۍ خاص کرِتھ ہندستانس منٛز مسلمانن ہنٛز حکومت قایم گامٕتس تہٕ چھِہ ورۍ ہتھ جوراہ گژھان۔ پنجاب بیٚتہ سیٚتۍ اسہٕ نبر ملرٕ دِلن اَمس ادس زٕ ہتھ وری تہٕ زیادٕ مسلمانن ہندِس قبضس منٛز کشیر کیتھ پاٹھۍ ہیکہِ لہٕ فارسی کرِ اثر نتہٕ مچھِ روزتھ۔ لہٰذا اگر حضرت شیخ العالمن وژن ہیٚشہ منٛز کینٛہہ لیوکھ، تاجب چھُنہٕ زِ فارسی شاعرن ہندی دیوان آسہٕ ہٕن امہِ وخت یور واتی ہتہٕ گیون محفلن منٛز آسہٕ ہن یِم پانٛتہٕ گیونہٕ لیوان۔

" وژن " لفظ چھُہ گوڈٕ نیتھ للہ دیدِ ہندِس کلامس منٛز نظر گژھان۔ " سُہ مے للہِ گو وَاکھ تہٕ وژن "، یوٚز ازیک نان بدس شہادژ کٕنۍ چھُنہٕ للہ دیدِ کانٛہہ تہٕ وژن لیوکھمُت۔ یہِ ہیٚت چھِنہٕ شیخ العالم رح سٕنٛزِ شاعری منٛز نظر گژھان۔ تِہٕندۍ اکثر مناجات چھِہ وژن ہیٚشہِ منٛزے، چھِہم ژٕ تن ژٕ مہربانہٕ، بار خدایا پیٚنہٕ نوار تیٚتھ مے وردتو دِو ـــــ تہٕ کینٛہہ نظم تہٕ مثالہِ پاٹھۍ گونگل نامہٕ، گیر ترودم نُکس کیتو ہوٚن چھِسے دپان وو باوو۔ حض شیخن یِمہِ آیہٕ یہِ ہیٚت وَدتو ورژھِنے۔ تیتہٕ چھِنے تہٕ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

مصرہم قافیہ آسنہٕ پابندی کمیے پان کرنہٕ آمژ۔ مثالہٕ پاٹھی

زانہٕ میون چھینے امرہٕ گوڑو۔ تمی لوٗرے سمسارِ کو

گوگرس ژاٹھا ژوٗرو ، تتھ منّے وردتو دو

یاہ پھیتجن باگہٕ نے کرنادلس تے تو خی رسمی زگ پژون کھو

لونہٕ دیتھ دنہٕ وتھ تولناونس تے لیس کر گومنگل سے کرِ کراو

پوز ووج مصر آسنہٕ پنج یانے ژورِم مصر پھری پھری ورتاونہٕ رلوایت چھینہٕ
کنی تہٕ پھرادتہٕ آمژ۔ وژن ہیتر متعلق کتھ کران چھے اوتار کرشن رہبر لکھان زِ
اکس وژنس اندر چھ کینہہ بند آسان۔ یمن بندن ہُند تیداد ہیکہ کینہہ تہٕ آسِتھ۔
عام پاٹھی چھ اکھ وژن ہرِ ستی شروع گژھان۔ ہرگو وژنک گوڈ ہر۔ گوڈنیک
مصر۔ امہٕ پتہٕ چھ وکھنے مصر (REFRAIN) لوان۔ پتہٕ چھ مختلف بند لوان تہٕ
پریتھ اکہ بندہٕ پتہٕ چھ وکھنے مصر بار بار لوان۔ اکس بندس اندر چھ عام طور
ترے پر آسان۔ یم ترے پر سکن ہم قافیہ تہٕ آسِتھ تہٕ قافیہ نشہٕ آزاد تہٕ
آسِتھ۔ مگر زیادہ چھ تتھی یمن اندر گوڈنیک تہٕ ترِیم پر ہم قافیہ آسان چھ۔
پتہٕ چھ رہبر صاب موضوع لحاظ وژن شاعری بٲگنے کران۔

موضوع لحاظہٕ بٲگنے کرِنہٕ کتھ اوٗل طرف تراوِتھ ہیکو اکھ کتھ تاکارہٕ پاٹھی
وننتھ زِ وژن ہیٔت چھینے مختلف موضوع شارن منز بیان کرنہٕ خاطرہٕ ورتاونہٕ
آمژ۔ صوفی شاعرو بنوو یہ دلکی وٲری دات تہٕ روحانی تجربن ہنز باوژ ہند
وسیلہٕ عشقہٕ دادکو وبدا کھ دنہٕ والیو لولہٕ سفرکی سنی وود گیتو وکھناونک ذریعہ۔
خطاب کرن والیو شونگی منز لوکھ وُزنہٕ ناونہٕ باپتھ تہٕ وطندارو، رگن رگن
وطنک شرپیہ پھیرنہٕ خاطرہٕ۔

گوڈہٕ کالہٕ بیٹھے رودی کاشرِ شاعری منز زُ رجحان غالب اکھ صوفیانہٕ تہٕ

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh 

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

تہٕ بیاکھ لولک رُجحان۔ صوٗفیانہٕ تہٕ اَدس۔ ذکرِ لولکیُ رجحان، عام طور کرٕ یِمَو تِمَو زبأنی منز کٔنتھ ہیتھ اُسی لولچ زبان وَنو۔ مثالہ پأٹھۍ حبیب اللّٰہ نوشہریارم سندِ تمہِ اکہِ وژنکُ یہِ شار

دِل مےٚ اکِہِ لَسن تہٕ مےٚ میجابےتن ، کُمامو بہ تھوو تم سےٚ لادَن
اُڈیلُ ماسینوس زاَڈیلُ بدَن ، کُمارٕ ژنو وُنی زَلیس لوزِ عالم،
یٚیشر ژنگو رۆدی نہٕ تم ترٚے مصر ہم قافیہ آسکو پابند، تہندِ بیکہِ وژنکُ شار
وچھتوس

سودا گرٕ ژھوو کرونتھ دوکانس ، ینیتہِ ہوژوٗرن قأمن میلان
زار بار کردوس شاہ جیلانسؒ ، وَانس گرٕ ژھوو بھپالوٗ دِتھ،
موٗمن صأبنس ییتھ وژن شارس منز چھُ بدلے قافیہ نظام
گوڈٕ ین سکندر۔ ظلمات اژھ اندر۔ خواجہ خضر ہمراہ۔ تو بیتھے تہٕ تو بتہ کیاٚ
تہٕ سو چھہِ کرٕ النس ییتھ شارس منز امہِ لَشہِ تہٕ بدل گوڈٕ رس
کارندٕ کار باشندٕ ، خداوندالٰہی ، دارُ گوژھ ہورن چینٕد ، پارٕود چھنےٚ بے وفائیُ
پارٕود گرٕژھ مارن ہیتٕ ، خداوندالٰہی،
کُنہ گوڈنکو ژٕ مصر ہم قافیہ۔ کُنہِ گوڈنیکُ تہٕ ترٕیم ، کُنہِ ژوٗرشوے مصر ہم قافیہ
تہٕ پیٚم ژٕ مصر ، دوٚیم تہٕ ژوٗرم
لوٗز ودج مصر چھہِ پھری پھری یُن لازمی وژن رۆد صوٗفی شاعرن
منز تہٕ مقبول تہٕ لولہِ بأتھ گیون والین منز تہٕ۔ امہ منز آے ہی تہٕ گوٗندی کرنہٕ
تہٕ بالہ یارس تہٕ گرادِ سوزنہٕ۔ وژن آےٚ موٗمن صأبس پیٹھ لالہِ آرِ گامس تان
سأری صوٗفی شاعر لیکھان تہٕ حبہ خوتونہِ پیٹھ ژنگیس رحمان راہی لیس تہٕ
امین کأملس تان سأری غار صوٗفی شاعر تہٕ۔ یہِ لوگ وسل میرس تہٕ پوشہ مالہِ پونت


CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

ژھاین شابش کرُن بکار تہٕ مہجوُرس تہٕ آزادی تہٕ الہٕ بانہٕ وکھنٔ کرُن۔ نمٕ تہٕ آزادن لیچھہٕ مشہوٗرٕ نظمہٕ اَکھی ہیٚتھ منٛز مثالہٕ پٲٹھی زوٗن، کاشرِ زبانہِ دٲری یاو بیترٕ۔

یہٕ چھنہٕ سمٕھی جاندار شارٕ ہیٚت تیتھ منٛز لشیمہٕ ہُنٛز نرمی تہٕ چھنے تہٕ مانچھکٕ مدٕریر تہٕ۔ کاثرٕ نبگرن ہنٛد اَدی جبارتہٕ تہٕ تیٚژ کالہٕ کہٕ میچ مُتی تہٕ۔ دویمن زبانن ہندِ ادبہٕ پٮ۪ٹھہٕ استفادٕ کرُن سیتی تہٕ بہٕ آسہ اَکھ ہیٚترتہٕ لول بیٚرن۔

---

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

غلام نبی شاد خیال

# "بائبل" — کأشرِ زبأنی منز

کأشرِ زبأنی ہنز گوڈنچ کتاب سپز ۱۸۲۱ء منز چھاپ۔ یہ اوس دراصل بائبل ہند نوِ عہد نامکِ اکہِ حصک کأشر ترجمہ یُس شاردا رسم خطس منز چھاپنہٕ آو تہٕ کور سیرام پوٗرکہٕ عیسأیے مُبلغو شایع۔ امہِ پتہٕ درائے اَمی ترجمکی بیہ زٕ ایڈیشن تہٕ بازرہم اُتھی رسم خطس منز گوڈٕ ۱۸۲۷ہس منز تہٕ بیہ پتہٕ ۱۸۳۲ہس اندر چھاپ سپدی۔

۱۸۵۴ء ہس منز آیہ بیاکھ کأشر کتاب چھاپنہٕ تہٕ اَمیک رسم خط اوس رومن۔ یہِ اوس زبأنی متعلق اکھ پرائمری یُس پنڈت سالگ رام کولن ترتیب



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

دِتھ کینژھن عیسایے دوستن ہندِس وَنٚس پیٹھ نیاد کوٚرتہٕ چھوپ۔ اَتھ
اوس ناو کاشُر قاعدٕ۔ اَتھ اَسی ۶۰ صفحہٕ تہٕ اَتھ منز اوس سارنی کاشرین
لفظن انگریزی پٲٹھی تہٕ ترجمہ آمُت دِنہٕ یتھ زَن گاشُر تہٕ زانُن وٲلین
سہولت سپدِ ہے۔ اَتھ منز چھہ کوٚتن زبٲنی ہُنز ۱۱، آواز تہٕ کھٕژھ ہمین منز
۲۵ ر صد اوٚہی تہٕ ۳۶ ژھو پٲدی چھہ۔

جیالال کول چھہ پننہٕ سرسری پٲٹھی لیچھمر کتابہٕ سٹڈیز ان کشیری یس
منز بیہِ اکہِ ترجمکُ تہٕ ذکر کران یُس تمی سَند وننہ مکمل بائبلہٕ لیعنی پرون عہد
نامہ تہٕ نوو عہد نامہٕ شامِل کرتھ کرنہ آو تہٕ آو ۱۸۹۹ہس منز چھاپ کرنہٕ
مگر کوٚتن چھہ حسبِ عادت اَتھ بیانس ستی کانہہ سند یا حوالہ پیش کرنس
کیٚھتی کھیشر تہٕ نہ چھُن ہنس پرلت واٲس ووٚنمُت زِ یہٕ ترجمہ چھا مسوّدنگی
موجود کِنہ نہ۔

اَما پوز کاشرِ زبٲنی منز گوڈنیچ مکمل کتاب وَنو صحیح پٲٹھی یتھی یوس
مروج نستعلیق خطس منز ۱۸۸۴ہس منز چھاپنہٕ آیہٕ۔ یہ اوس بائبلہ ہندِ
نوِ عہد نامک ترجمہ یتھ اَسی بے شک پٲٹھی کاشرِ زبٲنی منز ساروی برٲنی
تہٕ ساروی کھوتہٕ نادر کتاب وَنو یوسہ سرتو لوٚٹ موجود چھہ۔

میہ چھہ پانس فخر زِ امہٕ کتابہ ہُنڈ اکھ نسخہ چھہ میہ نِش۔ یہ چھہ
۸۷۴ ر صفحن پیٹھ پھلیتھ۔ پنجاب کِس شہر لدھیانس منز چھہ مشنری پریس
پیٹھ چھاپنہٕ آمُت تہٕ پنجاب بائیبل سوسایٹی ہندِ طرفہٕ چھہ شایع سپدمُت۔
یہ ترجمہ چھہ پادری ٹی، آر، واڈے ین کوٚرمُت۔ یہ چھنہٕ پیے زِ واڈے یس
اوسا پانس کاشُر پوٚرِ پٲٹھی تگان کِنہ تہٕ۔ پریم ناتھ بزاز چھہ نِش اکھ
مستشرق تہٕ مبلغ وَنان۔ تَس نسبت چھہ یتہٕ لیکھنہٕ آمُت زِ تمی چھہ کاشر



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

زبانٕ ہُنٛد گوڈنیُک گرامر تہٕ مُرتب کوٚرمُت لیُس وقتہٕ کِہن حٲری ثانٕ ہُنٛد شِکار سپُد. کٲشرِ پٲٹھۍ توٚد عہدنامہ پھِرِنہٕ چہٕ کامہ منٛز چھُ واڈےلیس اکی مُقٲمی اہلِ زبان یار محمد خانن پوٚرٕ پوٚرٕ آتھ رٔٹ کوٚرمُت.

بائیبلہِ ہنٛدِ کٲشرِ ترجمہٕ کٲپی کیٛتھ پٲٹھۍ کرٕ میٚہ حٲصِل. یہ چھُ اکھ دلچسپ واقعہ:

تِمہٕ آسن اکہٕ بلہٕ ۴۰ وری گٲمتی تِلہٕ میٚہ کِنہ گوٚڈ زٕ پریسگرس منٛز چھُ اکِس پادرس نِش بائیبلہ ہنٛد یہ نُسخہ موجود. یہ کِڈان کِڈان ودلِتھ یہ آبی گُذر ییتہٕ یہ پادری لیُس ہنٛد تہٕ دونی ناد میٚہ ژٕتس چھُ. کرایہ اوس رفدان. تٔس نِش تِلہٕ میٚہ پننی خٲہش ظٲہر کرٕ زٕ میٚہ گژھہ یہ کتاب تمہِ کوٚر سرا سر اِنکار. سٟتی ووٚنُن زٕ میٚہ کیاہ زِن چھُ اکھ کتابہ کرُن یتھ تہٕ میانِس مذہبس سٟتی کانٛہہ واسطہ چھُ. کیٛتھہ کال گژھت سمکھس ٲرٕ لتس بیٚیہ. اُزی چہٕ پھیر گوس بہٕ سونہٕ وارکِس      چرچس منٛز ییتہٕ یہ پادری اوس واعظ پران. میٚہ دوٚپ یہ چھُ خانۍ خُدا نعر گژھس ما دِلس اثر تہٕ کرِ ما کتاب میٚہ عطا. مگر اتھی خانہٕ خُدایس منٛز دوٚلن سہ ابز. میٚہ دوٚن لتس زِ میٚہ چھُ عیسٲیے بننُک فٲصِلہ کوٚرمُت. لِہٰذا چھُس بہٕ پننی مذہبی کتاب پننی زبانِ منٛز پرٕنۍ یژھان. پادرِس توٚر فِکرِ زٕ یہ چھُ محض اکھ فریب. تمہِ کوٚر میٚہ زبردس رُعب تہٕ دوپنم نیرٕ یمہٕ پاک جایہِ منٛزٕ نیبر. بہٕ دراس امہِ چرچہِ منٛز مگر دِل اوسُم یہ دُبرِ تہٕ کھسمُت.

لگ بھگ رٕدُس بہٕ اکِس وُدی لیُس اُمس پادرِس سیٚتۍ. یہ تہٕ کوتاہ سنگ ہیکہِ سہے اُسِتھ. چھیکرس گوو سُہ رام تہٕ دژنم یہ کتاب. سٟتی دوٚپنم اَتھ چھےٚ اکھ ڈبل قیمت. میٚہ دِژلس روپے تہٕ ہیٚژولس نیرُن زٕ تمہِ دوٚپنم یُور کُن لوز تہٕ دِتھم. "بہٕ ہیکہِ سہے ژٕیہٕ یہ کتاب پیٚتھے دِتھ. مگر دِلن موٚنم نہٕ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

ژھمک اکھ درییتھ وٚن نوجوان۔ باسان چھم یمہِ ماجہِ زلوٚ ہمند چھُے شوق
تہٕ تہٕ زٲکھ تہٕ۔ روپے ہیژرے اوہ موکھہ زٕ ژٕییہ روزہی میانٕی یہِ لفسیت
یاد زِ ہرگاہ کأیسہ کاہنہ چیز ہیوان آسکھ تمیکھ موٗل آسی زِ ادا کران۔"
پادری ڈوبھ ییتہ زٕ یہِ نُسخہ چھُے واحد نُسخہ یُس موجوٗد چھُہ۔

یہِ کتاب آئس منز رٲٹھ تہٕ اکھین دوٗنن نوٚن شبن صفن پھیر
پھیر وِوان ڈلتھ بتہٕ مہاراج گنج تہٕ ہٲوِم نوٗر محمد صأبس۔ نوٗر محمد صأب
اللہ تعالیٰ کرِہیٚس فرِیق رحمت۔ اوس کأشرِکی بوڈ علمبردار تہٕ کأشرِن کتابن
ہُند سون گوڈنیک پبلشر۔ نوٗر محمد صأب گوو یہِ کتاب وچھتھ سیٹھاہ خوش
تہٕ ووٚنُن زٕ یہِ چھیت ژٕیہ یزِہی پأنٹھی اکھ خزانہ اکھ حأصل کوٚرمت۔ نوٗر صأب
ووٚنکھ یہِ کتاب گژھہِ وٕرنی ٹھتھ پأنٹھی رٚژھراوِنی ییتھ کٕنی اکس مضبوط صندوقس
منز اکھ قیمتی لال چھِن تھاوان۔ اسیکہ مطلب گوٚو یی زِ اکھ گژھہِ لفنیس تہٕ
مضبوط جلدِ ہناوِ کرنی۔ نوٗر صأبنِس مشورس پیٹھ گوس بہٕ لال چوک نارمل پریسس
پیٹھ تہٕ کرٕ نووِم اکھ چرمی جلد ییتھ پانژھ روپیہ لجہِ۔

کأشرِن لوکن تہٕ خاص کر کأشر زبانی منزن ڈگ دارن پزِ زِ ومرِ
وُمران یِم کیتھ باپتھ عیسأیی پادرین ہُند شکر گذار روزُن زِ ہتنز وِی
اَن تھک تہٕ پرٛخلوص کوشش کٕنی سپدِ ییتہ اکھ زبأنی منز کیٚنہہ رسالہ تہٕ
کتاب چھاپ یِم کٕنی کأشر زبأنی ہنز آیندہ ترقی ہنز وتھ کٕنہ حدس تام
ہموار سپز۔

بأیبلہِ منز نوٚ عہد نامہِ دراے چھاپناوی یِموٚ پادرو انجیلکی کیٚنہہ حصہ
کأشرِس منز سأرِس ہنٛس رسم خطس منز تہٕ تہٕ رومن خطس انگریزی تہٕ۔ یِموٗ منز
آسی زِ ڈاکٹر بیم پادری تہٕ آسی۔ ڈاکٹر نیو تہٕ ڈاکٹر ایوزن اکھ خبرنامہ تہٕ کأشرِ

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

پؠٹھی کڈان لۄس درگبن تہٕ رٕعیتوارٕ ہندٮ۪ن مشن ہسپتالن منز بیمارن تہٕ تہندٮ۪ن خبرٕ والین باگرتھ اَدس یوان۔ یم زٕ ڈاکٹر یلہٕ واپس گےٚ یہٕ خبرنامہٕ تہٕ گوٚو بند۔ یہٕ اخبار اَدس نسخ یعنی عربی خطس منز چھپان۔

کینہہ کال برونٹھ کۄٚہمہ کِس اخبار کشیر ٹایمزس منز دراو اکھ خبر زِ ۱۹۹۸ءہس منز یعنی سالٕ رٔوانس اندر یِیہِ نوٚ عہد نامُک کاشُر ترجمہٕ شایع کرنہٕ۔ تہٕ سۄ تہٕ "گوڈنیُک پھیرٕ" ۱۲ جون ۱۹۹۷ءکِس اخبارس منز چھپیمژ یہٕ خبر دِژ مےٚ غلط قرار نکیازِ مےٚ نِش اَدس ۱۸۸۴ءک ترجمہ ہیٚر توٚلوِتھ چھاپ گژھتھ موجوٗد۔ امہٕ پتہٕ دراو اُکھی اخبارس منز کُس نام پرودمن جوزف دِتھ چھُکھ۔ اکھ چٹھ منز پیٚوو درشس مانُن زِ اہناد ترجمہ چھُہ چھپیومُت مگر وۄنی کۄرُن بالکل عذر پیش زِ "ترجمس منز چھِ بے شمار آیہ ہیمتی لہٰذا چھُہ چھاپہٕ سۄدمُت ترجمہ نامکمل (کشیر ٹایمز، جولائی ۱۹۹۷ء)۔ مےٚ سوٗز بیہِ اکھ جوابی مضمون اُکھی اخبارس یتھ منز مےٚ رُو رعایتہٕ ورأے بیان کۄر زِ دَر چھُہ وۄنی دۄیمہ پھیرٕ غلط بیانی کران۔ مےٚ دیُت لۄس ہمہٕ وکھ زِ کاشرس منز چھِنہٕ اکھ لفظ تہٕ تراونہٕ آمُت تہٕ اتھ منز چھِ نوٚ عہد نامہٕ چِہ سارٕنی ۲۷ رِہتہٕ کتابہٕ۔ ۲۶۰ ابن تہٕ ۸۱۵۹ آیت ہند مکمل کاشُر ترجمہ موجوٗد۔ لۄس ترجمہ زُن بائیبلہٕ ہندٮ۪ن یمن سارنی ایڈیشنن منز اُسی وچھان چھِہ۔ یم بیٚون بیٚون زبانن منز دُنیہکیٚن بیٚون بیٚون مُلکن منز اِز تام چھاپنہٕ چھِہ آمتۍ۔

مےٚ کۄر یہٕ نکتہٕ تہٕ واضح زٕ درکن یمہٕ ادارتی بورڈُک ذکر چھُہ کرمُت تہٕ یتھ منز لکھنٕد ونیٚہ "اہلِ زبان" یعنی کُس نام دلبر حسین۔ جوزف دِ اقبال فہیم، طاہر مسیح تہٕ پادری جم بوسٹ شامل چھِہ۔ ہیٚکہٕ نہٕ یہٕ کام کرتھ اہل آسِتھ نکیازِ یمو منزٕ چھِنہٕ کانہہ تہٕ یونانی، عبرانی تہٕ کاشر زبانی بیک وقت



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

زانان یہِ زِٹ بائیبل ترجمس منز انٹہٕ باپتھ لازمی چھہٕ۔

افسوس ہیتھ چھہٕ میٚیہ پی تجویز کورُٹ زِ ۱۸۸۴ اعک بائیبل گژھہ نوٚ سرٕ ازکس مروجہ رسم خطس منٛز چھاپ سیدٕن۔ تکیازِ اتھ منز چھہٕ کینہہ کینہہ پرانہِ طرزک املا ورتاونہٕ آمُت مثلن ساٚنہٕ زبانہِ منز یُس "ژ" چھہٕ تمہٕ بدلہ چھہٕ ژورِ پھیری کرِتھ "ح" یعنی "ج" استعمال آمُت کرنہٕ۔

ورہ سُند تجویز چھہٕ زِ خیال صاٚب کرِن نوِس ترجمس چھاپ گژھنس انتظار ترٕ تمہٕ بتہٕ دِین ہتیٚز رایہ۔ بہٕ چھُس برابر اُتھی انتظارس منز بےتابی ساٚن بائیبلہِ ہندس نوِس ترجمس پراران۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

ڈاکٹر شفقت الطاف

# شیکسپیئرس کاشرِس منز

ولیم شیکسپیرس چھ عالمی سوتھرکس ادبس منز امتیازی سند حاصل. تسندین ڈرامہن چھِ تیژ فنی وسعت تہٕ تخلیقی پوختگی زِ تم چھِ زمان مکانکہ سرحد اوٚک پوٚرتراوتھ پرتھ زمانس منز قبولیت پراوان۔ پنز چھُ یہ تہِ زِ ازہ بروٚنہہ ژور ہتھ وری آیہ شیکسپیر سندی ڈراما اکِس ادنا تہٕ لوکٹِس تھیٹرس منز گندنہ مگر تویتہٕ تہٕ چھُ ازکِس جدید انسانس یم ڈراما وچھنک، پرنکُ یا گندنک سےٚ تجسُس تہٕ اشتیاق برقرار۔ یُس شیکسپیرس ہم عصر لوٚکن اوس۔ امیک وجہ چھُ یہ زِ شیکسپیرٕ چھُ انسٲنی نفسیاتُک، احساساتن تہٕ جذباتن ہند اکھ غٲر معموٗلی ماہر اوسمت تہٕ دوٚیم چھِ تسنز شخصیت سراپا ادبی تہٕ تخلیقی جوہرو سیتی مالامال آسمٕژ یمہ کنی تسندی ڈراما ادبی لحاظہ پرتھ زمانس منز پُرکشش تہٕ پُرتاثیر بنیے۔ یہ چھُ اکھ مسلم حقیقت زِ ییتھ نہ بٲنہٕ اندر تہٕ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

شیکسپیرنی ڈراما ترجمہ آسن سپدی متی تمہ تہ آنہ ہندس ڈراہمس اندر ڈرامیح ترقی تہ پایہ جاآیی خاطرٕ شیکسپیری ڈرامآیی ٹیکنیکن ہند استفادٕ کرن لازمی بنان۔

کأشرس منز چھُ وننگ تام شیکسپیر سندی ترێے ڈراما پھیرنہٕ آمتی یمن منز اوتھیلو، کنگ لیر تہٕ جولیس سیزر شامل چھِ۔ اوتھیلو چھُ شیکسپیر سندِ شہرۂ آفاق ڈرامہن منز شامل۔ یمی ڈرامہن کرٕ پننہٕ ادبی معیارٕ کنہ تیز مقبولیت حاصل زِ یتہٕ بنیوو شیکسپیرس عالمی ادبس اندر بُلند مرتبہ دلنس منز اکھ وسیلہٕ ثابت۔ اوتھیلو ڈرامہٕ کردار سازی منز چھُنہ کنہٕ تہ قسمک ژھوٗر بہٕ یوان کڈنہٕ ۔ کرٕدارن ہُنز عمل چھِ تتھ کنٕی ہُنرمندی سان ترتیب دنہٕ آمٕژ زِ یرن وآس یا وُچھن وآلس چھُنہٕ ڈرامہکین آخری حادثن یعنے ڈیسڈیمونا ہُندس قتلس تہٕ اوستھیلو ہنز خود کشی تام واتنس منز کانہہ تہٕ تھوس یوان۔ مذکورٕ ڈرامہک پلاٹ چھُ تیوٗت چُست تہٕ مربوط زِ اتھ اندر شامل سارٕنے واقعاتن چھُ پانہٕ وأنی اکھ فنی تہٕ فکری تسلسل تہٕ اتھ تسلسلس چھُ ڈرامہکس تھیمس ستی سێدٕ سیوٗد واٹھ۔ اوتھیلو ڈرامہک کأشر ترجمہٕ چھُ غلام نبی ناظرن کورمت تہٕ یہ ترجمہٕ کوٚر ساہتیہ اکیڈیمی نوٕ دلہٕ ١٩٩٠ ء منز شایع ۔ ناظرن چھُ یہ ڈراما کأشرِ وانیع سیٹھاہ محنت کرٕمتٕر۔ بیتے یوت تہٕ بلکہ چھُ تمی ترجمس دوران ڈرامہکس اصلی ماخذس تام واتنیع پرِ یتھ ممکن کوشش کرٕمٕژ۔ مگر یہ چھُ اکِس ترجمہٕ کارس خاطرٕ کرٕ وٕٹھ زِ سُہ اننہٕ اصلی تخلیق کار سُند صحیح مزاج، لہجہ، مدعا، جذبہ تہٕ حِس کأشرٕ ۔ ترجمک یہ پریشان کرن وول سوال زہنس منز ووتلتھ چھُ کنہٕ وِز یہ گمان



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

تہٕ گژھان زِ ترجمہ کرُن چھا ممکن کیتہٕ نہٕ ؟ اوتھٕلو چھُ بنیادی طور اکھ منظوٗم
ڈراما یعنے شاعری منز۔ وننہٕ چھُ یِوان زِ شاعری ترجمہٕ کرنٕچ کوٗشش چھےٚ
تہذیب سوزی تہٕ جمالیاتی گستاخی۔ لہٰذا چھُ منظوٗم ادب پارٕ ترجمہٕ کرنہٕ کس
مسلس پیٹھ دوٚن ہِہ کھوتہٕ دوٚہہ تضاد ہُران۔ ترجمکی یمے محدوٗد امکان
نظرِ تل تھاوتھ چھُ اوتھٕلوٚک ترجمہٕ ناظرن نثرس منز کوٚرمت ۔ چنانچہ
ییٚلہِ اُسی کانٛہہ نظم پارٕ نثرس منز پھران چھےٚ تمہِ ستی چھُ امہٕ نظمہٕ ہنز
افادیت، حُسن تہٕ مزاژ یکسر راوان تہٕ یِہ ہے وکانہٕ چھُ ناظرنٕس ترجمس تہٕ
گوٚمُت ۔ یوٗزٕ بوزِو زِ شاعری ہند ہر بیتھ کانٛہہ مصرعہ چھُ مُولیں یا
اچھرن ہُند مجموعی آہنگ آسان تہٕ امہٕ آہنگٕک بلاواسطہٕ تعلق چھُ معنس ستی
تہٕ ییتھ پاٹھی ہیکوٗ نتھ زِ آہنگس تہٕ معنیس درمیان چھُ اکھ ناقابلِ تنسیخ رشتہٕ
اوتھٕلو ڈرامہک حُسن تہٕ چھُ امکِس شاعرانہ آہنگس منزے رٔچھتھ تکیاژ اتھ
منز چھےٚ سو جمالیاتی کیفیت نظرِ گژھان یُس نہٕ نثرس مقابلہ ڈٲلی ڈٲلی
یاد روزن واجنہٕ چھےٚ تہٕ بییہ چھےٚ یہ کیفیت انسانی ذہنس پیٹھ اکھ لافانی
چھاپھ تراوان۔ ییٚلہِ پاری چھیٚنہٕ ناظر نینس ترجمس اندر یہ شاعرانہٕ آہنگ برقرار
ہیٚوکمُت تھاوتھ یمہِ کنی امہٕ ڈرامہک حُسن تہٕ مزاژ روٗمُت چھُ۔ یہ کتھ ییہٕ
مانٛنی زِ ناظرن چھُ کاشرِ زبانہٕ ہندِ فطری محاورٕ ورتاوتھ ترجمس اندر کاشُر
ماحول ووتلاونٕچ نہایت کوٗشش کرمٕژ۔ البتہٕ تمٕ چھیٚنہٕ یہٕ ترجمہٕ شیکسپیرٕ
سندس شاعرانہٕ آہنگس نکھہٕ انٛنٕچ کانٛہہ تہٕ سنجیدہ کوٗشش کرمٕژ۔
امہٕ علاوٕ چھیٚنہٕ ناظرنہٕ ترجمکی کیٚنہہ اقتباس اصل ڈرامہس ستی کانٛہہ تہٕ معنوی
ہم آہنگی تھاوان یمہِ ستی اصلس تہٕ ترجمس درمیان اکھ لسانی خلیج پادٕ چھُ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

گوٚمت ۔ وٕچھو مثال :۔

شیکسپیئر ۵

ROD: TUSH: NEVER TELL ME. I TAKE IT MUCH UNKINDLY,
THAT THOU, IAGO, WHO HAST HAD MY PURSE,
AS IF THE STRINGS WERE THINE, SHOULD'ST KNOW OF THIS.

ناظر ۶

رودٕگو : انہہ انہہ گرٕھ نیر پانس ۔ میہ نہ ون یژھ کتھ۔
میہ چھ دل دوٚد مُت ۔ ژٕ یہ ہیوٚ ایاگو و خرچاو دیار میانی ۔ ژن
چھہ ہینہ چندکی تم ۔ نتہ اوسہے ناہ اُمیگ ژٕ یہ پے کینہہ ؟

باسان چھ زِ یہ ترجمہ چھُنہٕ صحیح ۔ بنیادی چھُ رودرٕگو ایاگوس یہ
ونُن یژھان زِ " ژٕ مہ کر حیلہ تہٕ بہانہ ۔ ژٕ چھُک سنگ دِل ۔ نتہ اوسک ژٕ میانس
چندس بیہ کھلنہٕ کران ۔ نتہ اُسہے ژٕ یہ پتا زِ کتھ کیا چھ "۔ ناظرن چھ امہ کلامکِس
آخرس پیٹھ سوالیہ نشان تروومت یمہٕ ستیٚ یہ تاثر پاد چھُ سپدان زِ زن چھُ
رودرگو ایاگوس ستیٚ استفہامیہ (INTERROGATIVE) اندازس منٛز کلام کران یہ
زن سراسر غلط چھ بلکہ چھُ سُہ مثبت تہٕ اقراری اندازٕ ایاگوس ستیٚ ہمکلام ۔

شیکسپیئر ۷

MON: WHAT FROM THE CAPE CAN YOU DISCERN AT SEA?

ناظر ۸

مونتانو : توہہ کیاہ چھُ بوزنہٕ یوان ۔ یمہٕ بٹھہ پیٹھ
سمندرس منٛز ؟

دراصل چھُنہ مونتانو سمندر بٹھہ پیٹھ سمندرُک صورتِ حال
وٕچھان بلکہ چھُ سُہ سمندرس منٛز اکہ ٹینگر (CAPE) پیٹھ


CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

سمندرُک جاۓ پیٚوان ۔ لہٰذا چھُ باسان زِ ناظر چھ کُنہٕ کُنہٕ جایہِ شیکسپیرنی زبان سمجھنس منز تہٕ غلط فہمی ہنٛد شکار گومت ۔

کنگ لیر تہٕ جوٗلیس سیزر چھ شیکسپیر سندین عظیم ڈرامہن منز شمار کرنہٕ یوان ۔ کاشرس منز کٔرِ یم دوٕشوٕے ڈراما ناجی منورن ترجمہٕ ۔ جوٗلیس سیزر گوٚو اپریل ۱۹۶۷ء منز چھاپ یِیلہِ زن کنگ لیر ۱۹۸۹ء منز منظرِ عام ہندوستانی زبانن اندر یم تہٕ ترجمہٕ شیکسپیر سندین ڈرامہن ہندی سپدی تمن نسبت چھ یمن دوٕشونے ترجمہٕ ڈرامہن منز یہ خصوصیت زِ یم چھ شیکسپیر سندس شاعرانہٕ آہنگس تہٕ اُسلوبس نکھہٕ ۔ یہ کتھ پیٚیہِ ماننی زِ کانہہ تہٕ منظوم ادبی تخلیق منظوم پاٹھی ترجمہٕ کرُن گوو ہفت خوان طے کرنس برابر ۔ یہ چھ حقیقت زِ ہرگاہ شیکسپیر سندین منظوم ڈرامہن ہنٛد ترجمہٕ منظوم پاٹھی سپدِ تہٕ تیلہِ راوِ تمن ہنٛز اصلی مدعا ، مزاژ تہٕ معنہِ ۔ بیٚین چھُس بہٕ ناجی منور سندس یتھ تولس سیتی ۱۰۰ فی صدی متفق زِ :

> "شیکسپیر نہٕ کُنہٕ تہٕ ڈرامہک ترجمہٕ گژھہِ شاعری منزٕے سپدُن ییتھ پاٹھو زن یوٗنانی ڈرامہن ہُند ترجمہٕ انگریز زبانہٕ اندر صرف شاعری منزٕے سپدُمت چھُ ۔ یم ڈراما چھِ ڈراما آسنس سیتی سیتی شارِ تخلیق تہٕ " ۹

کنگ لیر چھ اکھ طویل ڈرامائی نظم ییتھ منز سٕہ صورتِ حال چھ پیش کرنہٕ آمت یُس زن سانہِ دوہہ دِہچہِ زندگی ہنٛد اکھ عام موضوع چھُ یعنی ماٗلس تہٕ اولادس درمیان تصادم ۔ یہ موضوع پُر قوت تہٕ پُر کشش بناونہٕ خاطرٕ چھُ شیکسپیرن مناسب کردارن ہُند انتخاب کوٗرمت تہٕ امہ علاوٕ چھُن اتھ ڈرامہس اندر زِ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

پلاٹ تھُری مِتی۔ دوٚشوٚنے پلاٹن ہنٛد مرکزی کردار چھُ لیٖر یُس پننہٕ حماقژ سٟتی پننہٕ تابیدار تہٕ فرض شناس کورِ ہیٚریتیک دوان چھُ تہٕ تِمن لوٚکن رٕنٛنہٕ ناوان یمن تہٕ حقیقتس منٛز لیٖرَس سٟتی کانٛہہ تہٕ محبت آسان چھُ۔ یتھٕ پاٹھی چھُ لیٖر زندگی ہنٛدین آخری ایامن منٛز دُکھ لگان۔ ناجؔی منورن چھُ یہ ڈراما سپٟھاہ جانفشانی، جانکُسدستی تہٕ باریک بینی سان ترجمہ کوٚرمُت۔ امہٕ ترجمک لغور جایزٕ ہینہٕ پتہٕ چھُ یمہٕ کتھہٕ ہنٛد احساس پادٕ گژھان زِ ناجی منورن چھُ شیکسپیر سنٛز زبان، کردار تہٕ موضوع نہ اننس تہٕ پرکھنس منٛز حدٕ کھوتہٕ زیادٕ کامیابی برآمد۔ ووٚنی گوٚو نسبتاً اکھ کامیاب ترجمہ آسنہٕ باوجوٗد تہٕ چھُ اتھ اندر کینژن فروگذاشتن کُن نظر پیوان۔ وچھو مثال:

شیکسپیر سُنٛد

GENT: CONTENDING WITH FRETFUL ELEMENT;

BIRDS THE WIND BLOW THE EARTH INTO THE SEA,

OR SWELL THE CURLED WATERS' BONE THE MAIN,

THAT THINGS MIGHT CHANGE, OR CEASE:
FEARS HIS WHITE HAIR,

WHICH THE IMPETUOUS BLASTS, WITH EYELESS RAGE,

CATCH IN THEIR FURY, AND MAKE NOTHING OF:

STRIVES IN HIS LITTLE WORLD OF MAN TO OUT SCORN

THE TO-AND-FRO-CONFLICTING WIND AND RAIN.

THIS NIGHT WHEREIN THE CUB-DRAWN BEAR WOULD COUCH,

THE LION AND THE BELLY-PINCHED WOLF

KEEP THEIR FUR DRY, UNBONNETED HE RUNS,



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

AND BIDS WHAT WILL TAKE ALL.

ناجی منور نفر: سہ چھُ طوفانٔی طاقتس سیتی جنگ کران

منزٕ دِواں واوس حکمُ

گرٛزھ زیٖن سارے ژھتس سوٚدرس اندر

نتہٕ سوٚدرے تھوٚد تلتھ چھانٛن ژٕ ساتس پاتھس

منزٕ ہیوان چھوٚت مس پیٚنن کھنزٕ کھنزٕ کڈن

یتھ چھِ ہوکٕی شیر گلی ژکھ پیٚترِ وڈاوان اوٕرپور

کیٚنہہ نہٕ تھاوان ڈنجہ واو

سہٕ چھُ یس محدوٗد آدمی دنیاہس منز سنخ جکھان

یُتھ زِلتھ دِتھ تراوِ اتھ

اُزٕ چھ یمہٕ طوفانٔی راژ ___

واوٕ ژنجہ تہٕ روٗد ہٹھاسان پان زن

دوٗر انہٕ گٹہٕ پہایہ ہاپیٹر

دوٗنی چھ پادر سہہ تہٕ پوٚہ چھِ ہوت رامہ ہوٗن

چھپنہٕ باپت جلے ژھاران اوٕرپور

شُتہٕ دوران اوٕرپور

وۄڈ نوٗن بدحال پاٹھی

کرکہ دِتھ واوس زٕ نان

"تہٕ ڈوٚتھ سورے ڈوٚتھ"

کاشرس ترجمس منز تراوِیہ میہٕ کینژن لفظن تہٕ مصرعن تلہٕ کنہٕ رِکھہٕ -



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

یمن رکھن پیٹھ کنہ یم تہ لفظ یا مصرعہ چھِ تمن چھُنہٕ بظاہر ڈرامہکس اصلس سیتیٖ کانٛہہ تہ معنوی تہٕ لسانی مطابقت باسان ۔ " سُہ چھُ بس محدود آدمیٖ دنیاہس منٛز سنٛخ جکھان" ، " دوٗر انہٕ گٹہٕ پیایہٕ ہاپٕژ" ، " چھپنہٕ باپت جاے ژھاران اوٕرپور" ہوی مصرعہ چھینہٕ شیکسپیرٕ سندس ماخذ ڈرامہس سیتیٖ کانٛہہ واٹھ تھاوان ۔ یمن مصرعن ہنٛد صحیح ترجمہٕ ہیٚکہٕ بِل ترتیب میانٛی کِنیٖ یہِ سپدتھ " بس محدود آدمی دنیاہس منٛز حقارژ برٛژو نظرو وچھان "۔ دوٗر انہٕ گٹہٕ تیوٗ کیو ہاپٕژ دوٚدے یِہانٛتھ۔" "زوٗ دِنِس بچنہٕ باپت گوٚ چھِ منٛزے یِتھ " اَمہِ علاوٕ چھُ " یُتھ زِلتھ دِتھ ترٛاوِ اتھ" مصرعہ چھُ اَکھ ہاوران کنُ

مصرعہ باسان تکیازِ امیُک استعمال چھُ فرسودٕ تہٕ یہ چھُنہ کُنہ جایہ تہٕ ماخذ ڈرامہس سیتیٖ واٹھ کھیوان ۔ تاجی مَوٗرن چھِ پننِس ترجمس دوران اکثر جاین غاَر ضَروٗرٕری لفظن ہنٛد استعمال کوٚرمُت ۔ مثالے " سُہ چھُ " ، " وونی چھُ"۔ یہ کنتھ ہیٚیہ مانٛنیٖ زِ شیکسپیرن چھِ تیتھ کٔنی ہنر مندی سان منظوم مکالمن زلہٕ دژمٕژ زِکیٚنژن لفظن ہنٛز وضاحت نہ کرنہٕ باوجوٗد تہٕ چھُ تہنٛد معنہٕ تہٕ مفہوم صاف تہٕ واضح ۔ لہٰذا چھُ یِتھو غاَر ضَروٗرٕ ری لفظو سیتیٖ ترجمکس شاعرانہٕ تہٕ فنّی تسلسلس پیٹھ اکھ منفی اثر پیوٚمُت۔

جوٗلس سیزر تہٕ چھُ شیکسپیرٕ سُند اکھ اہم ادبی کارنامہٕ ۔ یہ ڈراما چھُ شیکسپیرٕ سندین ڈرامہن منٛز ساروے کھوتہٕ کھٔرِ دار تہٕ پیچیدٕ ڈراما تصور کرنہٕ یوان ۔ اَمہِ ڈرامہک پلاٹ چھُ پلوٹارچٕ ( PLUTARCH ) سنٛزِ تصنیف زندگیہ ( LIVES ) منٛز ژٲرنہٕ آمُت ۔ اتھ تواریخی مواد س ڈرامائی

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

روٗپ دِلس منز چھ شیکسپیرن جِدتُک تہٕ فنکارٕ ہُند غار معمولی مظاہر کوٚرمُت ۔ صرف چھُن تمئے یوت واقعاتن ڈرامہس منز جاے دِژمژ ییم ڈرامہکین لوازِماتن پیٹھ پوٗرٕ وتران اَسی ۔ کردارن ہنز تصویرکشی منز تہٕ چھ غار جانب داری ہاوُنہٕ آمژ یوٚدوے سُہ برُوٹسس چھُ یا کاسہٕ ییس غرض دوشوٕنے کردارن ہنزن خامین کھوتہٕ بیین ہُند چھ پردٕ فاش کرنہٕ آمُت ۔

ناجی منورن چھ یہ ڈراما از برونٹھ ۳۲ وُری ترجمہٕ کوٚرمُت ۔ شاید چھُ تس شیکسپیرُ ترجمہٕ کرنُچ یہ گوڈنیُچ کوٚشش آسمژ ۔ یہ ترجمہٕ چھُ بزمِ ادب کاہرن کوٗ لگامکہ اتھہٕ واسہٕ شایع کرنہٕ آمُت ۔ اتھ ترجمس متعلق چھ ییمس جلدس پیٹھ کُنہ تام شخصن ہنز (ییُند ناو ظاہر چھُنہٕ کرنہٕ آمت) راے درج ۔ یہ راے چھ یتھ کنی :

"مشرقی زبانین منز ییم تہٕ شیکسپیر سندی ڈراما ترجمہٕ کرنہٕ آیہ تِم ساری چھ ناکام سمجھنہٕ یوان ۔ مگر جولیس سیزرُک یہ کاشُر ترجمہٕ چھُ اتھ کتھہِ غلط ثابت دوان کرٕ تھ ۔ ترجمہٕ کارن چھُ ہنُن خونہٕ جگہ کڈتھ یہ ترجمہٕ کوٚرمُت ۔ امہٕ علاوٕ چھُن شیکسپیر سُند روح اتھ ڈرامہس منز یادٕ کوٚرمُت" [12]

میٚہ چھُ ذاتی طور کُنہ حدس تام اتھ کتھہِ سٟتی اتفاق زِ یہ ترجمہٕ ہیکہ نسبتاً ( COMPARATIVELY ) اکھ کامیاب ترجمہٕ قرار دِنہٕ یتھ ۔ یہ چھ حقیقت زِ ترجمہٕ کارن چھُ ہنُن اَچھن ہُند تیل زامُتھ یہ ترجمہٕ یقینی بنومُت ۔ امہٕ علاوٕ چھ تمو شیکسپیر سندس مقصدس، مزاجس تہٕ شارتس



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

نتھہ پیٹھ کوشش کرٕمژ یہ زن قابلِ داد تہٕ چھُ۔ مگر ایک مطلب چھُنہٕ
ہرگز یہ زِ ترجمہٕ کار کیا چھُ شیکسپیرسٕند تخلیقی تہٕ ادبی معیار وحالہٕ کرٕتھ
ہیوٚکمُت۔ اتھ ترجمس منز یوٚد وے بے شمار خوٗبیہٕ نظرِ گژھان چھِ مگر
تہٕ کرٕتھ تہٕ ہیکو نہٕ امچہٕ خامیہ نظر انداز کرٕتھ۔ یمن خامین کُن میٚہ ذاتی
طور نظر پیٚیہٕ مثال چھِ یہِ:

شیکسپیر[13]

FLAV: HENCE; HOME, YOU IDLE CREATURES, GET YOU HOME,
IS THIS A HOLIDAY? WHAT! KNOW YOU NOT,
BEING MECHANICAL, YOU OUGHT NOT WALK,
UPON A LABOURING DAY, WITHOUT THE
SIGN OF YOUR PROFFESSION? — SPEAK,
WHAT TRADE ART THOU?

I CIT: WHY, SIR, A CARPENTER.

MAR: WHERE IS THY LEATHER APRON, AND THY RULE
WHAT DOST THOU WITH THY BEST APPAREL ON? —
YOU, SIR; WHAT TRADE ARE YOU?

II CIT: TRULY SIR IN RESPECT OF A FINE WORKMAN,
I AM BUT, AS YOU WOULD SAY, A
COBBLER.

ناجی منور[14]

فلادیس : ہو دفا گژھِ تو! گرٕ کُن۔ چھِوٕ کیتھۍ بیکارٕ تہٕ
چھا چھُٹی؟ چھوٚہ باخبر توہہٕ کاسی بن آسن گژھے
ینہٕ کیٚنٛہہ کامہٕ دوہس منز نشان؟

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

ہوشہٕ ونتم کیاہ ژہٕ کاماہ چھک کران ؟

اَکم زون : جناب بہٕ چھس اکھ چھان

مارولیس : دالہٕ وردی چھے کٔشیا' بییہ چھے کیشا فیتہٕ گنڈ ینٕن ؟

کیازِ چھک یتھ باٹھواز ژہٕ چیف کرٕتھ ؟

ہوشہٕ ونتم کیا ژہٕ کامٕہ چھک کران ؟

دوٚیم زون : جناب پزر چھ یہ زِ اگر تُہی بییٚن کُن وچھو۔

تیلہٕ چھس بہٕ رُت کاسب یمس تُہو اکھ 'شیخ' ونتھ سکو۔

ترجمکس یتھ اقتباسس بییلہٕ اَسی ڈرامہکس اصلس سٟتی لسانی کیو

معنوی موازنہٕ کران چھہِ تہٕ میانی کِنی چھہِ ترجمس اندریم کینہہ کمزوریہ نتہٕ

نیران۔ وچھو مثالہِ خاطرٕ ترٛیم سطریمن تلہٕ کنہٕ میٚنہٕ نشان تھاوتی چھہِ" ہو دفا

گژھ ہوتو اگرُکن ـــ چھوی گیمتی بیکار تُہی' "ہوشہٕ ونتم" ' دالہٕ وردی

بیین کُن تہٕ بہٕ رُت" نی توہن گوہڈ' ہو دفا گژھ ہوتو اگرُکن ـــ چھو گیمتی بیکار

تُہی" ـــ میانہ مطالعہ کِنی چھہٕ شیکسپیر سُند کردار فلاویس امہ اندازٕ

یمن نفرن روبہ رو یوان بلکہ چھہ تسُند اندازِ گفتگو امہِ نسبت نرم تہٕ حلیم۔ امہِ

پتہٕ وچھتو " ہوشہٕ ونتم " امہ تلہٕ چھ باسان زِ فلاویس تہٕ مارولس چھہِ

یمن نفرن سٟتی کتھ کرنس دوران امتیاز برتان تہٕ تمن پاس بوٚن درجہِ تھاوان

حالانکہ سوٚ کتھ چھنہٕ کینہہ بلکہ یتھ سُند آداب تہٕ القاب ڈنجہِ تھاونہٕ خاطرٕ

چھُ یمن ( SIR ) سُند خطاب دوان ـ " دالہٕ وردی " بدلہٕ گوژھ

دالہٕ پیچھرن آسن تکیاز اکھ طرفہ اوس یہ ( APRON ) لفظس نزدیکھ ترین

کاشُر مترادف تہٕ بییہ طرفہٕ اوس یہ لفظ کاشرس ماحولس تہٕ مزاجس



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

تہٕ دیہٕ وٚن ۔ وردی چھہ اُسی عام طور تتھ ونان یوٚس ہ کلہٕ پیٹھہٕ نلس تام لاگتھ
آسان چھہ یێلہٕ زن (APRON) صرف کمرس تام پێ محدوٗد آسن چھہ ۔ آخرس
تراوتو" بیٚین" تہٕ "رُت" لفظن پیٹھہٕ نظر ۔ میانی کنہِ چھُہ امہ سطرٕ ہُند یہ
سالم ترجمہٕ غلط ۔ بذاتی چھُہ دوٚیم زوٚن یہ ونن یژھان" یوٚدوے تہٕ بیٚیس
کانسہٕ رتھس کانسبس کُن دچھو (نہٕ زٕ رہتن) تیلہٕ ہیکو میہ تہِ اکھ شێخ وٚنتھ ۔

آخرس چھہ یہ کتھ لازمی ونٕنی زٕ شیکسپیئرسندٚن ڈرامہن ہندٚی یم ترێشوے
ترجمہٕ چھہِ کاشرس منٛز ڈرامہک دوتھ واشر جدید تہٕ تیکنکی بناونہٕ خاطرٕ اُکس میلہٕ
کنہٕ ہنٛز ہش اہمیت تھاوان ۔ یہ کتھ پییہ سارنٕے تسلیم کرٕنٕی زٕ کاشرس منٛز چھہ
یوٗنانی تہٕ یوٗرپی ڈراما ترجمہٕ کرنُک فقدان نظرٕ گژھان ۔ یوٚت تام نہٕ دنیہکین شہکار
تہٕ بلند پایہٕ ڈرامہن ہُند ترجمہٕ کاشرس منٛز یقینی بنٕنہٕ نہٕ توٚت تام ہێکہ نہٕ کاشر
ڈراما عالمی معیارس واتتھ ۔ لہٰذا چھہ ضروٗرت یمہٕ کتھہٕ ہنٛز زٕ کاشرس منٛز
گژھہٕ ودیر ڈراما ترجمہٕ کرنہٕ خاطرٕ اکھ تحریک عملہٕ منٛز ینٕی تیلی ہێکہٕ کاشُر ڈراما
فعال تہٕ موثر بٔنتھ ۔

## حوالہٕ تہٕ حاشیہ

۱۔ ولیم شیکسپیئرس متلق چھہ ونہٕ یوان زٕ سہ زاو ۲۳، اپریل ۱۵۶۴ء منٛز سٹریٹفورڈ انگلستانس منٛز ۔ ماکس اوس جان شیکسپیئر ناو ۔ ولیم شیکسپیئر آو بٔنہٕ زاجایہٕ پیٹھہٕ لنڈن یتہٕ تمۍ تھیٹرچن سرگرمین منٛز حصہٕ نیوو ۔ شاعری علاوٕ چھہ شیکسپیئرن تقریبن ۴۰ ڈراما لیکھمتی ۔ ولیم شیکسپیئر سُید ۱۶۱۶ منٛز وفات ۔

۲۔ ناجی منور، کنگ لیئر (سرینگر : ہین پروڈکشن ۱۹۸۹) صفہ ۵ ۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

۳، دیناناتھ نادمن تہٕ کرِیاے اوتھیلوٗکی کینہہ سین ترجمہٕ مگر یِتہٕ تروٗدتھمہٕ یہ ترجمہٕ اڈلیوٗکُے۔

۴، ناظرٕن ترجمہٕ چھُنہٕ شارتکی لوٗ آزمات بوٗرٕ کران لہٰذا ہیکو یہ نثری ماتھ

۵۔ OTHELLO – THE MOON OF VENICE (ACT: I, SCENE I) (ISRAEL: THE COMPLETE WORKS OF WILLIAM SHAKESPEARE 1980) P.8.19

۶، اوتھیلو (نئی دہلی : ساہتیہ اکیڈیمی ۱۹۹۰) ص ۷

۷۔ OTHELO – THE MOON OF VENICE (ACT: I, SCENE I) (ISRAEL : THE COMPLETE WORKS OF WILLIUM SHAKESPEARE 1920) P.825.

۸، اوتھیلو (نئی دہلی : ساہتیہ اکیڈیمی ۱۹۹۰) ص ۴

۹، ناجی منور 'کنگ لیر' (ترجمہٕ) (سری نگر : پیہن پروڈکشن ۱۹۸۹) ص ۵

۱۰ KING LEAR – ACT III, SCENE (ISRAEL: THE COMPLETE WORKS OF WILLIAM SHAKESPEARE (1980) P. 749.

۱۱، ناجی منور 'کنگ لیر' (سری نگر : پیہن پروڈکشن ۱۹۸۹) ص ۱۱۹ – ۱۲۰

۱۲، ناجی منور 'جولیس سیزر' ترجمہٕ (کاپرن : بزمِ ادب ۱۹۶۷)

۱۳، JULIUS CAESAR – ACT: I, SCENE: I (ISRAEL: THE COMPLETE WORKS OF WILLIAM SHAKESPEARE 1980) P. 622

۱۴، ناجی منور 'جولیس سیزر' ترجمہٕ (کاپرن : بزمِ ادب ۱۹۶۷) ص ۱۷



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

ڈاکٹر بدری ناتھ کلاّ

# آچاریہ ابھِنوگُپت

سنسکرت ادبس منز چھِ اسہِ کینہہ تِتھی مصنف میلان۔ یمو پننہِ زندگیہ متلق کینہہ تہ چھُنہٕ لیوٗکھمت تہ تِہنٛد زیوٗن۔ مرن بیترٕ چھُ ونہٕ تہ انہ گٹس منز۔ کالداس۔ بھاس بیترٕ تخلیق کار چھِ اتھ ورگس منز یوان مگر آچاریہ ابھنوگپت چھُ اتھ منز مُنچھ۔ (EXCEPTION) اُمی چھے پننٕ کٕہ لادلی پننہٕ دون تخلیقن منز دِژمژ۔ تنترا لوکس تہٕ پراترِ متِکا وِورنس منز۔

ابھنوگپت چھُ تہٕ ماننہٕ یوان۔ اکھ اوس کامہٕ روٗپک یا نہٕ آسانک روزن وول تہٕ اوس پہِ شاکت۔ شاکت گو وُسہ لیُس شکتی مانان چھُ۔ اوکنی چھِ اُمی بادرائن سُندِس دیدانت سوٗترس پیٹھ شاکتہ نظریہِ مطابقہٕ شاکتہٕ بھاشیہ (تفسیر) لیوٗکھمت۔ مگر کشیرِ ہندِس ابھنوگپتس تہٕ امی سندِس زاکالس منز چھُ الہِ پلہٕ دون شیتن ہندی پھیر۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

ابھنوگُپت سٕندی بزرگ :

اترِ گپت اوس یہنٛد بزرگ تہٕ اوس وسطِ بھارتس منٛز کنوجہ کس راز لیشودرما سٕندس عہدِ حکومتس منٛز روزان۔ شیونلفس منٛز ماہر آسنہٕ کنی آس تمی سنٛز مشہوٗری ساری سے ہندوستانس منٛز پھٲلیمٕژ۔ کشیرِ ہندی مشہوٗر رازٕ للتادِتن (یُس راجیہ کلہن سٕندِ راج ترنگنی مطابق ۷۶۱-۷۲۵ء تانی مانٕنہٕ یوان چھُ) کوٚر لیشودرماہس پیٹھ حملہٕ۔ اترِ گپت سٕندِ علمہٕ ستی متاثر سپدتھ کوٚر کینہہ کال گزرتھ للتادتن تس کشیر ینہٕ خاطر نارٕ پارٕ۔ تہٕ آو سُہ تسندِ وننہٕ موجوب یور (کشیر)۔ تمی سٕند سنہٕ بسنہٕ خاطرِ دِیت رازن تس دیتھ بھُس نکھ شِو مندرس نش جاگیر۔ اتہٕ آیہ تسنٛدِ خاطرٕ اکھ شاہی مندورٕ بناونہٕ۔ یہ مندور آس کلت پورکس گامس منٛز۔ (وُنی کینکس لبتہٕ پورس منٛز) ابھنوگپت سُند ٲڈی بب اوس دراہ گپت۔ اُمی سُند وقت چھُ ڈہیمہٕ صدی ہُندگوڈٕ کال مانٕنہٕ یوان۔ دراہ گپت اوس عالمِ تہٕ شِوبھگت۔ اُمی سٕندِس نیچوِس اوس نرسِمہہ گپت ناو۔ نرسِمہہ گپتن ڈیٚم ناو اوس چکھلُک تہٕ چکھ لکن نیچوٚ اوس ابھنوگپت۔ چکھ لُک اوس درشن شاسترن ہند اکھ تھوٚد عالمِ تہٕ بیٚیہ اوس شِو سُند سیٛٹھاہ بُکھتی۔ اُمس اوس سارنے شاسترن پیٹھ سیٛٹھاہ کمال۔ ابھنوگپتنٕہ ماجہ اوس وِمل کلا ناو۔ تمی سُند سوہ باد اوس رُت تہٕ اُس سوہ سیٛٹھاہ دھرماتما۔ خاندانک ماحول اوس سیٛٹھاہ سازگار اوکنی آو ابھنوگپت جان پأٹھی رٹھنہٕ تہٕ اُمس آیہ دقتہٕ موجوب سنسکرت ادبیچ صحی تالیم دِنہٕ۔

ابھنوگپت سٕنزن دوٚن تخلیقن منٛز چھُ اسہٕ اُمی سُند ناکال (زینہٕ وق



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

نتان ۔ بھیرو ستوٚ تہٕ کرٚمس توترم ۔ بھیروس توکس تیتھ شلوکس منز
چھُ اَسہِ اُمی سندِ وقتُک پوٗرٕ پتاہ میلان ۔ شلن :
دُشہ رسہ پوشے کرٚشنہٕ دشیمام ابھنوگپتہٕ سوٗدم ادم اکرُت
امہِ شلوکہ موجوٗب چھُ سپترشہٕ سموت ۴۰۹۰ تہٕ عیسوی سنہٕ ۱۰۱۴ یکس
منز اُمی پننہِ تخلیق لیچھی منز ۔ یہ آسہِ امہِ برونٹھ یعنی ۹۵۰ یا ۹۶۰
کس عیسوی سنس منز زامُت ۔ دپان یہ اوس لوکچار پیٹھے سیٹھاہ گاٹل ۔ تہٕ
ذہین ۔ اوہو کچھ اُسی نہٕ اُمس برونٹھ کنہ ژاٹہ شری دران ۔ آخر دیُت اُمس
پننو گوٚرو آچاریہ پدٕ ۔ بال بودھنی ہند مُصنف تہٕ کاوپرکاشچ تشریح کرن
وٲلی (ٹیکاکار) وامنہٕ سندِ مطابقہٕ چھُ کاویہ پرکاشس منز منٛھاچارین
ادکنی ابھنوگپت آچارین اشارہ کورمُت ۔ سامنے شاسترن منز مہارتھ آسنہٕ
کنی چھُ اُمس (ابھنوگپتس) جنوٗبی ہندوستانس منز شیشہٕ ناگُن اوتار
تہٕ مانان ۔

پرآنس وقتس منز ہرگاہ اُزکی باٹھی اتہٕ گتگی ذریعہ اُسی نہٕ ۔ اکہ جایہ پیٹھ
بیٛیس جایہ گژھن اوس سیٹھاہ کرٛ ڈھ ۔ مگر پیٚتھین حالتن منز تہٕ گوٚو
ابھنوگُپت پننِ علاقہٕ نرٛ اوتھ نیبر ۔ بیٚتہٕ تمو پننس گیانس تہٕ علمس گینی
کُڈ تہٕ شاسترن ہند گیان ہراوُن ۔ امہ کنی اوس نہٕ اُمی سُند نظریہ محدود
یوودے اُمس آس درشن شاسترن (فلسفن پیٹھ) سیٹھاہ مہارتھ بیٚتہٕ
سپز ہنٛز مگر اُمس اوس نہٕ اتھ پیٹھ تسلی ۔ یہ اوس پننہٕ زندگی منز وارِیاہن
موضوعن پیٹھ سوٗن مطالبہ کرن یژھان ۔ دراصل اوس اُمس تحقیقک روجحان



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

لوکہ چار پلیٹھ پاد سُپد مت (TENDENCY)۔ بیوٚن بیوٚن موضوعن پلیٹھ مہارتھ حاصل کرِتھ اوس یہ تخلیقہ لیکھُن یِرِهان ۔ اوکنی پٔزی اُمی واریاہن گورن نِشہِ انیکھ شاستر۔ اُمی کوٚر جالندرس منز روزن وٲلِس شری شمبھوناتھس نِشہِ کولہ سمپردایک (CULT) گیان حاصل۔ اُمی سِند اَنہٕ گریہ سیتی سُپد ابھنوگپتس آتمہ گیان تہٕ حاصل۔ یمن آچارین نِشہِ اُمی مختلف مضموٗن پری تھندی ناو چھِ یم :

۱۔ نرسمہہ گُپتس (مٲلِس) نِشہِ ــــــ ویاکرن (GRAMMER)

۲۔ وامنہ گُپتس نِشہِ ــــــ دوٚیتادوٚیت تنتر

۳۔ بھوتہ راج تنیس نِشہِ ــــــ دوٚیت درشن (DUALISTIC PHILOSOPHY)

۴۔ بھوتہ راجس نِشہِ ــــــ برہم وِدیا (SPIRITUAL KNOWLEDGE)

۵۔ لکھمن گُپتس نِشہِ ــــــ کرم تہٕ ترکہ درشن

۶۔ اِندراجس نِشہِ ــــــ دھونہ (SUGGESTIVE POETRY)

۷۔ بھٹہٕ توتس نِشہِ ــــــ ناٹیہ شاستر

امہ علاوٕ یمن آچارین نِشہِ اُمی گیانس متلق تبادلہ خیال کوٚر۔ تِمن چھِ ییتھ پٲٹھی :

۸۔ شری چندر　　۹۔ یوگانند　　۱۰۔ چندرؤر

۱۱۔ ابھنند　　۱۲۔ شِوبھکتہ　　۱۳۔ وِچتراناتھ

۱۴۔ شِو　　۱۵۔ وامن　　۱۶۔ اُدبھٹ

۱۷۔ بھوتیش　　۱۸۔ بھاسکر۔ دھرم بیترِ

یمن گورن نِشہِ پرِتھ کوٚر ابھنوگپتن علمی مٲدانس منز سیٹھاہ کمال۔ اُمس بروٚنہہ یمو فنہ شاعری تہٕ فنہ بلاغتس منز رسہ مت RASA THEORY چلوومُت



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

اوس تہندی ساری نظریہ پھٹ راوی اُمی بنینہ تنقید ستی۔ مثلن واس سُند
دیتہٕ مت کنتکُن وکروکتہ مت بیتر۔ یتھ پاٹھی کوٗر اُمی رسک زاوی چار توٗن
تہٕ یہ نظریہ پکنوُدُن سیٹھاہ بردنہٕ۔ مغربی شاعرن پیٹھ تہٕ سپد اُمی ستنہٕ
رسہ تھیوری ہُنداثر۔ یتھ زندہٕ مثال چھے JOHN KEATS سنز POETRY
TRUTH IS BEAUTY & BEAUTY IS TRUTH یمیُک اتھ کرٕن بنینہ
انداز تشریح۔ اُمی سنزیہ بزیت دِھرشینی چھے وارِیاہن نوکتن ویژھہ
ناوان تہٕ اُمینک مانے ٹھیکھ پاٹھی فکرِ تاران ۔

ابھنوگپتنی تصنیف :

۱، بودھ پنچادشِکا ۲، مالنی وِجے ورتِکا ۳، پراترِشِکا وِوَرنہٕ
۴، تنترالوک ۵، تنترسار ۶، تنترِ وٹہ دھانِکا
۷، دھونیالوک لوچن ۸، ابھنوبھارتی ۹، بھگوت گیتاارتھ سمگرِہ
۱۰، پرمارتھ سار ۱۱، ایشور پرتیہ بھجنیا وِمرشنی
۱۲، ایشور پرتیہ بھجنیا وِوٗرتہٕ ومرشنی ۱۳، کرمس لوٗتر
۱۴، پرمارتھ دوادشِکا ۱۵، پرمارتھ چرچا ۱۶، مہوپدیش وِمشتکا
۱۷، اَنہ تراشِکا ۱۸، انُہ بھوُنِویدن ۱۹، تنتروچیہ
۲۰، گھٹہ کرپرکاویہ ووٗرنہٕ ۲۱، کرمہ کیلہٕ
۲۲ شِودرشٹہ آلوچن ۲۳، پرارتھ پرویش نِرنےٹیکا
۲۴، پرکیرنکہ وِورن ۲۵، کاویہ کوتک دِورن
۲۶، کتھامُکھ تِلک ۲۷، لگھوی پرِکرِیا
۲۸، بھیدواد وِدھارن ۲۹، دیوی ستوتہ وِورنہٕ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

۳۰، پرکرن دوٗرَن ۳۱، تتوٚادھوپرکاشکا ۳۲، شوشکتہٕ
۳۴، ہمپ پرتہٕ ہمپ وار ۳۴، پرمارتھ سمگریہ ۳۵، انہ ترشتکہ
۳۶، پرکرن ستوترم ۳۷، ناٹیہ لوچنہ ۳۸، انہ ترتتوٚ ومرشنی بیتر

ابھنوسندی فلسفانہٕ ستوتر ( EULOGIUM ) :-

۱، اُنہ تراشٹکا ۲، پرمارتھ دوادشِکا ۳، مہوپدیشن وِمشتکم
۴، پرمارتھ چرچا ۵، کرمہ ستوستَرم ۶، بھیروستو۔

امہ علاوٕ چھےٚ ابھنوگپتن واریاہ کتابہٕ لیچھمژ یہند حوالہٕ اُمی ہینٛزن تخلیقن منٛز دِنہمت چھُ۔ سنسکرت ادبکۍ ٹُڈی بارٕ عالم ڈاکٹر کے سی۔ پانڈے ین ابھنوگپتنی اکتاجی کتابہٕ مانہٕ منٛز یہنز ذکر۔ ہیرِ کنہ کرنہٕ آیہ۔

اُمی شُند مرن : ــــ

ونہٕ چھُ یوان زِ ماگامہٕ پیٹھٕ پانژہ میل دوٗر بھیرو (یتھ وٗنی کینس بیرٕو ونان چھُ) گوپھہ منٛز چھُ ابھنوگپت باہ شتھ ژاٹھ ہیتھ شوسندی سوٗتر پران پران ژامت تہٕ تتہٕ چھُنہٕ واپس دراُمت۔ یتھٕ پاٹھی چھُ کشیرِ ہٕ کتھ ژوہ پاری۔ دیان امہٕ گوپھہ ہُند گوٚل اوس پتھ کالہِ سٮٹھاہ کھوٚل تہٕ پتہٕ گوو امیک گوٚل ہلنے بند۔ یہ کتھ چھےٚ ڈاکٹر کانتہِ چندر پانڈے ین پننہٕ تخلیق 'AESTHETIC OF ABHINOVGUPTA' منٛز وٗنی منٛز۔ اتھ منٛز چھُنہٕ کانہہ تہٕ شکھ زِ ابھنوگپتن دِیت چھُ فلسفس منٛز سٮٹھاہ تھیکنُ لایق ــ۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



# مہجور ـــــ نوِ زمانک نقیب

مہجور چھُ کأشِر تواریخک اکھ سنٕکہٕ باب۔ سُہ چھُ تحریک الحرافک انقلابک، سُہ چھُ تہٕ تھہ باوِتھ وطیرک۔ شوٗعوٗر کأشِرتیک، پزأری، انسأنی تیک، قأمِ نوِ غزلک تہٕ رلوایتن ہُنٛد پاس کرِتھ نوین تجربن جسہٕ اَکھی بخشن وول۔

میہ سُنٛد پرون مسٕ یوٗر نوین بانہٕ

آتٕی کُنن ترٛدُمے خاتن منٛز

یہٕ چھِ اُمی سأری موحسوس کران زِ سأنِس شارِ ادبس پوت منظرس



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

پیٹھ چھُ رؤسُل میر سیٹھاہ تھزرِس پیٹھ تہٕ پورٕ کاڈ کڈِتھ۔ سہٕ چھُ شارٕ اظہارس منز گوڈنیُک انقلأبی تہٕ بلو لفظو فکہ بریڈٕ ژُن دُول۔ اد کیٚتی چھُ سہٕ گوڈنیُک شاعر یمہٕ کأشرِ شاعری ہنٕز حقیقی مزازٕ عطا کوٚر۔ مہجور اوس اکھ حساس (CONSCIOUS) کأشر گومُتھ۔ رؤسُل میرٕنی اہمیت ژٕنیتھ کوٚر یمو سہٕ فصیح وارِ دُسوار تہٕ رنگین ہیٚمِہ سیتی کأشرٕ زبأنی تہٕ ادبی اظہارچ انفرادیت پننہِ شناخت تہٕ پرمیتھ تہٕ پرزنیتھ قایم کریتھ برونٹھ میٚن پراوٕن کنُ معنی دار تہٕ وُژھ بہری تراوان چھ۔

مہجور یدوے بانہٕ تہٕ چھُ ونان زِ سہٕ تہٕ بیٚیہِ واڈیاہ شاعر چھ رؤسُل میرنےٚ ہِس نوبٕ بانن منز آگراوان۔ امہٕ سیتی چھنہٕ اکھ کتھ منز کانٛہہ شکھ (DOUBT) روزان زِ سہٕ چھُ رلوایتن منز جدت تہٕ نوبٕ پأدٕ کرنٕچ کوٗشش کران، ییتھ کیٚتی چھنہٕ سہٕ ایگوٗیکُ (EGO) شکار گژھیتھ پننہِ وراثت مُشراوِتھ یالنفی کریتھ نیکھِ ژھیٚتھ جاناوارٕ سندی پأٹھۍ زندٕ روزنٕ موکھے ژھرٕ تہٕ ژھرٹ کران۔ رؤسُل میرس نزدیکھ تہٕ چھُ اُمیس لشِ دؤرے ہیوٚد، تہٕ کیازِ یہٕ چھ زمانٕچ نزاکتھ تہٕ تواریخی فطرتھ۔

مہجور صاب گوو شاعری منز موضوعی طور تہٕ دُہراد تہٕ پھہلادونس منز کامیاب۔ جغرافیأنی دایرٕ منز گڈِتھ کوٚرن اکھ سماجی شوٗعور تہٕ حبس گلہٕ میوٗٹھ۔ یدوے زن اظہارٕ ڈلہِ رؤسُل میرنےٚ ھِس ییتھ منز واضیاوک قوت چھُ،

باغس میأنس گُل پھوٚلی ورزأنی  
چھاوٕ نہٕ آئے شوقہ واٗلی ہے  
کأشرِن پوشن بلبل منگأنی،  
کسہٕ لوٗ یاوُن بانٛی ہے،



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

پُس گُل، بُلبُل بہار بیٚتر لفظ چھِ رادُماٮ۪نی تہٕ لولہٕ تشبیہہ خاطر داوس
لگیتھ آسی، مہجور صأبن وَرتأوی یِمے تیتھہ پأٹھی زِ باسان چھہٕ یِمن لفظن
چھہٕ پزی زُو۔ تہٕ حرکتھ چھہٕ کران وارِ وارِ پھیرتھ دار دارِ ہیتھ چھہٕ پأغام
دِوان انقلابُک، جشن ہیٚنکُ، وَق پرتہٕ ناوُنکُ، امی کنی پرأو مہجورن تواریخی
عظمتھ تہٕ رُدُد اظہارِ شوٗعورس ہیتھ چاوی۔ نوٗسُل میرنی ہش انفرادیت
پرأدِتھ دِتن ینہٕ واٮ۪لِس کالس تہٕ یِمن منفرد آسنکُ باس تہٕ کأشر شأعری
ہُند اَندرِ روٗٹ دِژ کرنس تہٕ امیکُ فرتوٗز، رُدماٮ۪نی کِردار یِدلاولس منز کوٗرُن
اکھ تواریخی تہٕ انقلأبی رول ادا۔

رودِ باغس وار سبزی راچھِ چھس سیوٗد سادگی
وادِ ہردِ زرد گرٛٹھی گرٛٹھی ییٚن تیٚمبر سرمایہٕ دار

یا یہ شار

گُل چھہٕ سمیکُ بشد بُلبُل رُچھہٕ زانہٕ مانان سِے
لاگ بُلبُل یا سپن گُل چھے ژہےٚ بالس اختیار

وِہ رِ تھند ہیٚن ہنٛز جارحیتھ سیٚتی آس سأنی کأشر زبان کأشرِ ین
نِش دوٗرِتھ وہ رِ باسان اَتھ منز ادبس تہٕ کوٗشرطون تہٕ شوٗعور کِنی تصوف
فن تہٕ طرزِ ادا اُدُسے وہ زم مگر زبأنی منز اکثر لفظ تہٕ آسی وہ رِ زبانین ہنٛد
ہِیرشاہ آباد، أژ تہٕ مال، حبہ خوتوٗن ہیوی شأعر آسی کوٗشش کرتھ گامتی
سوٗرے ادس مشرفس گوٗمت۔ مہجور ادس تالیم یاف، مون سہ ادس بیٚرِ زاد
یِمن وہ رِ زبانیے ورتأونی خوش چھہٕ گرٛھان۔ یِمو ژأر شوٗعوری طور ——
(CONCIOUSLY) ہینی نامہ زادِ پنٕنہ شارِ اظہارِ خاطر، یُیتے تہٕ بلکہ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

کرٕنی عام، سہل، وَبہٕ وُنی تہٕ رٕسیلی کأشری لفظن ہٕنٛد استعمال۔

لونگُت یمِس چھُہ پرمس کیاہ نام مینون ووٚن ہس
نرتہٕ ونتہٕ بے سبب تس حشمن خمار آشیا!

ہرد کہٕ تابہٕ پھوٚلی پوش آکألی
آمتہٕ چھیہٕ یم بے سألی سیے
سات ہیٛتھ لوان واتن وألی
کسیے ملہٕ یاون یألی سیے

پرٛیہٕ لفظ تہٕ لوکہٕ موسیقی ہنٛدِ وَرتاوٕ سیتی لیُس ژیتہٕ دُون اظہار بھانپھلیوٚ مُت چھُہ ہیٛرمین شارن منٛز، سہٕ چھُہ وَبہٕ وول تہٕ کھہن ڈلن تہٕ آنگنن منٛز واتن وول۔ ولبہٕ ونان ولبن، یار ونان یارس، شینٛچھ وأژ اگر ہمگر تہٕ شأعر سندین پرٕ وومید دُھٹن ہیٛتھ پھوٚل آسن۔ ییٛلہٕ کأشری درایہٕ تواریخک شاندار باب (CHAPTRE) لیکھنہٕ، تہٕ ہیکہٕ ووٚنِتھ

"گٕٹہٕ ژُج گاش آد گاہ ترٛدٕ لالن
سنگرمالن پیوٚو پراگاش
باغکو رینزل وارلین گالن!
بُلبُل غم تراو کڈ تکھن واش،
نیٛتہٕ یور چونٛے مذہب پالن
... ... ... ... ... ..."

مہجورن دِیُت شارٕ اظہارس نوو سوٚد بوٚد۔ یوس شأعری اوٚت نام رومأنی دُلیلن تہٕ فرضی جنگ نامن ہنٛدی فرضی کردار شارو کیتھ تصویر ناوِتھ کأشرین



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

پَزِ اَمِنین کھیاوان اَس۔ سوٗرے اظہار ذاتھ وُژھ سیاسی لیڈرن، مذہبی
مُبلغن تہٕ مذہب کِس ناوس پیٹھ رٔکھ وٲلن والِین موحبتُک مکتیک تہٕ
اِنسٲنی ینکُ وٕرس دِتہٕ، ییتھ کنہِ رٔنگہٕ ناد مہجورن کٲشر شاعری بین القوامی
انقلاب پسند تحریکن لَر لوٗر

تِتہٕ وُچھ منٛے اَکی سے سجدٕ کران ہیٚندی تہٕ مُسلمان
امہٕ کھوتہٕ بۄ کیاہ لولہٕ کِہ شہرچ خبر وَنے،

یا یہ شار

مُشیدن، مندرن، گرجن، دھرم سالن تہٕ آستانن
یمن ییتھن گرن اَژنک کنہٕ درواز تھاوُن چھم

مہجوٗر ییلہٕ دھیانس پیوٚو، پرانہٕ قدرٕ آسہٕ مسمار گژھان، نوٚ قدرٕ آسہٕ
اِنتشارُک شکار گژھیتھ سماجی پراگندگی ہنٛد باعث بنان، معاشی تہٕ سماجی
تفاوتھ اَس موجوٗس گژھان، ترقی پسند نظریہٕ اوس مذہبی تنگ نظری ہنٛز
جایہ رٹان، انسٲنی ینکُ ژکھ دٕر مہجوٗر وُچھ اَتھ طوفانس ہنٛز قلمہٕ سیتی
ہُبتھ لگنہٕ تہٕ ضوٗرورتھ تشریح کرِتھ کوٗرن انسٲنی برادری ہُند سہٕ قلعہ تامیر
ییتہٕ ہشر کُ، موحبتُک ییلہ گرزان اوٚس

" آیہ دردکی چھہٕ منز فروانس
دردٕ سیتی چھہٕ شوٗب انسانس
... ... ... ... ... ... "

یا پٔزی توٚن یہ شار

دوٚد چھہٕ مسلم ہیوٗند چھہٕ شکر صاف صاف



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

دۄد تہٕ بیٚیہ شکر زلاٲوِد پانٕہ وٲنۍ
نٮ۪ایے ترٲوِد مایے تھاٲوِ پانٕہ وٲنۍ

اَتھ وویتھ وُلنِس اِنقلاٲبی نظرٕیس زرخیز تہٕ ہموار زمین دِنہٕ خاطرٕ
بنیوو مہجور نوِ آیکۍ نقیب تہٕ مُبلغ یہ وُنیتھ ز

تتہٕ چھا گور بل، تتہٕ چھا آدر یژ تتہٕ چھا آمکو ٹھیکہٕ دار
تتہٕ چھا مسکین مورتد تہٕ بے دین دین دار دُنی یا دار
تتہٕ چھا نادار مجرم گونہگار بے خطا چھا یہ زر دار یار

یہ وَنُن زِ علامہ اقبال رح نہ پرٕنہٕ موکھہ چھُنہٕ مہجورنہٕ شاعری منز واضح
نظریہٕ نوُن نیران، چھُہ غلط۔ علامہ اقبال رح چھُہ پانہٕ تہٕ یمُن نظریہٕ رد کران،
ینِس وطنس خلاف چھُہ تہنٛز عمل شاہد۔ اتھ برعکس چھُہ مہجورن گوڈ کال
روماٲنی آسان۔ تس محدود چھُہ۔ وطنکُ جذبہٕ، وطنہٕ خاطرٕ اکھ عوامی سیاسی
منشورٕ، سیاست دانن خاطرٕ اکھ مکمل ضابطہٕ تس کُنہٕ تفریقہٕ رُس چھُہ، وطنکُ
موحبتھ تہٕ کوشر بحیثیت مالکُ وُزناوُن وولے چھُہ لماوان، زِ شاعرِ کشیر
چھُہ اکھ واضح نظریہٕ تھاوان ز

کٔشیرِ منزٕ وتن بیدار کرِ وُزناو وقتس ییتھ
یہ آلو کاشرِن ہندِن کنَن منز واتناوُن چھُم

تہٕ نظمہٕ، نالۂ کشیر، نوٚو دُنیاہ، یمن باغ، گلالس کُن، گرٕیسی سُند ترانہٕ۔
بتیر چھُہ صاف لماوان زِ یہند نظریہٕ ادس مسلم تہٕ کوشر تہٕ رلِشی وارِ ہنٛزٕ
فطرژ منز ودتلیوومت، کاشرِ چھُہ یہند دین، مذہب تہٕ اوٚصول، تہٕ
کٔشیرِ ہندِس ییہٕ واٲنس کالس متعلق امس یمِن سۄتھ چھے رتی تہٕ نیک خیال ز



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

وارِ وارِ وارلِ گژھَن نالۍ د

بُلبُل تہٕ کوٚستوٗرۍ واین سرۆد

باغ کرِ ہیوٚ رگس سیتؠ مان مان

"... ... ... ...

تمہٕ ساعتہٕ گوٚو ہاے بٔنگہٕ یٔلیہٕ باسیوٚ ؤس اولا بدلِ سپنز، تمِن اوس پوٚختہٕ سیاسی شوٚعور ادٕے ووٚنُن رِشنز نادنہٕ موکھہٕ شاعرانہٕ انداز، یوٚد کأشرۍ تہٕ رازَس واقف گژھَن ہے

مأرۍ موٚنڈ ژھوٚگ یوٚد ہیوٚ ہے کیتہٕ رأدِتھ

بول یوشُس تہٕ ماکوٗر ہے ٹھاکھ

دِلہٕ کِہ رووداد وَن ژہٕ وشہٕ ہیٚنا أدِتھ

ژہٕ کیتیو ژھوٚگ راو رأدِتھ آکھ

مہجور اوس عاشق پننہٕ وطنُک، توے تہٕ اوس نہٕ سہ موٚمولی رنجش تہٕ کأشرِین ہُنز برداش کران۔ الغأیہ تہٕ اوس نہٕ تیژھ کانٛہہ کتھ تژھان کرنۍ، یمہٕ کِنۍ وطن دارَن ملالہٕ گژھہ ہے

دردِ سیتؠ مہجور یوٚد وَنہٕ کانٛہہ خیالاہ ژٕ یادِ نوٚن

یتھ نہٕ زانٛہہ اَتھ ہیٚتھ گژھن اوٗزرد وطنکۍ یار مأنۍ

مہجور سنٛدۍ عہس آسی وطنداری ہنٛدۍ رنٛگہٕ رنٛگیتھ، ادے لیس آزأدی ہُنٛد پرٛیو تمو کأشرِہ ہنٛدرن وجہن، ڈوٗرِن تہٕ ڈلن گأشرادن وُچھ، تمہٕ منز باسیوٚ لُس آمیری، بیدأری ہنٛدرن عنصرن سیتؠ تخریب کأری تہٕ آدم بیزأری ہُنٛد مادہ تہٕ رلیتھ۔ یہٕ چھُ تمہٕ ہنٛدِ ذہ عہس آنکُ باس دِوان ہے



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

تارسَر، مارسَر بَتہٕ امرت سَر
توسہٕ مُادان بَتہٕ صوّرت بَنٛدر
کوٚنگہٕ وَتُن لگہٕ کارخانا!

... ... ... ... ... ..."

مگر اُتھی سیتی اوس زٕنیان سۄ
ہُتھو یار کھوٚلُن مذہب وارن
یٔیتہٕ پور ییتہٕ ہم اکھ اُکِس مارن
مذہب روزِ اکھ نِشانا!

... ... ... ... ... ...

لولکُ وَنے افسانا!

پَتہٕ ییتھہٕ کنی ییٚتکی سیاسی رنگ بدلے یہٕ۔ تمو دِیت بأتہٕ بأتہٕ لُمٕوِتھ زِ شاعرِ کشمیر سُند سیأسی بصیرت کوتاہ پوختہٕ تہٕ پُوٚکھ اوس۔

بُتی یأدی طور اوس مہجوُر نیا کشمیر پروگرام، س، وزِھ وأنجہٕ استقبال کران۔ یہٕ اوس لَس بأسان ییٚتہٕ کِنہِ مظلوم لُوکن ہُنٛد نجات دہندہ۔ سُہ اوس پرُ اُمید زِ کشیرِ منز اَمہٕ انقلابہٕ سیتی بَنہٕ یہٕ ساریے عالمُک تاج سۄ

دُنی ییچھ وَدلتھ چھہٕ تہٕنٛزے کُلُ تہٕنٛدُ تہٕنٛزے زمین
راج تہٕنٛدُے تاج تہٕنٛدے باج دار گوٚو تاجدار

"پَتُن باغ" نظمِ منز چھہٕ سیتھہٕ کنہٕ بادتھ کران سۄ

یٔیلہِ کھسہِ نوِ سمسارُک رَد
گوڈٕ بِیٚیہِ جانے ڈبہِ پرتَو



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

اَدٕ گژھہِ روشن بٲقی جہان
پادٕ کرٕ یِمنٕہ نِے بٲغٕچ زان،

ژھوٗٹۍ پٲٹھۍ وَنٕہ بہٕ زِ مہجور چھُہ سانہِ یِمنٕہ وٲلہِ زمانُک نقیب۔ یِمو یِمنہِ وقتہٕ کُل عالمس منٛز یِنہٕ وٲلین تبدیلیَن ہُنٛز نہٕج پرٕزٕ نٲو۔ تِمو یوٗژھ ہیٚنن لُکن تہٕ رہبرن اَتھی نہٕج سیتی رشتہٕ ناوِتھ رہبری کرنٕچ یتھ منٛز دارِ ہیٚس حدس تام کامیاب گوٚو

یُتھ نہٕ بوزکھ داتھ بُتراتھ، خاندان، مِلت تہٕ قوم
چھُپو موٚزوٗرن ہُنٛد کٔنۍ اَکھ قوم دِمٕنۍ سٔدان شُمار،

---



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

عبدالعزیز بیتاب

# قادر ڈار ___ اکھ گمنام صوفی شاعر

از بروٚنہہ تقریباً دٕہہ ؤری ییٚلہٕ ییٚلہٕ مرحوم سومناتھ سادھو سُند اسلام آبلہٕ رِکارڈ کورمُت اکھ پروگرام ریڈیو کشمیر ہیٚتھ لوٚز" پروگرامکس آخرس پیٹھ گیوٚ مُدرِ لیہہٕ منٛز سازن ستی ستی کینژرو کورلو یہِ بأتھ

رِندن ہندہٕ مأدانے گِندان اُوس جانانے،

بلہ وو شلباس پأنٛز پانے گِندان اُوس جانانے،

کوربن ہنٛز کومل نے زلوٚتھ زلوٚتھ گامٕر روف طرز بأتھٕکُ مینٛز دوٚدُن تہٕ متن اوس امہِ انمانٕز زِ سارنٕے شعرن پیو داد دِلون نے

کھوٚن کر ہواوس         تھاہ لای درِی یاوس



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

ہاہ چھُم پأری زانے     گِندان اوس جانانے

پۆز گوڈ خودا بأتھ لیکھمت (مقطع) پوزِتھ گوم بنِتھ گونہگار آمتُک
احساس ہے

قأدرن دامالنس     تھف کر گلفامس

بُدرن لسیا نأسی     گِندان اوس جانانے

میانہِ گامُک تہِ میٔنے ہمسایہ قأدرِ ڈار بنِتھ وقتُک ہراز وکمراز مشہور شاعر
تہ پانہِ گیوَن وول۔ مگر بہ پأنس قلم کار دُنیتھ وُنہِ بتھن فرض نبھاولُس
منز ناکام۔ مگر شکر چھ زِ "آلو" رسالن چھ پوت کالکس گال فاتی ادبس زول
دِنکُ کُمبر گو ندمُت دلو ہمن شاعرن تہِ ادیبن روحس سوکھ میلہِ ہمہِ وُنہِ
تہِ کُنہِ تأریخکس ورقس پیٹھ اندراج چھ۔ ۱۸۸۰ء مَس منز تھنہ ہمت
قأدرِ ڈار تہِ چھ امہ گال خانک اکھ صوفی شاعر یُس سرینگر پیٹھ ۲۷ کلو
میٹر دور بیرو تحصیلہ کہ بُدرن گامُک بسکین در اوس۔ قأدر ڈار چھ قأدر
موٗت نأوِ گیتی مشہور اوسمُت۔ مٲلی سُند ناو اوسُس امبر ڈار بُڈِہ بیہ سُند
نور ڈار تہِ بُڈبُڈِہ بیہ سُند ناو رحمان ڈار۔ قأدرِ ڈار اوس شوراہ وہری
پانہِ پیٹھے نگ بندی وَنان تہ گیوان۔ شرعک پابند روزِتھ پیر فقیرن خدمتھ
کران تہِ اکثر گژھان بہ حضرت بل، مخدوم صأب تہ زانہ بہ شاہ ولی صأبنس
آستانس پیٹھ ربہ داد گذاران۔ یمو کُنی اُہندی عقیدت مند مراز وکمراز
سامہ واد بنیے، لبقول حاجی قأدر بٹ دلیُس قأدر ڈران زامُٹ اوس تہ
۱۹۸۹ء مَس منز سند شیتھ وُہری پیٹھی رحمت حق)

تہِ قأدر ڈارس اُس زنتہ ناگس دُزِنی لگان تہ بأتن ہند انباد
وَنان، افسوس زِ گامن منز لیکھہ پرنہ آسنہ کنی روُد یہ کلام زیاد سینہ بسینہ

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

تہٕ کیٚہہ قلمبند بیٚیہ ہِنٛز بےشمار صوفیانہٕ کلامہٕ تہٕ یوٗسف نامہٕ بیٚیتر تہٕ چھہٕ"
اَزکل تہٕ چھہٕ پھیٖچھ وانٛ تہٕ نِیٚبۍ ڈٕرِن مَنٛز قادر ڈارُن کلامہٕ رقص
کران۔ تہنٛدِ یوٗسف نامکُ وِسلابہٕ چھُہ۔

دۄرِ داینہٕ چھم چوٗن مارےٚ موٗتِ سے    لول آمُت سے لہو دیٖدار
یوٗسفن خابا ادس ڈوٗلش مت سے    بالبن نش تمی کوٗرُن اِظہار
نالہٕ کٔنی افتابہٕ تابان کھوت سے    لول آمُت سے لہو دیٖدار،
بابن تامبیر کوٗرُنس رٕتِ سے    مِصرس تٕری ہوو بنکھ بادشاہ
صاحبن رٕت عطا چھی بخش مت سے    لول آمُت سے لہو دیٖدار،
تِمی تمِس وِرہ بھایو ادس بوٗرمُتِ سے    ننہ اکہٕ گوڈٕ ہے گرٕ گِندان
دوٗر انہٕ اُمدان اوسکھ ہنومُت سے    لول آمُت سے لہو دیٖدار
بارچہ کند لو بیٚٹھ پکنوو مت سے    بادام چشمو خوٗن لہران،
عفو کر صاحبو خطا کیامیے کھوت سے    لول آمُت سے لہو دیٖدار،

امہِ پتہٕ چھُہ شاعر حضرتِ یوٗسف علیہ سلامن ہُنٛد واقع عام فہم لفظن
مَنٛز پُراثر لہجس مَنٛز بیٚیہ کٔنی نظماوان۔

بے عار وِرہ بھایۍ دکھ رٕتس ڈیٛت سے
زوٗرہ سان بون گو اُتھ چہس مَنٛز
بنٛز کٔنی اوسکھ اُرتھ ترومت سے
لول آمُت سے لمہٕ دیٖدار

امہِ پتہٕ چھہ وِرہ بھایۍ حضرت یعقوبس دوکھ وَنان تہٕ شاعر
چھُہ یِتھس واقعس (SITUATION) دۄن شعرن مَنٛز کومہٕ انان۔
وِرہ بھایو یعقوبس وَنُن ہوٗتیے یوٗسف کیتہٕ تام رامہٕ ہوٗنی کھیوٗ،



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

اَتہٕ چھےٚ رامہٕ ہوٗن گنڈِتھ اوٗمت ییے لول آمُت ییے مٕہ دیدار

یوٗقتن رامہٕ ہوٗنس پرٕژھن ہوٗ تیےٚ ژیتہٕ کیاژہ کھوٗتن میوٗن یوٗسف

تمی کیا آزار اوسوٗی کوٗرمت ییے لول آمُت ییے مٕہ دیدار

اَمہٕ پتہٕ چھہٕ شاعر سندِ اَسرارٕی تھک اشار میلان

رامہٕ ہوٗنی یوٗقتس جواب دیوٗتیےٚ یہ کیازہ کھیمہن شاہ یوٗسف

مہٕ ہیٚنہٕ ماشوق ژھینہٕ گومتیے لول آمُت ییے مٕہ دیدار

سَرراہ قافلا اوس یوٗ کُمتیے اَللّٰہیچہٕ وتہٕ ییٚتھ کورکھ ٹھہراو

دکہٕ ہیٚلہٕ لوکھ یوٗسف کھوتیے لول آمُت ییے مٕہ دیدار

قادرن پیرس آو دٕیُت ییے ژُورٕ یاگھ مٕہ وتم لوٗرہ رُخسار

پیرس پیرس گنج چھم ہنیمُت ییے لول آمُت ییے مٕہ دیدار

قادِر ڈارس اُسی ژٕ بھای اصدی ڈار تہٕ احدی ڈار۔ یمو منٛز احد ڈار درویش اوس دوٗیشوٗنی بھایہِ اوسکھ وننک باکمال تہٕ معروف رہبر غفار صاحب[1] یسہٕ بڈگام یسمِ سُنٛد آستان بدرن گامس مشرق طرفہٕ چھُ۔ غفار صابنین وارہان مُریدن چھیٚہ شاعراتہٕ زلو اُسمتہٕ۔ قادر ڈار چھُ اکثر وجدانی کیفیتس منٛز شعر ونان۔

شیخ یعقوب صرفی[2] ہندِ ناوِ بہیٚہ مینجہ نزدیکھ چھُ قادر ڈار وجدس یتھ فی البدیع ونان۔

ییٚہ شاعرس لوز قادرن سوز

---

[1] غفار صابنہٕ آستانکٕ تامیر نوٚ سیٚد مارچ ۱۹۸۸ ہس منٛز۔

[2] شاعرہ سُندس گامس منٛز کرالہٕ مسجدہ ساتی یشان صاب ناوہ اکھ زمینہٕ ٹکرہ یُس دنکین مسجدہ صحنس منٛز یشان صاب ناوہ مشہور چھُ۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

وزہ شب روز قأدرن سۆز
اُندرى ہُو کار لوٚگ دربار
مَنز کنز بوز قأدرن سۆز
جلوہ ماران چھُس تہٕ پیاران
دارِ بیٹھ روز قأدرن سۆز
کھتھ دری یاو چھی ژلان واد
ڈِنگ دِتھ بوز قأدرن سۆز

قأدر ڈارس اُس مرف کُنی کوٗر یس خأت ادس ناو۔ تمی اُس ساریٚ ڈرے لڑٕ کورمژ۔ دول گو مٕہ یہ اُسس علیہ زمینک دال چھوٚل سوزان۔ دیان اکہ دوہہ اوس قأدرِ ڈار پننو مُریدو زٕ کلیمبٕر دوُد پنرى گاٚسں منز ہنومُت۔ رالس روٗد گیوٗن چلان تہٕ نصف راژ گو سوکھ موکھ قأدر ڈار تھوٗد دتھ تہٕ ووٗنُن ہے

نندہ ژلکھو رندہ جانانو مستانو لایہے ناد،
دلہ جیگرٕ کہ لہٕ استانو مستانو لایہے ناد،
امہ بأکُ مقطہ چھہ ووٗدان وودان ونان ہے
ڈار قأدرِ بیوٚ استانو پیرِ کامِل ناد لایان
چھوتی رودِم اُڈی پرانو مستانو لایہے ناد

تہٕ یاشا کرتھ ژھیس کرکھ نیرتھ زِ بب لہ موٗد۔ اڈہ رود تمیے دوت ژنتری کھنڈی ناد زِ غفار صاب گوٗ رحمتِ حق تہٕ قأدرِ ڈران تروو اندہ ہیتھ دُنیاہ سیدُ عام زندگی نِش بوٗن تہٕ چھیکرس نیدُ ۱۹۵۰ اع تہٕس منز رحمتِ حق۔ پتہٕ لِس پیرس چھہ کھوٚ رو طرف دنن۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

سیّد رسول پونپر

# قاضی غلام محمّد ــــــ خابن ہُنٛد پیکر

ناو ہیتھ اوس زورٕ آلو کران ۔ وٕلویتھن سیتھ سیٹھاہ ہیتھ بہوٕ میٚے
لٕر ۔ منز اُمس تعمیل ارشادٕ بانتھ اگر کانٕسہ آسہن ہُنٛد لحاظ گیوو سیٹھہ بدلی
تہٕ پیوٚن کرنی ۔ بتہٕ اوسُس غنیمت زانان زٕ اگر اکس ممتاز ریاضی دان
سخن ور سخن فہم تہٕ اکس بے مثال محفل آرا ہندس صورتس منز اکھ ہم
سفر سیتی میول اکس کمہٕ دوٚن کیتھن عالمن ہُنٛد یمو تخلیقی جام جم منزٕ
نظارٕ کٔریتھ ۔ یزر تہٕ چھےٚ بی زٕ قاضی صاب سیتی آسیتھ اوس سوورے دُنیا
مشان ۔ ییٚتر باقٕی اُمس غالب سندین شعرن زادی جارن منز ویثر ھنے کاف

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

کھاران تہٕ گلہٕ ادبی تہٕ شعری نوکتن ہنز وُچھتے۔ یہ کتھ تہٕ مُشراوان زٕ
گرٕ وٕتھیٚجہ میوٚدٕروٚٹس تہٕ میٚہ چھِ ہتی گاڑِ ہیٚتھ بوون وٕسُن۔ یور اوس کُہ
وٕنتُن اورکُن اوس بوزان روزُن۔ منز سمکھو بس اڈس ہیٚتھ گرٕتھ وُن وٕتی
پکوٚبٕ ووستِس دوہ کھاریتھ اَسی گوٚڈٕ بٕرانِس کے، ایم، ڈی اَڈس ہیٚتھ الکیٚنہ مینیج
روڈٕ واتان تہٕ پتہٕ پتہٕ مالین نوِس تہٕ پڈس بس سٹینڈس ہیٚتھ اکھ اُکس
زنتہٕ پیٚتے آسان۔ دامنی صاحبنہٕ باپتھ اُس فرنٹ سیٹ رزرو آسان۔ منز
اُس میٚتہٕ سفارشی سیٹے میلان۔ سہ اوس مُنزہی ادرکُن اشارٕ کران بڈٕ اعتماد
سان وٕنان زٕ اگر ہیآ بہٕ خدا مہ کرن الیکشنس وودھتھ کے، ایم، ڈی الیوشنس
زیہنزاوِ میٚہ ضوٚرور۔ گوڈٕ وٕنتہٕ آرم سٹرانگ کتھ ہیٚتھ کھوٚرکھ لہرٕ بس وٕہرِس
میٚتے ہے وری اراداہہ ہرٕ اسلام آبادٕ (اننت ناگہ) ہیٚتھ دوہہٕ دِش کھیٚہ وٕس
کران دوت۔ تہٕ میٚتے ہے تمی سُند لوتاہ یاتہٕ کھوتہٕ تہٕ زیادے سفر طے آسہ
کوٚرمُت۔ میون ناو تہٕ گوٚژھ ناکُنہٕ جابہٕ درج سپدُن۔ یہ کتھ چھنے نیٚتِس
پھرٕتی لایق زِ آرم سٹرانگ چھِ گوٚڈنیک امریکی خلاباز ییمی زوٚنہٕ ہندِس سوٚتھرٕس
ہیٚتھ پوٚڈ ترو۔ وری اوس ۱۹۶۹ع ادبہٕ، شاعری، ڈراما، طنز تہٕ ظرافت
بیترٕ سائرٕ سیٚے اوس دل لوان دِنہٕ۔ میٚتے آسہ تمی سنز زیرٕ بحث شاعری اَکھ
بس سفرسیٚے دوران بوزمژ۔ اکھتےسہ نظم تہٕ یوسہ تمی سلمان رشدی لیس
خلاف شیطانی آیات (SATANIC VERSES) ناوی کتابہٕ ہیٚتھ اردو
پٲٹھی لیکھمژ چھیٚنے تہٕ یتھ منز تمی رُشدلیس پھیرتھ شدری کوٚرمُت چھِ۔
سہٕ زانہہ تہٕ اخبار پرُنے بلے سہٕ مقامی اُردو اوس انگریزی بادِلہٕ ہیٚتھ
نیرٕوُن کاہنہ تہٕ اخبار۔ سہ اوس وٕنان اخبارَس منز کیا چھِ آسان تیوٚت
زٕ پرو۔ ریڈیو تہٕ اوسی نہٕ شاید بوزان۔ سگریٹ تہٕ اوس کشہٕ چوان۔ گوڈٕ چار مینار



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

تہٕ پتہٕ کوںیڈر۔ سہ اوس فقط کتھہٕ کران۔ تھکہٕ روٗستے کتھہٕ۔ بےٚ گنڈ تہٕ
بےٚ مطلب تہٕ کینژھہ۔ معنہٕ مطلب دار، پرٕ مغز تہٕ دلچسپ۔ قاضی صاب
لوٚگ ریاضی منٛز علی گڈھہ ایم اے کرنہٕ پتہٕ۔ ۱۹۵۸ء کیٛت کشمیر یونیورسٹی
منٛز لکچرر، بر لوٚگس مئی ۱۹۶۷ء کیٛتے کلچرل اکیڈیمی منٛز سینیر لٹریری اسسٹنٹ
تہٕ ۱۹۷۸ء کیٛت بنودٕم وپنٕہ بیارِ سرِ یہٕ منٛز مکانہٕ تہٕ ودلس پھیرتھ پنٕن
آبأیی گام حسن پورٕ نکھہٕ لبنہٕ۔ یمو یہوٚرکرن رٔدوس مارچ ۱۹۹۶ء ریٹایر گژھنس
تام کم سے کم رتہٕ کالہٕ شہر دٔسہٕ کھس کران۔ پتہٕ لوٚگ سہ یونیورسٹی کوارٹرن
منٛز روزنہٕ تہٕ مینٛے گوٚو تتھے پہٕتھہٕ یہٕ ہرل حیرت انگیز یمہٕ سنٛز بوج تٔھینہٕ شاید
اوسس بہٕ بے تیٛہنز جأیی یارِ لایق۔ یوٚت زٕ مینٛے جھنٛہٕ پتہٕ بے زلس چھہٕ
بڈٕ اندرمن ہنٛد آپریشن سپدٕمت تہٕ سہ چھہٕ سیراکیوس (SYRACUSE)
نیو یارک ودٕمت پتہٕ تمی سنٛزٕ کٔنٛی کوٗر فوزیہٕ صنوبر ریاضی منٛز ڈاکٹریٹ کرنہٕ
پتہٕ پروفیسر سنٛدِ حیثیتہٕ کأم چھسے کران تہٕ تمی سُند کٔنی نیچو قاضی محمد داؤد
امریکہ ہس منٛز ڈاکٹریٹ کرنہٕ پتہٕ ریاضیہٕ کنگ فیصل یونیورسٹی منٛز ریاضی ہنٛد
پروفیسر چھہٕ۔ ۳ فروری ۱۹۹۹ء بوٚدوارِ دوہ گوٚو قاضی صاب سیراکیوسہٕ امریکاہس
کینسر چہ بےٚ ترٛھہ بیمارِ ہنٛد مقابلہٕ کران یمہٕ عالمہٕ۔ اِنّا للہ و اِنّا الیہ
راجعون ۰ واصل حق سپدن وزِ آسہس آشنی محترمہ سکینہٕ زہرا تمی شاندس
بیٹھہٕ۔ خدا ے کرِن مرحومس قبر پرٕ نور تہٕ تہندین شرین یأژن کرِن یہ کڈر
دوکھہٕ ومتراونہٕ بابتھ صبر جمیل عطا۔ قاضی صابنہٕ مرنہٕ ووٚت کأشرس ادبس
بوٚڈ بار نقصان۔ سہ ژھہرہ گوٚو یادٕ لس تہٕ پروٚنہٕ ہیکیہ پیٚتھ۔ شرِن ہندی
بے پناہ آدارن واتہٕ نوو امریکہ تہٕ تتہٕ چھی بخشہٕ بڈٕ منٛز آسس نصیب۔ دُوٚانی وجود
ودٕت پھیران ساسہٕ وادٕ میل دٔر بر دکسس منٛز کل ژھایہ روزنہٕ بقول

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

حافظ سہ

من آں از حسن روز افزوں کہ یوسف داشت دانستم

کہ عشق از پردۂ عصمت بیروں آرد زلیخا را،

اگر بیہ کانہہ ہندِس گرِ دٔر گٔژلس بیٹھ قاضی صابس حسبِ حال

شعر باپتھ ونہ ہیو سہ وہنِہ ضرورٕ غالب نہ زٕلوِہی ہیکہ سہ

مجھ کو دیارِ غیر میں مارا وطن سے دور

رکھ لی خدا نے، میرے، میری بے کسی کی شرم،

کیا پے چھُ تہندِس یارِدی دِلس منز کمہِ شوٗنگی متہٕ ارمان آسہے پوٗتس کاڈ کوڈ مت ؟ رضائے مولیٰ از ہمہ اولیٰ ۔ نتہ ہے میٚژر موٗر کیتھہٕ تام زمنس آو، پرٛتھیو بڈٕلو۔ سور لود تہ شرینٕر باپتھ کتھہ زمینہ کو چھ منز کوٗت اوسُس واتن۔ یہ چھُ سہ ڈباگی تہ بودلہ یارِدی مزاز وجوٗدس کاشر ماز یا کاشر کو کرانہ باپتھ حضرت بلہ بیٹھ تہ ونیچہ بیوٗر غلام قادرس نِش ماز ہیٚنہِ واتان اوس۔ مرازٕہی تراپہِ دو مزٕرگس دمس تام کوٗر بجایہ کوٗڈ، یور بجایہ یوڑ، تور بجایہ توڈ، ہوڈ بجایہ ہوڈ۔ وسہن کھسہن، کرن بیتر بیھورس لر۔ بیتر یہ ناروا، شرٛی ہوڈ یا ہیٚژ نہ وسوٗتی سیٹھا گی یا خود سادیت پسند وولس یتہٕ کتہ چھنے شاید تمہِ سنزٕ بے پناہ خود داری کار فرما یتھ تہ پوٗتس بے رحم موتس نِشہ کینہہ تہ چلیو وسہ

میٔنے ہیوٗ کتہ یہ کرِ گزٕ ھیتھ توت وکانہ گوڈ کیاہ تام

سہ ہرِدر لوٗنی میٔنے یُتر کال آسیہ براران !

کوٗر فوزیہ چھُس ونہ نمہ وُسنے۔ خدائے یٔز راوِلس ڈکس۔ ننیٚو واوٗد چھُن پنہٕ حیاتی منزٕ نمہ وٗلمٕت۔ اکھ زٕ ووٗہی بروٗنٹھ۔ لَس پٔچھنے برنگرس



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

غلام نبی برٹھ (کنشہ) صابن ڈیکہ بڈ کوٗر بانگی آرزٕ۔ آسِتھ سکینہ زٕہری۔ یہ اوٗس
قاضی صابس دوٚیم نیتھر۔ گوٚڈنیک نیتھر تہٕ اوٗسُس اننت ناگ سرِیہ ہنٛدِ
بانڈر پورکٕ۔ سو آس مرحوٗمہ حکیم علیم اللّٰہ ستتر ڈیکہ بڈ کوٗر تہٕ ناد اوٚسُس
مسماۃ حلیمہ یوٚسہ کھاندر پتہٕ شیٖ وٕہری خدایس ٹاٹھ گیہ۔ مرحوٗمہ آس مالِس
ماجِہ ہنٛز کنہ خانہ موج کوٗر۔ تسُند کنہ بُوے (معالج) ڈاکٹر حکیم غلام نبی صدیقی
گلزار چھُہ وُنہ حالے حیات سُہ چھُہ اردو تہٕ کاشُر شاعر تہٕ۔ آسِتھ سکینہ زٕہری
چھےٚ تعلیمہ ہندِس محکمس منٛز ٹیچر حضرت بل چھَس ڈیوٹی۔ دِہان ریٹایر گژھنہ[1]
برونٹھے گژھہ پنشنس رلہ تہٕ نیر کوٗرنس امریکا روزنہ۔ اوتہٕ نام آسی قاضی
صابنہ تہٕ باؤ حاجی غلام حسن وانی صابنِس مکانس منٛز رُوزان۔ وانی صاب
اوس قاضی صابن کالج دوہن ہنٛد یار جانی۔ ووٚنی روٗٹ قاضی صابنہ گرکیو
حیدرپورہ سرینگر کرایہ مکانہ تہٕ توٗرِ گیہ لسنہ۔ قاضی صابن بنوو تہٕ کشیر منٛز
کنہ جایہ مکانے۔ قاضی صابس آس کنی ٹاٹھ ہیتہ سو موٚیس لوکچار پانے ۱۹۹۲ء
کیٛتُ گوس لوکٹ بوے قاضی محمد شفیع تیلوبنہ اسلام آباد شہید۔ تس آس تیلوبنہ
کٕس پیر غلام نبی سنٛز کوٗر نیتھرس تہنٛد ماسٹر بُوے اوٚس، تہٕ سُہ اوس ووٚنی
تتی ہووری بسان۔ قاضی صابن اوس رِشِ مالِنہ مُکھ کرالہ ٹینگہ اننت ناگہ
آبائی مکانک پنُن حصہ ہمسایس کنمُت تہٕ مولہ کنہ لیُس رقم میوٗلُس سُتہ
اوسُن لسنی شہید بائیس ویمنت۔ قاضی مأنی موج سارہ تہٕ آس تیلوکین
پیٚترن ہنٛزے کوٗر، تس اوس بایس حضرت بل کین فاروقیت ہنٛد ماتامال
ماجہ ڈُٹہ بایس اوٚسُس پیر غلام مصطفےٰ ناد۔ اٚبہ صابس اوٚسُس قاضی محمد حسین
ناد۔ سُہ اوس جنگلات محکمس منٛز فارسٹر (FORESTER) سُہ اوٚس کنہ کنہ
پنشن آس سیتی نیرنہ پت بیٚھران۔ بیٚمہ کنی تہنٛدین وٕہالی مزاس بیہہ پین

[1] PREMATURE RETIRMENT



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

لۆگ تہٕ فطرتُک حیرت زا حسن گوٚو اوٚسی بس دِلس نقش کھنیتھ۔ بندوق چلاونس تہٕ کشِ کڈنس منز مہارت حاصِل کرنی تہٕ چھُ امیک رُت ثمر۔ موج تہٕ موٗیس تہٕ مول تہٕ گوس واصِل بمق۔ قاضی صاب رُدُد یتیم کُن، کُن تہٕ کیول عیال ہیتھ۔ دوکھہِ زدٕ بلٕے کاکتہٕ تہٕ پکے سیٚدہن شرن نِشس اوس شہر یتھ یوان گرٛھان۔ تہٕ بقولِ سہیل عظیم آبادی وَنان ؎

نشیمن پھونکنے والے ہماری زندگی یہ ہے۔
کبھی رو دے، کبھی سجدے کئے خاکِ نشیمن پر

تہٕ تہنزی پننہ زبٲنۍ

سہ اوس لبنہٕ پھِرِتھ تل تہٕ یوٗنی زٹ گٹلبو
وُچھال وچھال ہوٚکھِتھ گوٚو سہ ناگراد بچور
دوٗرنی نیا یورکُن زٕ پھیر کھ زاتھہ
پانہٕ کیاہ تام چانہٕ اچھ چھتے وَنان!

قاضی صاب اوس کرالہٕ ٹینگ اسلام آباد، یُس رِشی مالی صاحبنِ آستانس شمالس کُن اکھ محلہ بستھ چھُ۔ ۱۹۳۶ء کِتھ زامت۔ ابتدائی تعلیم ہُرن اننت ناگے حنفی سکولہ بی، اے۔ کوٚرن ہرِ سرِ گرِ پیمرِ باپتھ زوٗرُن دُرِہِ مایوسیم روزان اوس۔ ایم، اے کوٚرن علی گڈھ یونیورسٹی تمت ۱۹۵۸ء منز بنیوو کشمیر یونیورسٹی ہندِ ریاضی شعبک لکچرر ۱۹۵۸ء یس گمتے ریڈر بنیوو ۱۹۶۵ء اور یوہ پروفیسر سندعشی یتہِ گوٚو ریٹایر۔ ۳۵ ہن دُرہِ نی دو ستاد روزِتھ۔ قاضی صابس اوس اسلام آبادکی کینہٕ خاندانک ودیم نیتھر۔ ترٛے برادر نسبتی چھس خواجہ محمد اقبال کین، (تاجر)، امجاز احمد کین (پروفیسر فزکس) تہٕ جلیل احمد کین (تاجر) یہ چھ اننت ناگ ہرِیہٕ نمشدہ یوٚدٕ آسن بیٚتن وول گرِ۔ ہیرَ بابس اوسُس خواجہ علی محمد کینہٕ ناو۔


CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

یہ چھُس برادر خواجہ محمد اقبال کینہ صابن ہمہ بابتھ وَرِتھ واُنی چھِ شکر گذار
تہٕ ہموٗ کرِہی مے قاضی صابنہِ زندگی مُتلق خاصکر اصل تفصیلات فراہم۔ تہندی
وَننہٕ مُطابق اُس اوتر تام رِیشِ مالنکہِ آسانچ النوا اُرہی تہند ناو چلیہ ونی۔ یوسہٕ
ہم زتال اُسی مگر خدائے وتی اُسی مہ ستی فرصاوان۔ کنتھ ہٕر کھر کرنہٕ بابتھ سمکھیوس
یہ آستان شریف کین مجاورِ حضراتن تہٕ ریشی صابن ہموٗ اکھ کنتھِ انکارے کوٗر۔
قاضی صابنی ہیوری چھِ ونکپن صادق آباد، انڈسٹریل اسٹیٹ لنبان۔ قاضی صابنس
مرنس پتھ سپنہٕ تہندی گر اکھ پُرشکوہ، تعزیتی تقریب منعقد ییتھ منز سرکردہ
ادیبو تہٕ شاعرو علاوہ تہندی دوست احباب تہٕ دانشور شریک سپدی ہموٗ قاضی
صابنہِ زندگی ہندی بیون بیون گوشہٕ ننی کڈی تہٕ یہ کنتھ دایرکھ زِ تم تعاون
قاضی صابن ییتھ کُن تروو مُت شعری سرمایہ ہر رنگہ زُھر اوِتھ، یہ اُسیتھ تہٕ
لقول قاضی صاب ـــ

عجائبات چھ انہٕ گوٹہٕ پتھے چھ دوہ لوسان
یہ میون کنھ تہٕ دوہ شوئے چھِ اکھ اکس کھوژان

ساری چھ زندگی ہندی سنی ودگیزِ دیچھان۔ کانہہ کم تہٕ کانہہ زیادٕ۔ قاضی
صابن تہٕ وچھ۔ سہٕ اوس آزلے سمت جان، واخلیت لپند تہٕ روایت شکن۔
سہٕ زودٕ یُر پیتھ حالژ ہند کھور ٹھکھ راوِتھ تہٕ آسو نہٕ ہوکچہ مُقابلہٕ کران۔ تہنز
شاعری منز طنزیک یا ظرافتک ہند عنصر چھ آمہٕ کنتھ ہند اکھ ناکارٕ ثبوت۔ کامیاب
طنز یا ظرافت نگار تہٕ ہیکہ سے اُسیتھ یس دچھس منز دردٕ ہوت دل آسہٕ
تہٕ غمو تہٕ آسنس وتن بار کُنڈی دچھری متی۔ آمہٕ علاوہ گرھیس سو بادہٕ تمی
ترایہ آسن۔ قاضی صابن مطالعہ اوس وسیع۔ حافظہ اوس بڈ تیز۔ تس اُس
کاشر علاوہ فارسی، اردو، کاشر تہٕ انگریزی کلاسیکی شاعری پتھ تسنی نظر۔ غالب

CC-0. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

اوس انہٕ بر باد۔ یہوے تہٕ چھُ وجہ زِ لَس چھُنہٕ آمہٕ درأے کینہہ تہٕ فکر
کھسان تہٕ سہٕ چھُنہٕ شعر شناسی باپتھ کلاسیکی معیارٕ بولن وَسلنے یوٚت زِ
زبأنی زبأنی سہی سہٕ اوس یتھٕ پأٹھی ہمکال شاعری منٛز یہٕ ڈیٖشِ زِ تہٕ دوٚدبسے
کُنڈی ژاران۔ یہوے طرزِ فکر تہٕ شعر تنقید بنیوو عام زندگی منٛز تہٕ تمی سُند
مزاحٕ یتھ مُتلق اَسی یتہٕ ہیکو وَنِتھ زِ "موجِ ووہوان چھُمنہٕ کانٛہہ، یوٚت تہٕ
وتہٕ پیٹھ بیہہ۔" سہٕ یلہِ کأنسہِ ڈوٚلِتھ تیلہ گرٛھہِ ہے، بأری تقسیم ہوٚوہٕ لأریتھ
تہٕ یلہِ کأنسہِ ہنٛز دِرے گرٛھتھس تیلہِ تہٕ رودِ ہس بیتے گپل گپل لایان۔ صاف
چھُ ظاہر زِ لَس اوس سخ کانہٕ تل روزان۔ خبر کیاز اوس لَس فطری حُسنٕ و قیمس
نام تہٕ گملیس ساد یوان سُتہٕ نتہٕ واتہٕ۔ کتھ اچھے ژودرِ روزان۔ اردو زبأنی
ہُنٛد بہلہِ پایہٕ شاعر، نقاد، مُحقق تہٕ اکھ وتنک شعبہٕ اقبالیاتُک سربراہ چھُنہٕ
بےٚ شونکی پأٹھی تہٕ بنیہِ سوانح عُمری منٛز تمی سُند ناو ہیوان۔ حالانکہِ کم گوٚہے
سہی تمی سُند ناد چھُ اردو مزاحیہ شاعری منٛز اکھ مُعتبر ناد لُس تمی علی گڈھِ
قیامس دوران پرووُست اوس تہٕ یتھ یتہٕ تمی سُندی "حرفِ شیرین"[1]
ناوی شعری مجموعَن ڈکھ کوٚر۔

کأشرس کُن آد گوٚڈٕ گوٚڈٕ قاضی غلام محمدؐ، محمود گامی سندِس کلامس ٹھولہٕ
دَمنٕ کامیاب پیروڈی ہیتھ یِمہٕ سیٹھے مقبول سپنٕ۔ مزاحیہ کلامُک یہٕ تخلیقی
ظرافت ہُنٛد سلسلہٕ تھوٚو تہٕ قاضی صأبن زیادٕ کالس جاری۔ پارڈی مزاحٕ تہٕ
بیہہ۔ تمُ وُیت تہٕ بنیہٕ مزاحٕ کس اَکھ جوہرس برپور نیہٕ ناو تیتھی کنی یتھ
رکنہٕ تہٕ تمی بنیہن سارِنے تخلیقی صلاحیتن ہُنٛد سِلسلہٕ باپتھ شوبہِ ہے۔ تیتھ
مُظاہر کوٚر۔ تمی ہیژِ قلمس پوٚرٕ کلام۔ اَکھ ہیکو اَسی دِژ یوٚتے وَنِتھ لُس

[1] دَبان قاضی صأبن اردو تہٕ فارسی کلام تہٕ چھُ چھپِتھ دوٚل۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

تمہٕ سُندِس تخلیقی سوٚترس پیٹھ ٹاکارٕ چھُ۔ طنز تہٕ ظرافت چھہ ژٕرلو بیکان ہمگے لفظن، گاہے لفظی پیکرن تہٕ کنہٕ کنہٕ حماکاتن ژھایہِ اُچھ ناو کران

پوٚژھ لاگِتھ آمُت چھُس سالس

ڈنگ دمہ دِ مرکھینیٚ مس ہے

زن چھیم ناتال

ہر بودیم لگہ ہا کلہ والس

دال گٔتہ کُفرٕ سیمخ ہے

پیٹھ پٔلہ آمیہ ماہہ وال

مرضی یلہ گرٕ لس لا اُبالس،

ہوٚنی بیا یہ منز آنگنس ہے

کھسہ وٚن چھیم اقبال،

قاضی صابس صاحب حالس یتہٕ باڑ سیرٔ یامس ہے

تمہ منز دژاس کی وال

(تذرِ محمود گامی)

پہیٚے تہٕ پرٚھے بہنچ قایم تھوٚیتھ چھُ قاضی صاب عبدالاحد آزادنہِ غزلہٕ ہمیک مطلع:-

قدمن ہا چشمہ وتھراوے مدنو

لالن ہا مالہ کرناوے مدنو

چھُ یتھہ پایٹھ پیروڑہ گنڈان نِ سون ثقافتی کیو معاشرتی پوٚت منظر تہٕ چھُ بروٚنٹھ کُن یوان ہے

دم دِرکھون دِیتھ بیہتھ ساتھاہ بروٚنٹھہ کنہ پیرالباوے مدنو،
ساتھا گیھنا، درشن دِکھناہ یکھنہ تہٕ محلہ وُزناوے مدنو



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

دۆیمس اَتھ میے سپنس ڈالمُ
دۆیمِ گومُڈ گاو جاوَے مَدنو،

۱۹۷۵ء پورکُن لوٚگ قاضی غلام محمد سنجید پأٹھۍ کأشر غزل تہٕ لیکھنہٕ تہٕ تمۍ سُنٛد کلام ہیوٚتُن انہار، شیرازہ تہٕ سون ادب کہ سالنامکہٕ ذریعہ اَسہٕ تام واتُن۔ وأتِتہٕ پانس متلق خود ساد یتِ لیسندی........

ہُنٛد منفی رویہ پانناوِتہ چھپوُن تہٕ پننۍ کلامہٕ یہٕ وُنہِتھ زِ میٚیے (لس) اَندٕ اَنٛدۍ سارۍ شاعر تہٕ ادیب چھہٕ بلہٕ صاحب کتاب بنیمتۍ تہٕ یہٕ کیاز گژھ اَتھ معمولکس کاروانس سیتۍ شأمِل۔ لوٚلُس پیوس کیاہتام بدلے خیال۔
شاید آسہ پننیو دوستو تہٕ رفیقو زور کوٚرمُت تہٕ اَخر درایہ جناب سیّد محمد امین صأبنہٕ ناو کہنۍ تام کہنۍ تام چیٚیر تہٕ تمۍ چھوپ "صوٗرت خانہٕ"۔ اَوی تمۍ سُنٛد شعری مجموعہ تہنزۍ حیاتی منز تہند امریکہ نیرنہٕ برونٛٹھ۔ تمۍ چھیے "صوٗرت خانہٕ" پننۍ کأشر شعر سومبرن اندرابی صأبنہٕ وننہٕ مطابق یتھۍ چھپتھ دِچھمتۍ کینہہ کأپی پننۍ سیتۍ تہ ییٚہ چھس جناب سیّد محمد امین اندرابی ڈایریکٹر اقبال انسٹی چیوٹ سُنٛد وتہ وأنی چھہٕ شکر گذار زِ تمو کرِ میٚیے امہ شعر سومبرنی منز اکھ کأپی مرحمت۔ خدایے دی تمہ رُت جزا تہٕ تہنز کأشر ادب نوازی تہٕ پوشن آسہ ییٚر کال۔ کوتاہ جان گژھِہے اگر قاضی صأبنہٕ اَتھ امہ مختصر شعری مجموعچ گوٚڈ کنتھ تہٕ لیکھتھ آسہے تکیاز لس اوس تہٕ ژھارُن۔ سُہ ہیٚکہ ہے کنہٕ تہٕ موضوعس پیٹھ گأتنہٕ واو ہیٚکہٕ بوٗلتھ۔
سُہ ہیٚکہ ہے پننس شعری سفرس متلق زیاد جان پأٹھۍ لیکھتھ تہٕ امہ زلو منز تخلیقی امکانن ہُنز ٹھیکہ نشان دِہی کرِتھ۔ مگر بدقسمتی کنۍ چھنہٕ تہٕ کینژھا ممکن سپدمُت یمہ کنۍ اَسہٕ سارِسے پانے چھیے ژھل دِنۍ۔ امہ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

شعر سۄبرُنی ہُند سرنامہ چھُ کولرجنہِ شعر شناس تنقیدی رایہ۔ غالبُن
اُکس مصرس تہ قاضی صابنین فارسی تہ اردو شعرن ہیتھ ییمہ اتمانہ مُشتمل

POETRY IS UNDERSTOOD BEST WHEN
UNDERSTOOD, GENERALLY AND PARTLY
(S.T. COLERIDGE)

شاعری معنی آفرینی ہے، قافیہ پیمائی نہیں۔ (غالبؔ)

غیر ممکن ہے جو اسباب و علل کی رو سے
خواب میں، شعر میں ممکن نظر آتا ہے مجھے۔ (قاضی)

کاشکی گل کنی چراغِ فرد،
درِ اساطیر آشکار متہم۔ (قاضی)

کولرج سُند دلیل، غالبُن شعرس یا قاضی صابنین درج دۄن
شعرن منز تہ چھِنہ کانہہ تُکھا ونہ آمژ ییمہ سیتی سانہ باپتھ حاژنگ
کانہہ تہ برمژ ستہ آسہے آمٕژ۔ یہ چھُ بینہ زبانی مُتلق بیہ سے پرون
کمتری ہُند احساس زنتس آمُت نہ تہ ہیکہِ مس ژۄر تیتہ پھو کرونی نثری
جملے یہ کمی پوُرٕ کرتھ۔

قاضی صابُن گوڈنیک تہ آخری شعری مجموعہ چھُ اکھوہمن غزلن
تہ ترین نظمن پیٹھ مُشتمل۔ ضخامت چھس کُل ٦٤ صفحہ تہ سایز ۱۸×۲۲/۸
چھپِن وری چھس ۱۹۹۷ء تہ شایع کار تابش پبلیکیشنز سرینگر کشیر، کاغذ
تہ چھپاے چھس زبر۔ دوژل رنگہ زین جِلد کرتھ یہ مختصر شعر مجموعہ چھُ
وُتاولی، لا اُبالی، عدم دلچسپی تہ نابرسانک اثر اُسِتھ تہ غنیمتھے لس جناب
اندرابی صابنہِ ذکرِ، لولہ تہ ادب نوازی دراۓ چھپیتھے ہیکیہ ہے تہ
گام چھُ قاضی صابنہ نظر منظر کن، ووحدہ شہلیتھ یاتابال تہ یینہ ماجہ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

ہیرِ گگہٕ منزل کوچھِ منز درۍ معصوٗمس زٕنِہ کومہِ آٹھ ناوان تہٕ تارکن کمند لایہِ ناوان چھِ۔ گام چھُ قاضی صأبن اکھ سوچہِ پیکریُس زگمن ہندی کمٕ کمٕ وہر بناوان چھُ۔

چھٹہِ پوٚنپرِی زُہہ رٕوزتھ گرے
بوٚنہٕ تل اُس نٮ۪ٕ قدرتٕے،
برزٕ لشٕن پھوٚلی بانٕلو پوش،
وُنہِ چھُم ناما مارِچ ستھ
کوہہٕ دامنی دامنی سندِج
تابسال چانی گامِچ وتھ
دوٚدٕ کولہٕ آگرُ پیوُنے گام،
سوتہٕ ہی سنگر مالن پیٹھ
چانِس گامس نکھہِ وُولٕشُس
زٕ زٕ ہشہِ چھسَم لأرِتھ پادن
راتھ اُسا منے سنجہ ترائے اچھن
راتھ اوسُے منے دردٕ گام گژھن
چانہِ گامِچ راتھ
سبز اُس کاژاہ
دردٕ گامِچ وتھ ڈُلہ اُس ہردٕ لوٗنی
زانہٕ قدرت زاتھ کیتُ کم اوٚد گھتہ
وُدگہٕ وٚدِتھ پام دوت شہرس منز
بتانہِ محکمہِ ونُ زاگ خوشی گژلانی

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

تمہ چانہِ گامہ نبر ہنا رٕبہ ژُن سہ ناگ تہٕ چھُل چھہ کیا،

ٹیلہِ ٹیلہِ تہ پارٕہی ہٕ دراس زاہتہ میٚتے لگان سہ آب شراب ہیو

بخنہٕ بوڈ ژٕ شہر تراوِتھ آکھ،

گام ووتکھ تہٕ راد بونیٚن تل،

قاضی صاب چھہ لولہٕ زنجیورِ سازس سیتی ژیتہٕ وُری چھچکِنی نظرٕ سیتی کمتی عالم ژھنڈِتھ یِوان تہٕ خاب وونان یمن ہُند اچھوٗیت تہٕ ابامہ ژُن داماہٕ شرکہ ہِندی پاٹھی تراوانہِ چھیٚنہ تکیازِ تس چھہ یِنہٕ زندگی ہند ویژرِتےٚ ... باسان۔ خاب چھہ شاعرِ سِند تخیلُک اکھ اژھبن انگ ووپے گوو شاعر چھہ اکِھ درگہ پادتھ کران تہٕ قاضی صاب چھہ سیدِ سیوٚد اکھ بادژہ ہنز علامت بناوان۔ یمن خابن منز چھہ داکِشن ہُند النہایہ سُند راون تیوٚل تہٕ بے ناو ہری پیکر محبوب تہٕ، وژرارِ وُژھ پرنگ تہٕ تہٕ عمری کرب آگہی ہُند آتہٕ تہٕ حاژتن ہندِ سہ کیتی عالم مکساوان چھ

کم خندہ غریب گئے میٚتے دوٚیہے

خابن منز لالن ہیٚشر نکھ ژُلی،

کم پوشہ چمن ؟ کیتھی ترد ژہلی ؟

بُلی پاد بچارِن لوکن ژھُلی،

خوش خاب الس کیا وُچھسُتھ

صُبحس ژٕ ہارِتھ بیوٹھکھاہ،

زاہتھ منز ووتھس ہٕ خابس منز

کوٚت گیایکھ ژٕ کوچہ کنی توکن

پردن باز وُچھ زِنہٕ کاہتہ خاباہ!

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

فضہس منز ژشمتی خاب وُڈاں
بوُنِت تل کُس وٲیاں سوٚرَنے!
ژانگہِ روٚس ریہہ زاہتھ خالِس منز وُچھم،
آیہِ کیا اَسی راو راوٲں نِندرِ ہٕتی
اَمارِ جانہِ مےٚ ژھاین تہٕ تلُ نِقاب وولو
تہٕ کیا وَنے ژتے مےٚ وُچھ کِتھہِ عجیب خاب وولو
دَرایکھ مےٚ نِش تہٕ اَژ لین دِہ ہیوتُن وِدیتھُن
آیکھ مےٚ نِش تہٕ دأن ٹھرِ تل گِندان چھہ خا؟
پھیراں گژھے چھہ دَردِ نیُن باندن گژھے
اَسی کیتھی چھہ خوٚشہ ٹُلی چھہ میواں غم کہاں چھہ خاب
باقی غزلہ شعرن تہٕ نظمن (اکھ بروُن سٕہر، نذرِ حبہ خاتون تہٕ بیتھ وٕن)
منز تہٕ چھہ یارِ دی ہزارِ بودلہ تہٕ دُبالی قاضی صاب لوٚکہ اُسطوٗرٕن، لوٚکہ لین
تہٕ بیرِ سأے لوک پیکرن اَندی اَندی ژٕتھ، محدوٗد دُنیاہس منزِ گنڈِتی لفظِ
وَرتاوِ سیتی تخلیقی سوٚتس پیٚٹھ لامحدوٗد بناوان۔ منزی چھہ باسان زِ لفظن
چھہ وَرتاوِ گژھِ سیتی پٔنُن نیہر ناوِ رُدُومُت تہٕ تخلیقی دُوڈے ژھوکیرُمُت

عِزبکی دِوہ نہٕ ہٹی کتھ مٔشرِ شیرِ بیچ
پرٕنِہ منز دِلہ سٕران ہار کھٕتھ
منہِ آنگن منز راتھ دُچھُم
کُن زوٚلن شٔرُ اکھ زۄنہِ گِندَن
دِوہ ڈلِہ وُن کُنُز زُنی ژھایہ ڈلِتھ
کوہیہ پٕژ کنز کوٚٹ گژھِ دِلتھ ہِلی ہِلی


CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

مُشرِ دو ٹھسا اڈ یارٕ ی لگے

یِنہٕ اَنۍ لبَن منز نظرِ گژھے

پھیر یتھ آیاکھا زانہہ وُچھہکھ

مأنِتھ دِتھ ٹھوٚو ٹھس بود گرے

کأر نحقے بہٕ چھُس نہٕ نوٚم اَوِتھ

ہُتی تہٕ زانہہ وُچھنِ ہون شہٕ کارِ دوگُن

نظرِ گیٚ ہم اَدی تنہٕ تہٕ گے ، وأنساہ

میون دِل رنگہٕ موٚت چھُہ معصوٗم شرُ

جأتی یاد وری چھِنیٚ سبز اَلاوُ ،

پادشاہ یار وُچھتہٕ کیا خوش آس

گاش ہیتھ دراو ، گاش ہیتھ آیاو

پوٚت ژھایہِ کوٚل کوٚر اکھ شأعر

تَر کھوٚ دِژ مأنِتھ بود گرسس !

اَچھ وُچھاں زیرو زبر گأمژ سولرُ

دِل وَناں لبکین آسَن وُنہٕ تہٕ اُتی

اَچھ گیٚ پتہٕ ہوٚل گوٚڈے تہٕ ہوٚر

بردلت زوٚل اوس چون گوٚڈنہٕ کھُتن

لالن ہُنٛد نیلہٕ ہاوس پھیچھُے ،

پرانہِ دیوارَن تَل کھسن !

مندورِ ہُنٛد سہٕ آخری وضع دار لبکین

خدایہ یانژھہ شے دوہ ہیتھ گوٚنہٕ سہٕ نظرِ گژھان

CC-0. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

کشیر ہُنٛد پہِرٕ وٕنۍ دار بیکن یمہِ منٛز تخلیقی وٕدو لوک اسطورن تلہٕ چھے محدُود تھوٚو دِیچھہٕ وُنکین امریکاچہٕ خوش بخت زمینہٕ کو چھہٕ ہُنز آرام ترأوِتھ، شاید روٗحانی طور پننِس نِنے شرُن سیتی یمیٚن سُہ کشیر تام ووہی بروٗنٹھہ کشمیر یونیورسٹی بیٚٹھہٕ کالج تام تہٕ اسلام آباد (اننت ناگ) گرٕ گرٕ تھن وِزِ تو تہٕ بیتہٕ مِلتی لس اوٚس تام سیتی اوس گرٕتھان۔ پانے چھُن کیا زیر وۄنمت سے

یلہٕ وۄدے زٕ نیکھ تارکھ لاگھہ،

شروٗ ہٕ پھٹی نٕلمہٕ دأریکھ روزٕ سے

کأشر زبأنی ہُندِس معروف شاعر، محقق تہٕ ترجمہ کار پروفیسر شاد صأبس نِش تہٕ اوس قاضی صأب ذیچھہٕ بیورِ یوان گرٕتھان یتِھ تہٕ گوٚو پننِس معتبر بہکال شاعر قاضی صأبن ہمیشہ باپتھ ماجہٕ کشیر نِشہٕ دوٗر روٗشِتھ بہن مُشکل۔ تمہٕ وِتی تہنزِ ہی غزل زمین تأرِتھ بیتہٕ کنٕ وینہٕ اکھ

لوٗس نظر چھپے تیز وُچھاں ویدماں چھپے خاب

دلو لگے یہٕ پأرِی حقیقت بنأں چھپے قاب

ووٗلِساں تہٕ روٗشہٕ روٗشہٕ چھہٕ باغس یواں بہار

روشاں تہٕ روٗگہٕ روٗگہٕ ژلاں زن ژلاں چھہ خاب

پرجایہٕ آسہٕ کیا تمِس آمُت دِلس قرار،

روٗح لتس چھہٕ پوٗشہٕ وار کراں گٹھہ نژاں چھہ خاب

توٚر آسہٕ یئنہٕ شہ ناد لماں سٔدرٕ سے آلوٗر،

آسہٕ آوٗرِلنہٕ یہٕ ناد پننی رٹے یراں چھہٕ قاب،



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

کِتھ پٲٹھی شہُس دِلن تہٕ ترأوِتھ یہ دلیس دراو
ہئے لاتہٕ! عاقلن تہٕ بےٚ شوٗنکس پھِراں چھہٕ خاب
دوکھ دٕدٕرِ وِک ییٚتر کرِلِوٹھ، کھوٗنٛتھ موکھ تہٕ ژوٗکھ دٕدٕر
سوکھ رٕدٕو دِلَن مُہنٛد تہٕ اُچھن منٛز دٕزاں چھہٕ خاب
بُلبُلَ نسیمہٕ شاوٕ فراقکو دِواں وَہداکھ!
کم گُلٕ مزارٕ بُزی چھہٕ گُرٛٹھاں گُلٕ مُراں چھہٕ خاب!

(نذیرٕ قاضی غلام محمد:
۵ رفروری ۱۹۹۹ء)

---



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

# غزل

رحمٰن راہی

اَکھ رقص کراں راہ بہٕ صحراوی صدا ہیوٚ
کعبس ژٕے اگر یاد پیمَے لات و عُزا ہیوٚ

کینہہ چھمنہٕ خبر آسے وُچھان کوٚرِ گرٕژھن کوٚت
چِری گیٚشُش چھُ یمن تیٚرِ توٚمبِن لاتہٕ اِلا ہیوٚ

اَتھ وُڈرِ تہٕ سوٚے بوٚنی رٕچھان آسِ بُزرگی
دوٚنی وُچھتہٕ یہٕ اَستان تہٕ اَلِف ننگہٕ خوٚدا ہیوٚ

وُٹھ آسی تٕمِس تشنہٕ تہٕ شیٚہلیوٚ نہٕ سنوٚدُر چھَتھ
دِل روٚد نہٕ تَس ڈٔنجہٕ زٕہر کھیوٚن دوٚا ہیوٚ

بوٚزِکھ، تہٕ وٕنِ گوٚد بہرِنہٕ کانٛہہ بادِ دوٚنکھ کیاہ
بوٚگاں بٕے نواقدی وُمبرِ قآد سَزا ہیوٚ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

لۆگ گرائے ہَوا لونچہِ تہٕ شمشیرِ گَتَنگ گیُنڈ

پیٛو بونہٕ وُتھر ٹرانتھ پھُٹتھ دَستِ دُعا ہیوٚ

نَے بوٗلِ اُچھن ژھایہِ نَہ پھُپھراے وُٹھن پیٹھ

سمکھیوٚ تہٕ اگر کانہہ تہٕ یوٚہے گُڈی نہٕ گُڈا ہیوٚ

ہیے پانہٕ! گیوٚتھ ہیوٚکنہٕ، وُن گوٚد کرٕتھ تہٕ ہیکوٚدِتھ

پوٗنپُر تہٕ شنگِستان میہ چھُ گُنبُد تہٕ نِدا ہیوٚ

صُبحن مے دِلَس گوٚو تہٕ نوٚژُم آوٕ لنس ستیٚ

شامَن ژٕ کمیوٚ ژھایہِ روٚٹکھ شینہٕ جَلا ہیوٚ

لَفظَس چھُ لَفظِ حالہٕ اَناں کتھ چھےٚ وُہاں رَتھ

بینہٕ ہَرنہٕ کھیٚلِس زاگہِ طلب گارٕ سہا ہیوٚ

شیراز گیواں غم تہٕ چھوٚکن کٕراو کراں دِل

زیٖشِ وارِ یدمہِ سَر تہٕ پیٚتُر نارٕ کھلا ہیوٚ





CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



حامدؔی کاشمیری

ناد لایاں چھُس ستارن ستۍ

دورٕ نیران چھُس ستارن ستۍ

چھُس دِواں وُنۍ بہٕ کالہٕ کوٚٹھرِ منٛز

دورِ پرٛزلان چھُس ستارن ستۍ

کیاہ میٚنۍ دورہٕ چھُہ آفتابس ستۍ

کیاہ بہٕ ژھاران چھُس ستارن ستۍ

گٔہہ گڑھان چھُس بہٕ روٚٹہٕ سیکلس منٛز

گٔہہ گڑھان چھُس ستارن ستۍ

دارِ کٔنۍ یتھ تمے تلان چھم لنٛڈ

کرٕ بہٕ میٹھان چھُس ستارن ستۍ

گوٚنٹ شِشرٕ آژ ہُندبنان سنگلاخ

پانہٕ زالان چھُس ستارن ستۍ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

# غزل

سیّد رسوٗل پوٗنپُر

نارٕ دلو براد لو زمین آسمان دوٗد وآرانہٕ دوٗد
دوٗد ہٕ کیاہ یتہٕ زندگی ہندِ لولہٕ کےٚ افسانہٕ دوٗد

دوٗد کٔدلِ دریاو دوٗد، دوٗد یارٕ بل، دوٗد آب اُچھ
لولہٕ مہرٕ نٔزی دٔز تہٕ دوٗد شیشےٚ محل زانپانہٕ دوٗد

آمِ پن دٔدی لولہٕ کی شِل واسنٕس تھیہ لیٚج یتی
یاونَن دوٗد تالہِ گُلی دِتھ بوزٕ وُن دیوانہٕ دوٗد

ماجہِ مآیس دوٗد جگراُچھ گاش دوٗد اوٚش روٗٹہٕ گود
ژھارِ کتہِ دوہَن اکہِ نندُن دوٗد، دٔش گنڈن آستانہٕ دوٗد

سوٗنکتےٚ دوٗد، بُتھ دِ چھوٗکس دِتھ دٔزتھ بیٚیِ چارسو
نارٕ چھِلہٕ اسمانہٕ وٕژھہٕ پوٗد تراونٕکُ انمانہٕ دوٗد

راہ مسافِر دوٗد، بیٚیلےٚ دٔز، شناخت بوٚنی دٔز
ڈل ووہلر دٔدی، دِتھ وِیشو دٔز، کوہ تہٕ وَن نوٗرانہٕ دوٗد



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

دۆد قلم، دٕز میل، دۆد کاکد، سمندر ناگ دٕدی
شاعرے افسانہٕ لیکھن وول فنکارانہٕ دۆد

گُلہٕ تہٕ کٔنڈٕ ہےَ بُنگہٕ زوُن افتاب تارکھ نبٲہِتھ
دٕدی وتَن اہندی وَن سرو شمشاد قد جانانہٕ دۆد

دۆد نظارَے، دٕز نظر، ساقی شمع میخانہٕ دۆد
دۆد چمن کتھ کیٔت زوُن ہےَ پوُنیر لو یارانہٕ دۆد

---

مۆکل : پاسِ آخر ہنگہٕ تہٕ منگہٕ لۆگ نار پیٚتھ کانہہ خانہٕ دۆد
باغ دۆد، صحراو دۆد، گلزار دۆد ؤ آرانہٕ دۆد

(مرحوٗم میر غلام رسول نازکی)



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

# غزل

غلام نبی ناظر

ژھیپہ تاپِہ ژکیا اوسکھ ژھاران ؟ تہ نادوپ مے
اوسے ژےٚ لیکھُن گاشس عنوان' تہ نادوپ مے

لگہ زالہ میٚنے وۄن پوشن پیٹھ کو نہ نظر وچھپو وچھی
بیہ ژھایہ چھُکیا زُلفن آسان ؟ تہ نادوپ مے

چھکرنہ یتھ تہ چھےٚ بیٚنچ خاہش لہرنہ آمژ !
کیاہ ڈنجہ میٚنے وۄنی روزن ارمان تہ نادوپ مے

یمہ چشمہ چھےٚ ونہ للوان تمہ خاب بہ چھس سوٚنچان
راوُن تہ گوٚوا یوٗتاہ زِ ٚرزان ؟ تہ نادوپ مے

نہ چھ پروالاں دارِن' نہ چھُ مشکہ مژر ژھٹہ ہند
چھا پوشہ مۄن ملاےَ ترادان ؟ تہ نادوپ مے



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

کمہ بونہٕ شہلی ہیٚے ہیٚے نرٕ پانہٕ دوان نارس
کُنہٕ ژھایہ بچیتھ چھا کانٛہہ روزان، تہٕ نادوٚپ مے
کمہٕ تینٛبرٕ جبینس چھُس بتہٕ قلمہٕ تلتھ لاگان
ژٕ تہٕ آچھہٕ چھلے چھُکھنا چھاوان؟ تہٕ نادوٚپ مے
کلہٕ ہانتٕر رٹٔن والین کرٕونتہٕ شناخت کُس
گگرہند کیا زٕ چھےٚ دستارن راوان تہٕ نادوٚپ مے
دوہرٕ داہٕ روٚ چھُس عشقن کُس ہینکہٕ نہٕ سرتھ ناظرٕ
ششترٕ وکرے زن چھُس ژایان، تہٕ نادوٚپ مے





CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

# غزل

عبدالعزیز بیتاب

نولہٕ مژر چھلِتھ دِمے تہٕ موٚلی ہیکھا؟
خونہٕ جگر ژٔلِتھ دِمے تہٕ موٚلی ہیکھا

خارہٕ وانٛگی تینو لگل نینگلی کوٚر مُنہٕ اُف
سینہٕ پٔنُن ژٔلِتھ دِمے تہٕ موٚلی ہیکھا

سوٚنتہ وادس کیا چھُ کرُن پوشہٕ ٹورِن
عشقہٕ پیچان پھٔلِتھ دِمے تہٕ موٚلی ہیکھا

داو ژھارِان ہھاوِ پانس باغ اندر
لوٗلَ نوٗس ڈٔلِتھ دِمے تہٕ موٚلی ہیکھا

زاگہٕ بوٗنبرُ راگ گیوان کمِس سنا
عطرہٕ عشقس مٔلِتھ دِمے تہٕ موٚلی ہیکھا

ہارہٕ طوطس کیازِ تھاوِکھ یہٕ لاٗنی کتھ
بیل کٔکُ بوٗلی گٔلِتھ دِمے تہٕ موٚلی ہیکھا

محلہٕ خانس شمع تہٕ پوٚنپُر بالہٕ پٔتی گو
شامہٕ ژِھمبرِ ژٔلِتھ دِمے تہٕ موٚلی ہیکھا

عشقہٕ والس حُسنہٕ ظلوٚن بے تاب بڈرِنی
پاسہٕ کھوچہٕ گٔلِتھ دِمے تہٕ موٚلی ہیکھا



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

# غزل

پریم ناتھ شاد

چھُسےَ حسین موکھس مدے گنڈتھ وُچھان

ژِ ما مےٚنۍ کُنۍ وُچھکھ زِ نہے تہٕ خشمہٕ سان

ژمیٖون سوپنہٕ پھل تہٕ آشہٕ ماہیر نیاہ

بہ چھُس مُشرٛۄلی خیال وچھس انٛدر ریچھان

نےٚ سوکھ دِلک نِشاط ژٕ رآژ ہند پرٛاتھ

چھُ ٹارۍ حدن انٛدر یہ ٹارۍ مونٛد جہان

ژٕ سونتہٕ صُبحہٕ دَم عطر ژھٹان وتن

رقص کران چمَن بہار ہلم بران

عقل گوتن گژھان وُچھتھ ودٕنت وجود

سنہٕ سمندرُک تھزر چھُ کہکشان

یہ وُکھ مولُل چھُ شادٓ یہ وزِ چھِ غنیمتھ

رژھا تہٕ اورٕ یور چھ ما لنظر ڈلان

CC-0. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

# غزل

بشیر چراغ

ڈُڈی خاب میانۍ ہرنہٕ اُچھن آب سوزتم
زُو جان سوز یاژِ سُہ کمخاب سوزتم

دَم پھُٹۍ پچھ جانہٕ وارِ گمتۍ گرٕھی نہٕ وُنۍ ہرنۍ
گھٕہین وَنٕ سُہ باگِو بُروت تاب سوزتم

چمنس گمتۍ وجاری مگر بے سبب تہٕ ہال
سرتازٕ خاب سوز تہٕ اسباب سوزتم

راہ گیر گے پرٕتھ سُہ غزل میتہٕ پرنۍ ہٕشرٕ چھے
ہُبتہٕ پھاوِ ہا گلاب تہٕ احباب سوزتم

ریہہ کیٕشرہ دُچھم تہٕ زانہٕ خدا دارِ یٕردزن
دے سپے حوالہ میون شہر آب سوزتم

گمٕژ زوٗل ژِہ یاری واپے لوگس کوت بہٕ یورکن
شہرک شہر منگان چھُ اختاب سوزتم

دوہمس کرن ون زُول وتہٕ آنتھ رو ہیں چراغ
کرٕ سران نورٕ ستہٕ تہٕ تالاب سوزتم

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

# غزل

محی الدین مسرت

تشنہ لبن ہُند قرار اکھ سمندر چھُم
واو ونان دِل دار اکھ سمندر چھُم

ہٕ چھُس قطرہ اکھ پنہٕ جایہ منز بند
لکھُ کوچہ تہ بازار اکھ سمندر چھُم

داس تلان طوفان یام وچھان چھُس
چون اَسہ وُن رخسار اکھ سمندر چھُم

سرس منز زن چھُ ہلمت ہمپوش
یہ طبیعت تہ کردار اکھ سمندر چھُم

یہ دِل میون چھُ آئنہ ہیُو صاف مگر
اَنس اندر گرفتار اکھ سمندر چھُم

چانہٕ آشی وانہ سہلاب ییہ مسرت
اوٗبرنب دِل آزار اکھ سمندر چھُم



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



گلزار شبنم

رٔژھ کھنٛڈی کھو رٹھہراو پتھر میون مزٕر وٕچھ
اوٚش چھُس بٔہ ہران شام دسحر میون مزٕر وٕچھ

گوٚر شوقہ اٚچھو چوٚن صنم تھاو سجاوتھ
نظرو تہٕ لیکھو از کتیٚ اچھر میون مزٕر وٕچھ

دوٚپتھم بٔہ یمےٚ سالہٕ تہٕ لرٔ شوقہ سجاوم
وٕتھی چانہٕ موکھے تھاو میٚنے بر میون مزٕر وٕچھ

کوٚر زوال دتن لوٚز یلہٕ از چانہ ینگ پیٚے
وٕچھی وٕچھی تہٕ گوو دونی کارٕ ہجر میون مزٕر وٕچھ

للہٕ وان ووتم دا نسہٕ میٚنے دوکھ وچھ تہٕ اٚچھو سوکھ
ازلےٚ میٚنے ڈٔکس چھُم نہٕ سبزر میون مزٕر وٕچھ





CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

# غزل

معراج ترکوی

ڈراکھ پانس جاے بدلاوِتھ
ژھلے تامتھ ستی پکناوِتھ
بَرٕ گیئے اَسی ڈراکھ گھرٕ تراوِتھ
ساری ارماں گوکھ لَرٕ پاوِتھ
کمہِ شہرچ آہی زینتھ؟
میانہِ گامچ وَتھ مُشراوِتھ
کَمَ کارِ تھۆدی وقتچ نیران
چانہِ کوچہِ کنہِ کآرٕ نومراوِتھ
دِنہِ خارات اَسہ نش دوتھ
پرتھ دِنہِ چیزاہ موکلاوِتھ
یم رنگیں جذبو رنگہِ دِم
تمہ تصویرِ گوکھ نہناوِتھ
یے چھم خوش کوتاہ آسکھ
معراجس غم پُشراوِتھ


CC-0. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

# غزل

آغوش آہ گامی

فآنی فسانہ سوٗنمبراوِ کُس
رآوی منتی دُردانہ سوٗنمبراوِ کُس

ٹھوٗٹر وادن شہ نوٗزک شاک
ٹھٔری ٹھکانہ سوٗنمبراوِ کُس

شمع زولن روشن سپنز محفل
دِدی پروانہ سوٗنمبراوِ کُس

دِل دادِ دِل زندگی ماچھِ
جوان بہانہ سوٗنمبراوِ کُس

چھُس منتظر مے کشن ووٚنی
برباد میخانہ سوٗنمبراوِ کُس

باگراو جامے اُلفت آغوش
لبریز پیمانہ سوٗنمبراوِ کُس



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

غ۔ ن۔ ظاہر

# گاشہِ تارکھ

## ـــــ نِشاط کشتواڑی

ضلع ڈوڈہک کشتوار تحصیل چھُنہٕ کُنہِ تعارفک موحتاج۔ سرکردہ سیاسی ہستیو علاوٕ چھ اتھ روحانی مرکزس ہہلہِ پایکی ادیب تہٕ قلمکار باگہِ آمتی۔ کامگار تہٕ جانباز کشتواڑی سُندناوکُس تہٕ زانہِ یموٚ پے جہڑل تہ قدآور قلمکارو منزٕ اوس غلام رسول المعروف نِشاط کشتواڑی تہٕ اکھ نامادار شاعر یم سندی مٲری مندی تہٕ لولہٕ برتھ اچھرتہٕ شار اَسہٕ وزٕ وزٕ دِلس شادکران چھ۔ ادبی دنیاہک یہ گاشہٕ تارکھ اوس اردو تہٕ کٲشرِ زبانی ہیٚتھ مکمل دسترس تھاوان ـــ

شاعری تہٕ ادبس سِتۍ اوس یمن گوڈٕ پیٚٹھے لوٚبے حوٚبے تہٕ اکثر ادبی رسالن تہٕ کتابن ہند مطالعہٕ کران کران ہمرٲو یموٚ ینتی ملمی ترلشیا۔ یہنزِ اردو شاعری ہند ڈسلایہ گوٚو باضابطہ پاٹھۍ ۱۹۲۳ء بیس منز تہٕ ۱۹۳۴ ہس منز



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

دِتھ یِموٚ بیٚیہ دۄن قلمکار دوستن ہٮ۪ندِ اتھہٕ واسہٕ ستۍ اکھ ادبی تنظیم تشکیل یِمہٕ
ستۍ علاقس منٛز ادبی سرگرمیَن ہٮ۪ند آغاز سُپُد۔

یہنٛزِ کاشُر شاعری ہٕنٛد دسلابہ گوو ۱۹۵۰ عیسوی یس منٛز ۔ ژٲرۍ ژٲرۍ
تہٕ نیٚپہٕ نیٚپہٕ کرٕنۍ اچھر چھیہٕ یہنٛدِس کلہم کلامس منٛز اکژ درینٛٹھ گژھان ۔ بقول
اسیر کشتواڑی" نشاط صٲبنہٕ شاعری ہٮ۪ند چھُ پننہِ انداز تمہِ چھُ لوکچن بچرن منٛز
سنبھالنہٕ زبان ورتاوتھ بڑِ کھوتہٕ بڈۍ کتھ ونہٕ نس منٛز ماہر"۔ تہٕ شاد فرید
آبادی صٲب چھ ونان زِ " یہندین شارن منٛز چھُنہٕ تخلیلک یوٚت تشکل تھزر
زِ دماغس بیٚیہ شار سمجھنہٕ خاطرٕ کانہہ ورزش کرٕنۍ۔" (اُردو پیٹھہٕ ترجمہ)
یِموٚ چھ پنٕنۍ خیالات ساد اچھر ستۍ پار اوتھ پنٕنۍ عقیدتکۍ پوش پیٹھ کنۍ نبیؐ دربارس
منٛز پیش کرٕمتۍ ۔

نبیؐ چھُ سوٚنے غریب پرور رسول رحمتؐ رسول رحمتؐ
سخی چھُ، چاوان چھُ کوثر رسول رحمتؐ رسول رحمتؐ
سُہ منٛز گٹے، مہتاب چھُ نا نبوتُک آفتاب چھُ نا
کران چھُ عالمس منور رسول رحمتؐ رسول رحمت صلعم

تہٕ بیٚیہ اکس توحید پرست مومن سندۍ پاٹھۍ پننہِ اعتماد تہٕ اعتقاد برقرار
تھاوتھ خدایس نِش پننہِ حاجت منگان ۔

میے یم حاجت چھ در دِل یا الٰہی
تمے کرتم روا فریاد لوزم

رسا صٲبن پیٚلہٕ مناقب الاولیا تہٕ نعت سرکار دو عالمؐ پیٚرۍ تمہٕ فرموو، دۄنٕوٕنۍ
منٛز چھُ زبانۍ ہند میچھر تہٕ عشق نبیؐ ہند جذبہ قابلِ ستائش (اردو پیٹھہٕ ترجمہ)



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

اکھ رُت تہٕ زبر لیکھن وول ادیب تہٕ لِکھاری چھُ اکژ پننہٕ سماجہٕ منزٕ پننین تخلیقاتن ہندی کردار بدس کران۔ صحیٖ رُتہٕ تہٕ تھزر ادبی تخلیق چھےٚ سوٚہے مانہٕ یوان یس واریاہ پاسل (MULTIDIMENTIONAL) آسہٕ نشاط صابن تہٕ چھِ اکژ پننی کردار پننہٕ سماجہ منزٕ ژھاٚنڈ دِتھ کڑمتی۔ تِموٚ یہ لیوٚکھ تتھ منز اوس سماجس منز یاد گمژن غلط کامن ہنز نشاندہی کرتھ امیک اصلاح کرن تہٕ بتاوٚکھی پننیٚ شاعری اکھ ذریعہ۔ سُہ اوس پننہٕ زمانہٕ چہ حس آگاہی نش باخبر تہٕ اندی پکھی کیا چھُ بنان تتھ اوس ژینان۔ یِریتھ کاٚنسہٕ چھُ پننہٕ اوٚرکن ظوون آسان۔

نشاط صابن چھےٚ داج ہنس دِنس پیٹھ د اَجک سودا عنوانہٕ نظم تہٕ لیچھمژ یتھ منز گوٚبرٕ ماٚلی تہٕ کورِ ماٚلی سُند تکرار کتھ باتھ اُزی چہن گرن ہنز اکھ خوبصورت عکاسی کران۔ کورِ مول چھُ گوٚبرٕ ماٚلِس ونان ـــ

ہٕ کیا دمہٕ چھُس سیٹھاہ کمزور انسان

ہٕ کیا کرٕ ژوٚرِ کتہٕ انہٕ یوٚت سامان

لچھاہ دِمہٕ ہا مگر چھُم نہٕ صورتھ

دِنس منز چھےٚ مےٚ داہ دوہ ساس باسان

وارہیٚس کالس چھُ گوٚبرٕ مول تہٕ کورِ مول تکرار کران آخر کار چھُ یہ سودا ناکام گژھان تہٕ شاعر چھُ امیک انجام یتھ کنیٚ اَسہِ نش تھاوان۔

بنتھ ناکام گیہٕ کتھ باتھ آخر

کمی گیہٕ گوٚبرٕ ماٚلِس بار آخر



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

دیان لوگ کورِ مآلس گژھتہٕ پالس

نہٕ لچھ آسن اگر تیلہٕ چھُس نہٕ حاضِر

سودا ناکام گژھنہٕ پتہٕ چھِ شاعر پننِس خدایس کُن رجوع کران تہٕ کورِ

مالِن کیُت دُعا منگان ؎

خدایا کورِ مآلس کر تہٕ چارہ

بنتھ گامتی چھِ تمی داجک شکارہ

یہ لعنت دور گژھہ یا الٰہی

سبیلا کر تہٕ کینہہ پروردگارہ

نشاط صابس آس پننِ سماجِچ وگ تہٕ پیتھے کنہِ چھُ تمی نقلس پیٹھ

طنزیہ نظم لیکھتھ شُرین نقلہٕ نشہِ لوب روزنک پاند باند طنزیہ اندازس منز

کوٚرمت ؎

بنی آدم از نقل یابد کمال

بجز نقل چھے پاس گژھنی محال

اگر چھی بنِن درجہاں نامدار

طلب کرون نقل کرو اختیار

نوجوان پیٖیہ صحی وتہِ کُن لاگنہٕ خاطرِ آسی ہر وقتہ کوشاں روزان۔ سگریٹ نوشی

پیٹھ کتابچہ (نوکیچ کتابہ لیکھتھ کرٕ ہمو سگریٹ چینہٕ نشہِ لوب روزنہٕ خاطرِ نوجوانن

امہِ کینہہ مُضر اثرات نشہِ باخبر لیس وارِیاہ کامیاب تجربہ روٗد۔ الکھ بزرگانہ شفقت

تہٕ لولہٕ بوٚرت روح ہیتھ بیلہٕ پننین ٹاٹھین کُن مخاطب آسی گژھان تمہِ وزِ

آسی پیتھو ہیوٚ نصیحت آموز شاہ تھنہٕ یوان۔ یمن منز سہل سیدی تہٕ سرپیہ دار



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

لفظن ہُند ورتاو چھُ ۔

علمکۍ میدانہٕ کۍ بن شہسوار

بنتہٕ امہٕ اقلیمکۍ اکھ تاجدار

کر تھزٕ ہے تائیم حاصل اے بشر

علم ہٕ ادبک بن ژٕ اکھ جادٕگر

طنز تہٕ ظرافت وٲلۍ تخلیقات تہٕ چھِ نشاط صابنہٕ دُسی اَسہٕ بروٚنہہ کُن اُسن کھنگالہٕ ہیتھ وٲتی متۍ ۔ سُہ اوس دوستن، رفیقن منز بہتھ یم اَسہ وونی۔ ظرافتہٕ سیتۍ پوٚرِتھ شار بوزناوان ۔ تہٕ دُنی ہیکو دولالوٚو نشہ کینژن ژھوین لوٚب روزٕن یژھان یم شار تہٕ آسی اسنس گِندنس سیتۍ سیتۍ کُنہ نتہٕ کُنہ طریقہ کانہہ نتہ کانہہ کتھ سمجھاوینہٕ تہٕ ژٕتس یاد ینچ کوشش ہیتھ آسان ۔

کر سیما بخشاے بر حال ہنز

یمس بوٚز تلۍ تُلۍ فتھ گو وکھر

کینہہ ظریفانہ شار چھ تِتھۍ لیکھتہٕ آمتۍ زِ کتھ تہٕ زمانس منز ہیکن تہٕ تم پرٲنی گرچھتھ اَنزرِ بجلی ہنز ژھیپ ژھیپ وچھتھ چھُ نشاط صابنی یم برجستہٕ تہٕ مادی منزی شار یاد پیوان۔ یم از کِس زمانس منز تہٕ راس چھِ لیوان ۔

کوت ژٕجم ترٲوتھ میٚنۍ بجلی ہاے میانی دِلبرو

کر تمو میونی ژٕ کینژ ھا پلے میانی دِلبرو

تہٕ پیروڈی لیکھنس منز ماہر یہ شاعر اوس کتھ تہٕ شاعر سندس کلامس متوازی ظرافت والی شار لیکھی لکُن محظوظ کران تہٕ اُتھی منز اوس سماجہ کین ٹھیکہ درن ہندی غریبن پیٹھ کرمتی یا کرنہ ینہٕ وٲلی ستم بھاوان،



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

راشن بلیک کرن والین کُن ے

بنتھ ڈیلر میٖنے کوٗرتھم بتہٕ کامنی
بلیکن منز کورتھ بابار مدنو

ورگہٕ باٹھو کتھ وننچ سو تہٕ اَسہ وُنس علمی اندازس منز یہ چھُ پننہٕ جایہ

اکھ الگ انداز تہٕ کمال ے

واز واناہ لگیتھ گرس منز تس
گوگجہ ہکس میٖنے تاون تہٕ لولو
بلبلن دانہٕ گوو کامنی
عاشق عشرتھ کاون تہٕ لولو

تہٕ دوستن یاد دہانی کرناوان زِ تُہ چھُکس میٖنے ٹوٹھ مگر ازچہ دوستی

ہند چھ روایتھ ے

دلبراہ دل میون تُہ یتھِ دیوانہ چھُی
ٹاٹھِ یارا رتھ وندے پُچ وانہٕ کے
کلہ وندے کتہٕ سُندہے اے دلبراہ
بیہٕ کرہن مازا تہٕ وندے گبہ ہندے

کشیرِ ہندس ناماوار شاعر مہجورس اوس کاشُر آسنس پیٹھ سنپٹھاہ فخر تمہ چھُ پننِس

شارن منز اکثر یم خیالاتھ باوِمتی۔ نشاط کشتواڑی تہٕ اوس کاشر آسنس پیٹھ فخر

زانان۔ تمس اوس کاشرِ زبانی ستی سنپٹھاہ لگاوٕ۔ٹ اوس تہٕ کاشرس یا

کاشرِ زبانی وُسی پایہ زانان تہٕ امیچہ پایہ جایی خاطرٕ اوس وارِیاہ ہیکھان تووے

چھُ پننہِ مونتہ ہارٕ شارہ سوٚمبرنہٕ منز مناجاتو پتہٕ کاشرِ زبانی تہٕ کاشرس تاریف


CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

کران جذباتی اندازس منز یمہٕ آیہ پننہٕ پرزنتھ یاد پاوان :

کاشرس خلعتھ چھُ شوبان عظمتک
کاشرس خلعتھ چھُ شوبان عزتک
باشعور اِنسان چھُ کاشُر درجہاں
اکھ خزانہ علمکہ تہ حکمتک

تہٕ کاشر زبان ورتاوس منز اننہٕ خاطرٕ امیک تھزر یمہٕ آیہ ویژھناوان ۔

بہٕ چھُس کاشُر تہٕ چھم کاشر زباناہ
مینے اتھ پیٹھ ناز چھُے امکہ گماناہ
یُہے چھُے میانہ تہذیبک نشاناہ
امیک عظمت چھ مانتھ اکھ زماناہ

باقی زبانن لول برنس سیتی کاشر زبان پرنس لیکھنس تہٕ ورتاونس چھُ نشاط صاحب باندکران تہٕ ونہٕ وزِ پو وچھ یاد زِ اسی چھ کاشرِ ....
یہ تھاوِ پو ژہتس میتھی بہٕ زانہہ مُشرآوِ پو پننہٕ زبان تہٕ پننہٕ وراثت ۔ حضرت شیخ العالمؒ للہ دید، مہجورنی تہٕ رسول میرنی وراثت ۔

پرِہو ہرگاہ تہی اردو تہٕ ہندی
کرِہو حاصل پیہ انگریزی تہٕ سندھی
لبہو پرتھ علمہ منز سربلندی
مگر کاشُر چھُ توہہ کیوٚت نابِ قندی

مبارکھ کاشرہٕ کاشر زباناہ !

یتُے یوت بہٕ مہجورنی وطن پرستی چھ مشہور مگر ضلعہ ڈوڈکی گونماتھ تہٕ


CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

چھینہ اتہ تہٕ پیتھ روٗدی متی۔ یموٗ تہ چھُ پننس وطنس وزِ وزِ لول بوٗزمت۔ بُـ ـہ جانباز آسی تن یا مرغوب، رساجاوداتی آسی تن یا اسیرؔ ـہ اعمارحیم آسی تن یا بشیر بھدرواہی۔ غرض ہر اکی شاعرن چھُ پننس وطنس بوٗش کھمولمت، یدوٗے مہجورنی پاٹھی رسا صابن پننس بھدرواکس سرزمینس تتہ کہن آبشارن، نیین تہٕ ناگہ رادن۔ تھونگین بالن ہندی تاریف کران وژھِ وانجہ کام چھ ہش مژ تتہٕ چھُ نشاط کشتواڑی صابن تہٕ کشتواڑکین رنگین نظارن، ماوانن، جوین، کولہ رادن۔ چوگانن تہٕ مرگن تاریف تہٕ توصیف کرتھ پننس وطنس وژھِ وانجہ لول تہ ماے بوٗزمُت۔ تموٗ چھُ جناب شاہ فریدالدین بغدادیؒ ہندِ احسان مندی ہندی اعتراف کران تہٕ ونان ـــہ۔

چھ نظرِ کرم چیانی درکار شاہا
چھُ دربار چون فیض آثار شاہا
چھُ احسان سیٹھاہ چون ییھ کشتوارس
کورتھ خار زارس ژیٔہ گلزار شاہا

تہٕ پتہٕ امہٕ کہن رنگین تہٕ مدماتی قدرتی نظارن ہندی تاریف کران تہٕ ونان ـہ

یہ عظمتوں کی سرزمین
یہ شہرتوں کی سرزمین
یہ رحمتوں کی سرزمین
یہ برکتوں کی سرزمین

پننس وطنس لول بیران تہٕ امچہٕ برکتہٕ باپتھ دُعا کرُن چھ ہر اُکس بسکینس پیٹھ فرض تہٕ یہ فرض چھُ نشاط صابن پورہٕ پاٹھو نبھ وانیع کوشش کرمژ۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

نشاط صابن چھُ رومانی شاعری کُن تہٕ ظوٗن کوٚرمت ۔ رومان پرور ماحولس منٛز آسی شار لیکھان تہٕ تمن ہنٛز لفظہٕ ژاآری تہٕ شاعرٕ ترکیب چھ پننہٕ اندازٕ تھنہٕ پیمتی ۔

دردِ الفت چھُم بستھ سینس اندر
شمع چھم روشن میٚنے آینس اندر
میہٕ دونمس دِلن پیٹھ چھُ حسنچ حکومتھ
دِپن حُسنکس خاٗلقس پرزٕھ تہٕ کیا گوٚو

سہل تہٕ سرل انداز ... وُچھتوو یہ

سہٕ خوشروتے پری رو خسار ییہٕ نا
دہاں شیریں تہٕ خوش گفتار ییہٕ نا

کاشرس منٛز چھُ یموٚ رُباعی تہٕ لیچھمژ یمن ہندی خیالات تہٕ اسطور الگ تہٕ بدون چھُ یہ

دزان چھُ نار حسدک تس دِلس منٛز
دِلچ دیہہ چھیس کھسان واتان کلس منٛز
وُچھان ییلہٕ کانسہٕ پاہرجا تہٕ خوش حال
دزان وارے تہٕ چھُنہٕ روزان حدس منٛز

لول چھُ زندگی ہنٛد اکھ مُدرُ تہٕ میوٚٹھ تجربہ یُس مختلف آیہٕ انسان سنٛز زندگی منٛز شاملِ چھُ گژھان ۔ لوکچارس منٛز ماجہ ہنٛد لول، جوانی منٛز ہم نشین سُند لول، بجرس منٛز پننین احبابن، شُرین ہنٛد لول وطنک لول ۔ غرض لول چھُ زندگی ہنٛد اکھ اہم تہٕ ضروری جُز ۔ یہے لول یا محبت چھُ نشاط صاب


CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

ویٚژھناوتھ اَسہٕ باور کرناوان زِ لولہٕ لِغار۔ چھےٚ زندگی بےٚ منز تہٕ بےٚ مطلب
لول چھُ اکھ اُکی سنٕز بیٚرزنتھ۔ اکھ اُکی سنٕز زان۔ لول چھُ وڈو کران۔ جذباتی
تہٕ نغماتی وڈو۔ نشاط صابن یمن خیالن منز ؎

محبت زندگی ہُند اکھ نشاناہ

محبت دون جہانن ہُند خزاناہ

محبت بلبلن ہند دل قرارہ

محبت گلشنن ہند نوو بہارا

محبت دون جہانن ہنز چھ دولت

زمین و آسمانن ہنز چھ عظمت

محبت دون دِلن ہنز آشنائی

محبت چھےٚ نہ زانان بےوفائی

یہوے لول ورتوٗو نشاط صابن پننہٕ دٔرس وٲنسہٕ منز تہٕ درایہٕ یمہٕ
عالمہٕ ۳۱، جنوری ۲۰۰۱ عیسوی۔ اللہ تعالےٰ کرِن تمن جنت نصیب۔ آمین۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

غلام نبی ناظر

# سوٗن سماج تہٕ روٗف

اکھ سماج یا سوسایٹی چھے مِلون تہٕ خمیر آسان وارِیاہن فردن تہٕ تِہندِ رنگہٕ رنگہٕ اعمالن ہندیم تم بیوٗن بیوٗن یا یکہ وٹہٕ ژلتھ کانٛہہ مقصد پورٕ کرنہٕ خاطرٕ بجا انان چھہٕ۔ یُس تمن پننہٕ تتھ سماجس منٛز زندگی کارآمد یا ہُٹھ گذرانٕنس منٛز بکار یوان چھُ۔ کینٛہہ چھہٕ آسان رٹھنی لایق کینٛہہ تراوٕنی لایق کینٛہہ چھہٕ آسان مثبت تہٕ کینٛہہ منفی تأثیر ہیتھ۔ یم اعمال انسان ازلہٕ پیٹھہٕ ازتام بجا انان گژھو تہٕ مختلف ماحول تہٕ حالات تہٕ زمانہٕ وِستراوتھ رُٹ مختلف سماجہٕ مختلف شکل صوٗرت تہٕ بیوٗن بیوٗن چیز آسی تم یم سماج پننہٕ ضوٗرو رتہٕ تہٕ مزاجہ مطابق ژٕرھراوان تہٕ پاننہٕ وان گے تہٕ ییتھے کنی رودی مختلف سماج تعمیر سپدان تہٕ ہیروٗنہہ پکان تہٕ تِن گوو بیوٗن بیوٗن موسمی حالات' وقتی امکاناتھ تہٕ ضوٗروٗیاتھ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

بیترٕ روٗدی مختلف سماجن منٛز بیوٚن بیوٚن تہٕ اوکنۍ ساری انسان اکی خمیرٕ
آسنہٕ باوجود چھُ مختلف سماجن منٛز مختلف رسم رٕواج ، الگ الگ تہذیبی تہٕ
تمدنی نشانہٕ تہٕ درینٛٹھی گژھان مگر واریاہ چیز الگ الگ آسنہٕ باوجود تمن
اندر انسانی روح اکُے باسان تہٕ احساس تہٕ جذبن ہُند ازلی ہشر تہٕ یکسانیت
ما کارٕ بوزنہٕ یوان ۔ وونی گوو الگ الگ سماجو چھُ پننہٕ زبانی تہٕ محسوس کرنہٕ کہ
اندازٕ کنی توتہٕ باوژ ہُند واریاہن سلسلن منٛز الگ الگ معیار قایم کوٚرمُت
کاشُر سماج چھُ پننہٕ قدرٕ ساسہٕ بدلو وری یو پیٹھٕ پننی مختلف اعمال تہٕ رسم تہٕ
رٕواج ، زمانن تہٕ حالاتن سیتۍ ٹکرٕ اوتھ قایم کران تہٕ برونہہ برونہہ پکان
روٗد مُت ۔

ییتہٕ چھُ سماجہٕ کین واریاہن پہلوٗہن منٛز پننی مخصوص رنگ درینٛٹھی
گژھان ۔ کاشُر آدم چھُ عموماً نیبرٕ مہن غازی وآدرن ہُند شکار روزان آمت
تمہٕ کنی تس پیٹھ وزِ پننہٕ حفاظتُک سامانہٕ پانہٕ کرنہٕ کنی بہدوٗری تہٕ
حوصلہٕ مندی سیتۍ یارانہٕ تھون پیوٚمُت پتہٕ ییلہٕ تس کنہٕ وزِ ظلمک تہٕ دوٚکھک
شکار گژھن پیوٚمُت تہٕ چھُ مگر تمی چھُ مختلف صوٗرتن منٛز پننین احساسن تہٕ
جذبن زیٹھ وژہشر تہٕ ییتھ کنی پنُن سینک بار لوٚژ روٚمُت یہ چھُنہٕ مردنے
ادت پیوٚمت وتھرُن بلکہ چھُ زمانن تہٕ پننہٕ مقدورٕ موجب مشکلاتن سینہٕ دارُن
تہٕ پننس مخصوص اندازس منٛز تمہٕ باوتھ دِتھ پننہٕ دُکھ لوٚرٕ کم کرُن پیوٚمت۔
کٔشیرٕ ہندی ماحولن چھُ اتھ سیتۍ سیتۍ ییتہٕ کس روزن وٲلس پہاڑی سلسلہٕ آسنہٕ
کنی سخیتن سیتۍ ٹکرٕ کھنک جاد حوصلہٕ دیتمُت ادِ سونہ نانہٕ آسہٕ یا مہنوٗ ییتھے
کنی أتھی لیٛرِ لوٚرٕ سرسبزی تہٕ شادآبی کنی مزازس منٛز نزاکت، شہجار تہٕ حلیمی



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

تہ میچھر تہٕ بخشومُت یم ساری چیز چھ یتہٕ کینہہ لکہ باتن منز وحاظر کرتھ خصوصاً دلولس تہ رؤفس منز۔ یُس زن زنانہٕ ہند پنُن اکھ میراث چھُ تہ لکہ باتن ہُند باگہ بوٗرُت حصہ چھُ۔

اُکس زنانہٕ چھُ ریوایتی طور مختلف دورو منُزی گذرُن پیوان گوڈ چھ آسان سو اکھ لوکٹ کوٗر تمتھ منز چھُ تس الگ ارمان تہ خاہشات آسان پتہ چھ سو بالغ گرٛھان تہ تمہ وزِ چھ تس کل آسان نہِ دوٗن چھُم بیٚیس گرس منز گرٛھن تہ بییس تابیا داری کرٕنی امہ خاطر چھ سو مختلف رنگو تیاری کران روزان۔ خاندر پتہ چھ تس آش آسان نوٚ زندگی ہنز یتھ منز تس اکہٕ رنگہ خوشی تہ بیہ رنگہ غم تہ چھُ آسان نہٕ خبر کیتھ کیاہ نیبر۔ گویا تس چھُ اکہ رنگہ آزادی ہند تہ بییہ رنگہ پابندی ہُند تہٕ دور یوان یتھ منز تس وارياہ نوِ اندازکی اعمال بجا انٕنی پیوان چھ تس چھ پیوان وارياہ بار وہتراوٕنی تہ وارياہ دکہٕ دالی تہ ژالنی۔ یعنے اکہ رنگہ چھ آسان آزادی ہند احساس بیہ طرفہ نوٚ ذمہ داریہ تہ پوٗرہ کرنہٕ۔ تمہٕ پتہ چھ سو خاندرٕنی بنان، موج بنان تہ کورٕن تہ نیچوٕن ہنزٕ پانہ نگران بنان تس چھ یمن سیتی تعلق تھوٗن واجبہ سارے ذمہ داریہٕ نکھہ والنہٕ آسان تہ تم کُنہٕ مقاصس واتناوتھ سماجس منز کارآمد حیثیت پراونہ باپتھ نمکی اہل بناونی۔ یم منزل چھ تمہٕ پانہ تہ آسان طے کرٕنی تہ اد چھیہٕ آسان سوٚ سماجس اکھ کارآمد فرد بنے منز۔ تس چھ آسان یموٚ مرحلو منُزی گذرُن پیومُت تہ یوٚتام تس زندگی اندواتان چھیہٕ سوٚ چھیہٕ کُنہٕ نتہ کُنہٕ رنگہ آور تہ مشغول آسان پنُن مقام سرکھرکرنہٕ خاطرٕ اگرچہ مردس تہ یلی کرُن چھُ پیوان یعنے پنُن مقام ونہٕ کڈنہٕ خاطرٕ جد وجہد کرٕنی مگر زنانہٕ ہنز حالت چھیہٕ جاد آوٕج



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

سۄ چھےٚ نوزُک آسان، حساس تہٕ زاوُل سوچ تھون واجنی آسان اوکنی چھےٚ
سۄ ینہٕ سارنی بیش ییہٕ والین حالاتن زبان دوان یہ زن ونونہٕ کیس تہٕ روٗفکس
صورتس منز وۄجوٗد لبان چھُ ونونس منز چھہٕ عمومی واردات جادِ یہن مگر روٗف
چھہٕ عام طور یم نے زنانہٕ ہندین ذاتی وارداتن تہٕ حارٕ ثاتن ہنز یاوتھ بیش کران
تہٕ یوہے چھہٕ تسند سماجُک اکھ اہم بیان۔ یتھ منز سماجکی مختلف دِہ چھہٕ اُسنہٕ بدٕ
گڈتھ ہیکان ۔ اکہ قومک تہذیب، تمدن، ووتھن، بہن ورتاو تہٕ طور طریقہٕ
ونہٕ کڈنہٕ خاطرٕ چھُ لکہٕ ادب اکھ اہم تہٕ لازمی کردار ادا کران لکہٕ باتھ چھہٕ تمن
سارنی پہلوہن پیٹھ وحاطہٕ کرتھ یم سائنس سماجی توارکھس سیتی تعلق تھوان چھہٕ۔
یمن اندر چھُ ونوُن تہٕ روٗف ساری وے کھوتہٕ اہم درجہ تھاوان تہٕ یہ چھہٕ واریاہ
موٗلُل تہٕ برلوٗر خزانہٕ سانہٕ سماجی توارکھُک۔

روٗف چھُ زنانن ہُند موروٗثی جایداد۔ اُمی چھہٕ ینہٕ رسدار، میچھرٕ تہٕ
موٗدرٕ زباتی تہٕ لیہ سیتی زنانن ہندی دِل تہٕ ذہن زیٹنی متی تہٕ آوراوی متی
امکی موضوع چھہٕ زنانن ہندی ینی غم، دوکھ تہٕ مصیبت زنانن ہنز زندگی
منز پیش ییہٕ واَلی تہٕ تتھ سیتی تعلق تھون واَلی اَدلی تہٕ زاوَلی مسلہٕ بوزنٕ
لایق تہٕ مُستی بخشن واَلی معاملہٕ آسان۔ یمن اندر چھہٕ زنانن ہنز نزاکتھ، حوٗسنچ
کشش تہٕ دلچسپی، لولُک تہٕ مِتنُک میچھرتہٕ رس۔ وآروی تارٕخ سنجی تہٕ
کرٕ ییچھر، مالنکہٕ شہجارُک تاثیر۔ غمن تہٕ دوکھن، شوقن تہٕ ارمانن، آشن
تہٕ ہاوسن ہند سبز تہٕ زاوی جار موٗجوٗد . . . یم روٗفی چھہٕ عموٗمن بڈہن
دوہن عیزن، ماہ رمضانس منز یا باقے ریتہٕ کالی کینہ حسین تہٕ سرسبز
دوہن اندر تہٕ گیونہٕ یوان۔ یمن ہُند عام طور گیونُک وقت چھہٕ انہٕ گٹی

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

گَہلس منز کالہ پتہٕ ذوٗنہٕ راتھ ہندشہل تہٕ پُرسکوٗن تہٕ چھٹل فضا تھاون
دول وقت ییلہٕ آنگنہٕ پتہٕ آنگنہٕ نوجوان تہٕ پُرشباب انہٕر دشہٕ تہٕ
ہُری شادی منز کورِ تہٕ زنانہٕ ڈری کرٕتھ رونہٕ وزونہٕ حلقو ساری سے
ماحولس اندر پانس ستی سیتھ شرونی شرونی کروٗن سانہٕ تہٕ سرور بیدار کران
چھہ.... اَمہٕ علاوہٕ چھہ رؤف خاندرن خندرن پیٹھ مختلف موقن پیٹھ گیونہٕ
یوان۔ مثلن مہرانہٕ ہوورکُن سوزنہٕ پتہٕ والیس زنانہٕ گرِ یوان، مہرینِ وآرِیہ
سوٗزتھ والیس یوان تہٕ نوش وآرِیوٗ گرِ واتنس پیٹھ بیہہٕ چھُ گوڈٕ رؤف تہٕ
دُوٗر کرنہٕ وزِ تہٕ زنانہٕ کیا اہتمام گیوان تہٕ گنگرائے کران ماحولس دو لساوان آسان
داں لاے کران تہٕ پتہٕ چھیر دوان تہٕ چھہ یم رؤفی باتھ گیوان آسان۔ یتھی
اکس کورِ ہندی گیونُن چھہ ورڈس ورتھ (WORDS—WORTH) سُند
دِل مُہتھ نیوٗمُت تہٕ تس نش دوٗر گژھتھ تہٕ چھُ تس سُہ سرور تہٕ لے
ذہنس منز واریاہس کالس وزِ وِنی روٗزمُت تہٕ (THE SOLITARY REA-PER)
ہِش انہٕرِ تھ گولابی، نوٗزکھ تہٕ پیشہٕ نظم چھیہٕ شبابس' یا وُنہ تہٕ جوآنی ہُنز مُتی
ہیچھ تھنہٕ پیمیٕر۔"

( کاشُری لکہ باتھ جلد ۲ )

یانے ژینِتو زِ رؤفس تہٕ سماجس کوتاہ تعلق چھُ پانہٕ وآنِ سوٗن تہٕ گوٗن
تہٕ اہم ۔ یتھ کنی پانہٕ زنانہٕ انسانی سماجِچ اہم تہٕ لازمی حصہٕ چھیہٕ تتھے کنی
چھ تُہند نٕف تہٕ وَن دُن تہٕ ۔ موقہٕ محلہٕ تہٕ حالاتو تہٕ واقعاتو کنی چھُ
مختلف قسمکہٕ یتھ بدی رؤفی ہری دہرس گھتی متی تہٕ یمو منز واریاہ دونی
کاکدس کھستہ پتہٕ وُجود ہراتھ دائم رودوِنی چھہ تہٕ واریاہ چھُ وُنہٕ زبوٗن
پیٹھے تہٕ واریاہ چھہ رادس تل تہٕ یا مُٹی تھے گاہتہٕ ۔ خاریم موجود چھہ تموانہٕ


CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

بۆزی تو کیہہ ہُری :

ہِنِنں ارمان تہٕ خاہشن یم نہٕ پۆرٕ سپدان چھینہٕ یا یم مشکل پۆرٕ

سپدن چھینہٕ تم زیرِ نظرٕ تھتھ بۆزی تو یم ہُری۔

۱۔ سونہٕ بھلہِ میانہٕ لڈرے رۆکو

ناد لاہے ہو، کرِی کرِی

رازہٕ آنگن گندان چھو، کھو

ناد لاہے ہو، کرِی کرِی

۲۔ زۆن کھُترِمے لوِ پییہِ مے بیرے

وسہٕ زۆنی بے کسن تجرے

ببہٕ واجنن بب چھُ لوان نجرے

وسہٕ زۆنی بے کسن تجرے

ییلہِ ینُن محبوب یا مقصد دوٗر رو

موت کوت گومت روآنی

وُڈرن چھمے دوآنی

میانی گوناہ ہوآنی

میہ چھس لو کٹ جوآنی

موت کوت گومت روآنی

شوق تہٕ اورِ زوے پۆرٕ سپدنچ آش رو

ون کھتراس دون گوہ لابن

زن گیالیس مالہِ نے

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh 

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

نبیٔ صاٰبن کٔن گیاٰ لیس

زن گیاٰیس مالہِ نوٚے

ییلہِ کانٛہہ چیز راوِ یا ازدس گرٛزھِ سے

ییٚلہِ کریشکہ وٲج راوم

موج ما مارِہم موج مامارِہم

لونہ آنگن گندان آسِس

تتی مٲے پیٚیے تتی مٲے پیٚیے

حضرت بل نبیٔ صاٰبن گرٛزھنک شوق سے

ودٕ لے گرٛزھ وٲے حضرت بل

نبیٔ صاٰبنِن بونہِن تل

تتہٕ بولان دیدرِ تہٕ جبل

تِم چھ ملان فٔلۍ لہ تہٕ زٔل

پھر نبیٔ ییٚلہِ وٲریو واتان۔ تس کیاہ چھُ لول برنہٕ یوان سے

ہیہٕ لالن اُنی کھیے تمیز سان ار

قمیضہٕ نرِو تھوتمیز سان ار

عید چھ یوان سے

عید آیہ رسہٕ رسہٕ عیدگاہ وسہٕ وٲے عیدگاہ وسہٕ وٲے

ژُکمو آنکھِ لکے ہتی ٹکے ببر لاگہٕ یاٰے ۲ ر

مینز ے مانن لکے ہتی ٹکے ببر لاگہٕ یاٰے

ییتھی ییتھی چھ ہیتہٕ بڈی موقعہ یم پیش نظر تھاوتھ رۅزنی ووجود پراوتھ گژھونہ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

آتھ چھ تہٕ سماجس چھ ہیٚنٛز رنگہٕ رنگہٕ حسین دیٚت پیش کران۔ یمہٕ ستھ سماجہٕ کِس رنگا رنگ وۄجودس چاو تہٕ چم چھُ ہران تہٕ اتھ اندر چھ زندگی گرایہٕ ماران تہٕ یہ بھیر لوٗرٕ سون کلچر تہٕ سماجی عکس تہٕ مزاز ییتھ رۄف چھُ دہرس کھستھ ساٚنی لولہٕ ورتاو دار واقعات د آیراوان تہٕ پیٚنیا دکھن احساتن باوتھ دِوان۔

وۄلے گرٛزھ وۄلے ماجہٕ مالیُن تہٕ لولو

ماجہ مالیُن چھ راجہٕ مالیُن تہٕ لو لو

وۄلے گرٛزھ وۄلے ببہٕ مالیُن تہٕ لولو

ببہٕ مالیُن چھُ سبہٕ مالیُن تہٕ لولو

وۄلے گرٛزھ وۄلے ماٚلی مالیُن تہٕ لولو

ماٚلی مالیُن چھ کاٚلی مالیُن تہٕ لولو

وۄلے گرٛزھ وۄلے باٚئی مالیُن تہٕ لولو

باٚئی مالیُن چھُ سٔیر مالیُن تہٕ لولو

وۄلے گرٛزھ وۄلے بیٚنہٕ مالیُن تہٕ لولو

بیٚنہٕ مالیُن چھ رونہٕ مالیُن تہٕ لولو

وۄلے گرٛزھ وۄلے پیٚتر مالیُن تہٕ لولو

پیٚتر مالیُن چھ چھتر مالیُن تہٕ لولو

وۄلے گرٛزھ وۄلے پوپھہٕ مالیُن تہٕ لولو

پوپھہٕ مالیُن چھُ روپہٕ مالیُن تہٕ لولو

وۄلے گرٛزھ وۄلے ماسہٕ مالیُن تہٕ لولو

ماسہٕ مالیُن چھُ خاصہٕ مالیُن تہٕ لولو



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

ووہ لے گرٛژھ دٲے مامہ مالِیُن تہٕ لولو

مامہ مالیُن چھُ سامہ مالیُن تہٕ لولو

*

ہِنٛیار کِیٚن مختلف سوٗتھرٕن ہٕنٛدیہ لولہٕ بۆرُت تہٕ میوٚ ٹھ اظہار چھُ سانہ تہذیبک بہترین مقامس پیٹھ اکھ مقدّس تعلق ناکارہ باوان ۔ یمے چیز چھ سانہٕ تہذیب و تمدنکی رنگ پیش کران ۔۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

پریمی رومانی

# پریم ناتھ پردیسی

## اکھ کامیاب افسانہٕ نگار

مختلف زبانن منز یموٚ شاعرو تہٕ اٗدیبو کٲشرِ متلق لیوٗکھ تمن منز چھ کینہہ ناو تیم یم سیٹھاہ قابلہ توجہ بنان چھ ۔ یمن منز چھُ پریم ناتھ پردیسی سُند ناو تہٕ شامل ۔ پریم ناتھ پردیسی اٗسی افسانہٕ نگار ۔ تہٕ تہندی افسانہٕ چھ کٲشرِ ہنزِ زندگی ہُند اکھ بھرپوٗر عکس پیش کران ۔ تہندین افسانن ہنز بنیاد تہٕ اٗدرن چھ اٗسی کاشر تہٕ ساتی کٲشیر ۔ پردیسی زایہ ڈوگرہ مہاراج پرتاپ سنگھنس زمانس منز تہٕ مہاراجہ ہری سنگھنس دورس منز سپدی جوان ۔ آزادی پتہٕ روٗدی تم کمسے کالس زندٕ ۔ تہندی افسانہٕ چھ لہازا سُہ ماحول تہٕ تمہٕ کٲشرِ ہُند نقشہٕ بروٚنہہ کُن انان یُس ڈوگرہ مہاراجن



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

ہٕندِس دورس منز ڈریٹھی گرٛژھان اوس۔

پردیسی ین تُل پنٕنہٕ ادبی سفرک دِس شاعری سٟتۍ۔ اتھ زمانس منز آسۍ تِم رونق تخلُص لیکھان۔ تِمن آو نہٕ یہٕ مآدان راس تہٕ کرٕ تِموٚ امہٕ نشہٕ الگ وُتھ ینختیار تہٕ اردو افسانہٕ ینوکھ پننٕ ذری یہٕ اظہار۔ یہ اوس وُہمہٕ شتلیٚو ترٛیُم ڈہٕیِل۔ اتھ زمانس منز آس پریم چندنٕہن رومانی افسانن ہنز کانٕی شہرت تہٕ ٹیگورنٕنی شاعرانہ نثر اوسکۍ مقبولہٕ عام۔ پردیسی ین تہٕ کوٚر یہ اثر قبوٗلۍ تہٕ ہلکہٕ پھلکہٕ رومانی افسانہٕ ہٮ۪تِن لیکھنۍ۔ یِم افسانہٕ رُوٗدی روزنامہٕ مارتنڈ سری نگر زنبیر جوٚمہٕ تہٕ ہمدردس منز چھاپ سپدان

پردیسین یتھ زمانس منز پننہٕ قلمک زور اُزموو وُنہٕ اوس نہٕ ترقی پسند تحریکہٕ ہُند گوڈ لوٚگمُت۔ اوتام آسۍ تِموٚ واریاہ افسانہٕ لیکھمٕتۍ۔ امابوٚز ۱۹۳۳ ہس منز ییٚلہٕ انگارے ناوُک افسانہٕ سوٚمبرن اردو زبٲنی منز چھاپ سپز تہٕ پریم چند نٕہو افسانو اوس اکہٕ نوِ ترایہٕ ہُند دُسلابہ کوٚرمُت۔ پردیسی یس تہٕ گوو ایحساس ز وُنیکتام یہ تِموٚ لیوٚکھمت اوس سہ چھُ سورُے بیکار تہٕ فوٚضوٗل۔ تِموٚ ہیوٚت پنُن مطالعہٕ وسیع کرُن تہٕ مُلکی تہٕ غیر مُلکی بہلہ پایہٕ کِہن افسانہٕ نگارن ہُند کوٚرُکھ مطالعہٕ۔ پردیسی چھ پانے امہٕ کتھہٕ ہنز باوتھ کران۔ صدیقہ بیگم سیوہاروی چھ اکس چِھٹہٕ منز لیکھان :

" ییٚلہٕ ترقی پسند مصنفینن ہنز گوڈنِچ کتاب انگارے چھاپ سپٕز تہٕ مےٚ گوو یہ ایحساس ز ازتام یہ مےٚ لیوٚکھمت چھُ سُہ چھُ سورُے بےٚکار تکیازِ اتھ منز اوس نہٕ رومانہٕ ورٲے



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

> بیٚیہ کینہہ تہٕ لبنہٕ یوان ۔ میٚنے ہیوٚت بیٚنس مطالس وُسجار
> دُیِن تہٕ ہیوتُم غارٕ ملکی افسانہٕ نِگارد علاوٕ ہندوستانی
> افسانہ نگارن ہند تہٕ مطالعہٕ کرُن . . . . . .
> یہندس اُکِس اُکِس لفظس منٛز آس ژکھ پریشانی
> تہٕ بغاوتیچ بوے یوان ۔ سماجکس تتھ نظامس خلاف
> لیُس ووٕنی ثرانیومُت اوس ۔ یہ آس اکھ نوٚ آواز
> یوسہ روسی انقلابہٕ پتہ ہندوستانس منٛز ووتلیہٕ
> تہٕ تیمہٕ ساری وُزہٕ ناوی ۔"

پردیسی چھُ کٔشیرِ ہند ہہلہ پایُک اکھ افسانہٕ نگار ۔ تمی لوٚبٕ کٔشیرِ منٛز اردو افسانس اکھ نوٚو گوٚڈ ۔ تمی سندین افسانن منٛز چھُنہ فلسفیچ پیچیدگی تہٕ نہ سیاسی نعرہٕ بازی ۔ بلکہ سُہ چھُ تمہٕ زمینہٕ ہنٛز کتھ کران یوسہ تمِس باگہٕ آس آمٕژ ۔ پردیسی چھُ کأشرٕ تہٕ کأشرِ تیک لوٚڈ علمبردار ۔ سُہ چھُ سون گوڈنیُک اردو کہانی کار یمی سٕنٛزن کہانین منٛز کأشرٕ تہٕ سأنی کشیر درینٛٹھی ژھےٚ گژھان ۔ تٔمِس ووندس منٛز چھُنہ چھرا کٔشیرِ ہنٛز مالی ہ یاژہٕ امالیوٚ زیٚٹیکُ دودِ تہٕ دگ یتیچ غولأمی تہٕ نادأری ہنٛز بھرپور احساس ۔ تیہندِین نظرن منٛز چھُ زِ تم آسی گرِہ گرِ ونان زِ نیبرِمیوٚ افسانہٕ نگارد چھُ ہمیشہ سأنی کشیر بدنام کٔرمٕژ تہٕ یہ چھرا آمٕژ تہٕ آرام کرنیچ جاے تصور کرمٕژ پردیسین اوس زونمت زِ یتیُک ساروے کھوتہٕ لوٚڈ مسلہ چھُ غولأمی ۔ افلاس تہٕ شخصی حوٚکومتھ "صدیقہ بیگم سیوہاری بھی" ہندس اُکِس چِٹھِ منٛز چھُ امہ کتھِ ہنٛز باوتھ یتھہٕ پأٹھی کران :



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

کشیر ہند پرتھ کانہہ بدلعیب باشندٕ چھ بذاتِ خود اکھ
افسانہٕ ییمس کُنۍ تہٕ از تام کانٛسہ توجہ چھُ دِیتمُت۔ نیبرِم
کینژو افسانہٕ نگارو لیچھ مِنوٚر وٕزٕر کینہہ کہانیہ اما پوٚز
تہٕہند اندازٕ اوس غلط ... یتیٚنگ زیادٕ کھوٚتہٕ بوڈ
مسلہٕ چھ غلامی افلاس تہٕ شخصی حوٚکومتھ۔ تمِن
دوستن ہیٚتی روزٕ ییٚنہ ہرٕوزٕ شکایتھ ییمو پنٛنین
کہانین منٛز فقط حُسنس پوچھرٕ دِیتمُت چھُ تہٕ
کٔشیر چھکھ بدنام کرمٕژ۔"

پردیسی سٕند افسانہٕ چھ بنیادی طور کٔشیرِ ہنٛز کتھ یِم چھ تمن لُکن ہنٛز کتھ
یِم گنٛدٕ کوچین تہٕ ہرانین محلن منٛز روزان چھ یِمن محلن تہٕ کوچین منٛز چھ تِم لوکھ
روزان یِم بزنہٕ پاٹھۍ غریب طبقس سیٚتۍ تولُق چھ تھوان یِم لکھ چھ غربتک تہٕ
افلاسک مُقابلہٕ کرتھ باقی لُکن سیٚتۍ سیٚتہٕ ہٚسینہٕ روزان۔ پردیسی ینٛز افسانہٕ
"جہاں سرحد ملتی ہے" "نئی صبح" "جھنجھنا" "ڈھول" "ٹیکہٕ ٹِنی" سوغات"
کاریگر" "جنت اور جہنم" بیترِ چھ یتھی کینہہ افسانہٕ یِمن منٛز کاشُر ماحول چھاپ
چھ لبنہٕ یوان۔

پردیسی چھ نہٕ فلسفی۔ اما پوٚز تہٕنز کہانیہ آمٕو درِ آسنس سیٚتۍ سیٚتۍ فکر انگیز
سٕہ اوس پننہٕ ملکچین روایتن سیٚتۍ سیٚتۍ عام انسانن سیٚتۍ مایہ تہٕ لول تھاوان
تہٕ یہوے مایہ تہٕ لول اوس سٕہ پنٛنین افسانن منٛز باگراوُنک قایل۔ سید احتشام حسین
چھ اکِس جایہ لیکھان :



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

"پردیسی سندین افسانن منز چھ تمہ کشمکشک
شوٗوُد نظر گژھان یمن فلسفیانہ ہکو ونتھ مگر
یمن منز چھ فکر انگیز عنا صر موجوٗد ۔ پردیسیس
اوس کشیرِ ہنزِ زندگی، تہذیب تہ رِوایتن ستی
سیٹھاہ موٗحبتھ تہ اُتھی اوس سُہ پننین افسانن
منز پیش کرتھ عام انسانہ سنز خدمتھ کرنی
یژھان تہ یہے چھِ اکس کامیاب افسانہ نگار
سنز خاصیت ۔"

یہندین افسانن ہندی کردار چھ بڈٕ جاندار۔ یم چھینہ بوٗر کران بلکہ چھ یم مطالعہ
کرن دامِس تہ حرکت تہ حرارتھ بخشان۔ یمن کردارن منز چھ مُشیدِ ہندی مُلہ
تہ تہ مندرن ہندی پنڈِ تہ ۔ یمن منز چھ گُکر بیٹھ نقشہ بناوَن وٲلی
فنکار تہ قالباف تہ، باٹی کام کرن وٲلی کاری گر تہ۔ لہٰذا منز روزن وٲلی
تہ تہ جمکِو لسکین دَر تہ۔ یم کردار چھ تہندین افسانن منز غوٗلام درغوٗلام
زندگی، شخصی نظام مذہبی تعصبات، توہم پرستی۔ اقتصادی نابرابری خلاف
اُکساوان ۔

پردیسی صاحبس چھ زبانی پیٹھ سیٹھاہ عبوٗر۔ تم چھ اردو زبانی علاوٕ
فارسی، ہندی تہ کاشر زبانی ہنز زان پہچان تہ تھاوان تَوے چھ تہنزن
تخلیقن منز سارِوے کھوتہ بیوٗن تہ الگ زبان ویز گژھان ۔ کُنہ کُنہ چھ
تم ماری موٗند محاورٕ تہ استعمال کران یمو ستی تہندی افسانہ بڈٕ لوٗبہٕ وِنی تہ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

شوبہٕ دُنی چھ باسان۔ پرٛدیسی سندین افسانن منز چھ جایہِ جایہِ نوِ نوِ تشبیہات تہٕ استعارٕ لبنہٕ یوان تہٕ کُنہٕ کُنہٕ چھے کینہہ نوِ علامژ تہٕ نظرِ گژھان۔

پرٛدیسینی ترٛیٚنے افسانہٕ سومبرنہٕ "شام وصحر" "دنیا ہماری" تہٕ "بہتے چراغ" چھاپ سپدیمژٕ۔ 'شام وصحر' چھ تہند گوڑٕ کاپُج افسانہٕ سومبرن۔ اتھ سومبرنہٕ منز چھ ترٛواہ افسانہٕ شامِل یم افسانہٕ چھ پرٛدیسی سندِ ابتدآئی دورٕچ نمایندگی کران۔ یمو افسانو کرٕ ی تِم مشہوٗر۔ کینہہ کالہٕ پتہٕ چھاپٕی تمو "دُنیا ہماری" تہٕ تہندِ سورگہٕ واس سپدنہٕ پتہٕ چھپیوو تہند آخری مجموعہ 'بہتے چراغ' یمن ترٛشوٕ افسانہٕ سومبرنن ہُند مطالعہٕ کرُتھ چھُ پرٛدیسی سُندِ شعورٕچ تہٕ تہندِ فنکارانہٕ چابکدستی ہُند اکھ ناکارٕ تُوٚت میلان۔

تِمو دِیُت کشیر منز اُردو افسانس بڈ لوچھر تہٕ منشی پریم چندنی پأٹھی ہادٕچھ اکھ نوٚو وتھ۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

# دۄدسہٕ

شہزادہ رفیق

"آکاش" تہٕ
"پاتال"
مارکھن منٛز
"زوٗن"
گاہ ژھٔٹہٕ وُن
"سریہ"
باشہٕ کرُن
"آدم"
نِتھہٕ نٔنۍ !
ژھری تہٕ چھیٚنۍ !
بوٗنہٕ شیہجار کہٕ
گریٚشمہٕ ڈٔدی ہتہٕ
دودہٕ کوہلن منٛز

پراٗژہٕ ؤرِتھ
دۄدسہٕ ژینان
آدمہٕ رتس زاگان
دٔپان
دۄدسہٕ ہمہٕ !



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

# آش

رحیم رہبر

## قُرانکی

زیرٕ- زبرٕ پیش تام
روزن گواہ

تہٕ

نشرنہٕ لگہٕ سوُروی
اَرضُ وسماء
مظلوُمن ہُند دُعاے خاآرگو و قبول
آتال و پاتال گرٛزھہٕ لبَس
کنُہِ صدا۔



گرٛزھہٕ ولٕس
قبرستانن ہٕنز گنگراے
رقص کرنہٕ لگہٕ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

اکھ اکھ بے جان ژھایے

آلہٕ منزٕ کی جاناوار

شور گوٗ گوٗ تلُن

انٛد وآٮ۪ژ زیٛٹھ راتھ

تہٕ

نوٚو صبح پھوٚل



کاوٕ ینہٕ والین لگنہٕ

ٹھاکھ ڈٮ۪ن

شالماٮ۪رن گرٕژھنہٕ

نوٕ سرٕ ڈاکھ ڈٮ۪ن

جایہِ جایہِ رقص کرٕن آبشار

کاژٕ نیارن منٛز پھٲلتھٕ ین لالہٕ زار

بے وق لگنہِ بہارس

ہُرٕد ڈٮ۪ن

پھَلنہِ یامُن برمُجہٕ کلین ییہِ زبان



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

چھپنہٕ میٔنے بتہٕ یور بیہٕ
رٕتہٕ چھپ لبکار



کرہن پیتیٹ کرٕتھ نبَس
لگہٕ نارٕ وٚین
روزٕ روشن سرِیہٕ بیہٕ گژھِ تابدار
زٕردیامتن پوشن
پھیرٕ سبزارٕ نوٚو
تاپہٕ ژٕنجن منٛز شٕہیج بوٗنٕ
کرٕ شٕہجارٕ
ظلمہٕ گٹن ہند تصورٕ آسہٕ خاب
ترٹن طوفانن ہند بیم آسہٕ خاب



وُژھِ روزن برٕنہٕ سارے شامہٕ پتہٕ
ناوِلگن ترنہٕ ڈلس شامہٕ پتہٕ
گاشہٕ لٹہٕ کرِ زوٗول ساآسی
راتٕ انٕ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

وۄلیہٕ نیرن یا رٕبل وُینی شامہٕ پٮ۪ٹھ

دآییرٕ گنٛڈٕ گنٛڈ

کوٚرٕ بیہٕ رُوف کرن

بیہٕ یرٕ آنی پاٹھٕ ہن

تُلۍ لنگُن گنٛدِن



پَتہٕ ہیم رنٛس

ہکھُ تراوِن بے خاب لرٕ

سوٗچہٕ صفن پیٹھ لیٚکھن

آیات بدل

شام وسحر کی آسن

سوغات یدل

آب گرٛزھن شِل تہٕ

ساٗری اتھہٕ تلن

یار صاحبو! اکھ آش بس

سرمایہ سون

ساٗنٛز سیاہ ٹلم بہٕ تکھ وُینی

تا یہٕ ستی "______



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

# پیرِ کامِل

محمد یوسف عاجز

نۆر خانک " سِر " بہٕ یکدم ٹاو گوو
سرِ یہ پرزلیو، پوشہ بُتھ وۄشلیوٗکس ؟
عۆر سۆر گچھ، بیٚیہ پرسانکی خلق
ڈُری گنڈِکھ ادٕ
وَن وَنُک سَرگم پھہیوٗو

رۄشمت نندبون اہرلوٗمت ننان
مَنۆچھ مِۆت، مُنزٕ موُج ییٚلہٕ آلو کرِس
لولہٕ " وَچھ " آیت تھوٗلس " للہٕ موج " وَچھ
مارِ فتھ چاوس تہٕ زگنٔک " پے " پرٕ لس
زندگی ہندی شنی وۄگنی اَدٕ ننی گرٹھن

لول کرِ شوقس دیان ییٚلہٕ اُدیپ ژُوپ
موصمیازکی شوٗدی اَچھر رہبر بنن



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

گٔژھ زلین پُژٕ پار کرِ کاشُر منار
پاسہ مذہب موٗخہٕ دامانس خیرَن
زیو تہٕ دل وہرژھنن کتھن تِیے
نٔنی کرَن " اُمّ الکتاب "

زگتہٕ بارو ییٚلہِ تہٕ زاٹھہ سوٗخنن سَنن
رہبراہ یتھ کاٗلی نورک "پے" دَنیکھ
نوٗرٕ منی لارَن تہٕ سٕدرس" تہٕ ژھنن
عرشہٕ آکو عاشقن ییٚلہِ گوٗ وکنن
زٕ آلدارن ہندی جبین گیے سجدٕ ریز
ہیے .... سوالن ژرج دیاں تتہٕ تشنہٕ گی
ژٕنی گہتھ "آکھ تھوو" دلوارو لب زباں
کُس نماور بابہ کاشُر دٔ آدی کوٗٹھ
پیرِ کامل شیخ العالم نوٗرالدین رح





CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

# اَنہار

روشن لال روشن

ساتھاہ شُہل موسم سرِیُہل
میراث موٚلل اتھواس مُترٕھیل
ویروار بیٚیہ یتہٕ لونہ شُہل
کمہٕ آیہ لِکان تتہٕ کُے کمیٚل

تمہٕ باغکی جانادار چھ اَسی
رٕلیشی وارِ ہندی انہار چھ اَسی

یتہٕ مرکن اندر کم یار چھبان
یتہٕ تھزرو پیٚٹھی نمواروسان
یتہٕ رٕلیشی تہٕ بیٚیہ کم مُتی چھ لسان
یتہ پزی پاٹھی لیٚمبہ پمپوش پھولان

تمہٕ وارِ ہندی رازدار چھ اَسی
رٕلیشی وارِ ہندی انہار چھ اَسی



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

یتہٕ دھرِچ تھٲو ابہٕ زان دوہے
ہلٹراپرچ تھٲو اسہٕ مان دوہے
یتہٕ جوش دِلن دوہ تلان دوہے
یتہٕ اُمنِج تھٲو اسہٕ شان دوہے

تمہٕ دینکی علمبردار چھ أسی
ژیٖشی وارِ ہندی انہار چھ أسی

دوہ تھ بیٖھ کُنی یتہٕ ذات کُنی
مشورٕ تہٕ بیٖیہ کتھ باتھ کُنی
یتہٕ دوہ تہٕ بیٖیہ وچھراتھ کُنی
یتہٕ سانہ کُنی گو نمات کُنی

تمہٕ قومکی ہڈی غم خار چھ أسی
ژیٖشی وارِ ہندی انہار چھ أسی

ٲرٕھی پوٗزایہِ ہند جوش ہٕرتھ
عرمانگ یتہٕ زن ییول ڈٕو دِتھ
یتہٕ نیلٕے ہٕنہٕ کُنہٕ لبس ماے سٕنتھ
یتہٕ دوہ تہٕ شکر اسہٕ تھووٕلتھ

تمہٕ شہرکی ایماندار چھ أسی
ژیٖشی وارِ ہندی انہار چھ أسی



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

ییتہ بانگ کُنن صُبحٕ آسے گرٛشھان
مندرن اندر گھنٹا چھ وزان
ہکچہ کران کم جو یہ وسان
ییتہ آسے ہُران فکر چھ ژلان

تمہٕ وطنکی پرہیزگار چھ اُسی
رٛیشی وارِ ہندی انہار چھ اُسی

ییتہ روٗشن سونیتھ واوِ گلن
ییتہ تازٕ ہوا بیہار کلن
ییتہ شار چھ مخملی پوشہ چمن
ہردس اندر کونگہٕ پوش پھولن

تمہٕ پوشہٕ وارہندی قلمکار چھ اُسی
رٛیشی وارِ ہندی انہار چھ اُسی





CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

گلشن بدری

# برہم

برہم ! کالہٕ پیٹھہٕ میٚنے اوس
سۄ ییٚیہِ نصفہٕ راتھ
تہٕ پھاکہِ شش جہات
صُبح شفق تہٕ سریہِ تہٕ زن تام
مشکاوِ میانہٕ اَندرٕ وۄنہٕ
یاوژٕ بَیہ سۄ تھُر
تس آسہٕ تہٕ چیشمن اندر
نارٕ الاو تہٕ بدَنہٕ تل
بارۄدٕ بوٚے
سۄ ییہِ تہٕ سومبراو
بُرٕ گامژٕ پوشہٕ تھرٕ ہندی
وَزی، گلابی، اناری

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

تہٕ اَپھلی رنگ

تہٕ رنگن ہنٛدی

پوشہٕ ہلم
چھکرن ژھوٚ پاسہٕ
نافہٕ انبرٕ
تہٕ لیکھ نوِ انسانہٕ
میانہٕ آنگنٕچ کتاب
سوٚ ییٚیہٕ تہٕ کرٕ
مُشر نیندرٕ ہُنٛد ناج
یہٕ برٛہم یتھٕ کالہٕ پیٚٹھے میٚنے اوس
سوٚ ییہٕ نوِ انسانہٕ
نُوٚ ہیٚتِھن لوٚکچہٕ منٛنز تھاوتھ
تہٕ پرادِ نوٚو انہار
سوٚ آیہ تہٕ دوٚپھ
نُوٚ وُٚری یہ ژاو
مگر ـ یہ وزِ تہٕ اَمس
ترٕشہٕ ہے ـــــــ ۔

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



محمد ایوب بیتاب

از شامن وعدٕہ میٚے تھٔو شامن ینہٕ یوزی کانٛہہ
چھس رادھا کھوٗژن لکہٕ پامن ینہٕ یوزی کانٛہہ

دیٚسی زلفہٕ چھجس تل ییہٕ ساون ینہٕ یوزی کانٛہہ
پتہٕ ہنگرٕ ترٛو رسہ وُز ناوَن ینہٕ یوزی کانٛہہ

دیٚسن اتھہٕ سوزن شیچھہ اَو اَزہ دوتُس
بلی مانٛہہ چھم ہیتہٕ گوٚر تشلاوَن ینہٕ یوزی کانٛہہ

لُکہٕ ویٚہ وُز ژھیپہ کرٕ اَسہ لسہٕ سارن تھی
اندکُن وَدٕ اَشی زرٕ ہمراون ینہٕ یوزی کانٛہہ

ینٛن پردن نش آخر تمی سند تھیکہٕ نٕے چھُم
ییٚلہٕ ڈیشن پتہٕ گرہند چھاگراون ینہٕ یوزی کانٛہہ

یآرُوم یان تہٕ انگ شوبہٕ رو دُم !
وآتیم صُبحے دیوٕہ تم کاوَن یتہٕ یوزی کانٛہہ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

# رُباعیہ

نرنجن ناتھ سُمن

میٚنے پھُٹرُم پآئنی پانے آئنہ آوُل
پھُٹتھ پرِتھ نخنجہ منز چھُس لوی سزآوُل
یہِ چھا آئنگُ شرف کِتہٕ میآئنی اٹکل
وُچھتھ وُچھ وُچھِ گرزھان چھُم پانہٕ سےٚ بُل

گُرِس کھوٗت سُر نہٕ چھُس کآٹھی نہ لاکھم
نہٕ چھُس کانہہ برونٹھی نیٚتِ یُس روزِ ہمدم
کُرُن ہل بَل شُرِس بیٚنِس چھُ واتُن
کرِس دِتہٕ ڈھنگ شُرِس تھوِ بھیم بیٚہیم

ژٕرےٚ تے دوٚیتھم بیٚہے چھےٚ وتھ سوٚدےٚ یکھ
میٚنے تے بوزُم سوٚدےٚ رُوٗدُم نہٕ کانٛہہ شکھ
اَما یوٚت ییتھ میٚنے سرفو نال ووٚلیٖہم
خطا آسہم میٚنے پانس لی چھُ برحق



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

گدا گر آس بۂ چاآنس برس تل
خبر چھےٚ ژے سونس گاٚمژ میٚنے سر تل
مدعا چھُم یی میٚنے دِم تسکینِ محکم
دوٚہس راتس میٚنے تھو سرمایہ توکل

ہوا وولیو تہٕ نارس نیٚز گیہٕ ریہہ
کمن وِیرن وزیرن عقلہٕ ڈٕجی تہہ
ڈزِتھ پرٕ بُلبلو ژھنی آلی ترآوتھ
سُمن ژوٚل ون خطا کیا کھور تھس ژہہ





CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

رشید فرحت

# احد زرگر ـــــ اکھ صوفی شاعر

کاشرِ صوفی شاعری ہُند اکھ پرزلہٕ ون تارکھ احد زرگر زاو نردرِ سری نگر ۱۹۰۴ء منز، کم کاسہٕ تالیم پرٕن کاٗدی کٔرلہٕ کس حسن صابس نِش تہٕ مُروجہِ تالیمہِ کُن گیہِ کمے یہن مایل۔ ژو داہ ؤہری آسی تہٕ کوٗرن پیر حاصل یَس عبدالکبیر لون ناو اوس اگرچہ ییم پانہٕ شاعری آسی نہٕ کران مگر اَمکہِ فنہٕ نِش اوسُ واقف۔ اَمے سببہٕ کٔرکھ زرگر صابس شار وَنہٕ نِس منز رہبری۔ زرگر صابنہِ ونہٕ مطابق اوس یہندِ گرِ درویشن تہٕ پیرن ہُندیُن گژھن ردزان تمن رٕود لوٕ کچار پیٹھے پیرن تہٕ درویشن ستی لوٕ پے خوٕ ے۔

شاعری چھِ روحانی سفرچ بادتھ از ییلہِ النسان ساری سوکھ بہم چھِ تمہِ پتہٕ تہٕ چھُس نہٕ قرار، سُہ چھُ دگ آسان للہٕ ناوان تس چھُ صوفی شاعری ستی روحانی سکون حاصل سیدان۔ احد زرگرنی شاعری چھے اَمی سندین ذاتی تجربن ہنز بادتھ اَمی چھنہٕ شاعری فقط اکھ فن زانتھ اتھ برزر کوٗرمُت بلکہِ مارفتکی منزل وُنی رادِتھ چھُن یہِ مَس عام کرُنچ کوشِش کرمژ۔


CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

تہ کینژن جاین چھُن تیوٚت نٔنبر دوٚنمت زِ وقتہٕ کھو پیرَو دِتکھ حکمہٕ کفر۔

یَس ستۍ نکاح چھُ باتدبیر
تسنزٕے ببہٕ چھنے دامہٕ دامہٕ شیٖر
یُھتھنہٕ گانگل کری کانٛہہ اغیار
کافرِ سپدتھ کوٚرُم اقرار

حالاں کہ یمن شارن ہندِس معنیس اگر پوٚرٕ پأٹھۍ سنوٚ یہٕ چھُ بالکل حق تہٕ پوٚز۔ تکیازِ موٗرشدس تہٕ طالبس چھُ آسان نکاح تہٕ دامہٕ شیٖر چھینکُ مطلب چھُ یہٕ زِ کینژھا مرشد طالبس آپراوتی چھُ سُہ باوان۔

احد زرگر روٗد مرنہٕ کنہِ دمس تام پیرس دامانہٕ رُٹتھ تہٕ اُمی آسی زِ پیٖر حأصل کرِ متۍ۔ تکیازِ یہٕ اوس یکہٕ وٚٹہٕ زِ سلسلہٕ پکناوان۔ اکھ قادری تہٕ بیاکھ کُبروی۔ یہٕ وَتھ منڈان تہٕ مانڈان پہوتس حدٕ روٗس دوٚکھ تلُن۔ تہٕ یہٕ چھُ اُمی سندین شارن منز ٹاکارٕ درینٛٹھۍ گژھان۔

گنہٕ کرِ پننِس اولادس
ہَنہٕ ہَنہٕ ماز تژاو دری یادس
پڑھی یے من پننُن کری زنہار
کافر سپدِتھ کوٚرم اقرار

پننُن نفس مارُن پننِس منس گنڈ دِین۔ سوکھ تراوُن تہٕ دوکھ رٹن یہٕ ڈیکِ زِ تہٕ پننُن ماز رژھہ رژھہِ ژٹن۔ تہٕ یہوے گوو پننُن ماز اُندری بزُن تہٕ زلِوٕ گژھنہٕ ٹاس تہٕ نیرُن۔ وُہِ واے



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

کرِنٛ چھینہٕ کتھے۔

یہنٛز شاعری پُرتھ چھ یہ کتھ نُنی نیران زِ یمو اُس پننِ زندگی نقط عشقہٕ محبوب سٕندِ خاطرٕ وقف کرٛمژ۔ وُچھ توکھ یم کینٛہہ شار

شُلہِ گُلہِ ٹوٗرِن موے برنادے

دِلہِ دِلہِ چاوتھ پوٗرٕ پیمان

دِلہِ جگرُک ماز آیت تھاوے

ووٗلہٕ کاٗلی رادَے کھیکھ ارمان



روٗنہِ منزٕلس منز کھوٗنہٕ ساوتھ

منہِ پھلہِ نے منزٕ نتہٕ للہٕ ناوتھ

تنہِ لاگے تن تہٕ آلوے پان

جانہِ حلوُک سوٗندری اسہِ ارمان

یم شار چھ ظاہری طور مجازی عشقچ باوتھ کران مگر یِنز چھ یہ زِ حقیقتس تام واتنہٕ باپتھ چھُ مجازے اَکھ اہم وتھ تہٕ لعوت چھُ اَتھ ینٛزرس ڈٔرتھ۔ یہِ چھُ پننس محبوبس تأریف کران تہٕ لایکھ دِوان گلہے دلہِ جگروک ماز آیت تھاوان تہٕ گلہے چھُس روٗنہٕ منزٕلس منز للہٕ ناوان تہٕ نارٕ پارٕ کران۔ میٲنۍ گرٕ یتہٕ مینے دستہٕ دیدارٕ مینے سیدہا دلک قرار حاصل۔ احد زرگر سُند محبوب چھ سانہِن نظرن اَکھ اِنسان۔ مگر حقیقتس چھُ یہِ تمہِ کُلک جُز یمہِ نش یہ ژھینہٕ چھُ گومُت۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

زرگر صاب آسی دنیاوی ہاو باونٕش نوٗب روزان۔ تہٕ عام طور آسی پننی گرٕ روزان تہٕ بہان۔ تم آسی لوکچارٕ پیٹھے اکہٕ باغی سونچکی مالک۔ یہ کینژھا وُچھکھ تہٕ بوٗزکھ ٹاکارٕ پاٹھی۔ یہند کلامہٕ چھُ کلیاتِ احد زرگر ناوچہٕ کتابہٕ ہندِس صورتس منز موجود۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ لوکچن لوکچن کتابن منز تہٕ اَمی سُند کلامہٕ چھپیومُت۔ یموٗ چھُ مثنوی گلِ صنوبرٕ تہٕ اکہٕ ندرُن تہٕ لیوٗکھمُت۔ یہندِس کلامس منز چھ واریاہ تِتھی شار موجوٗد یمن منز نقلی درویش سالکل پیرن تہٕ ریاکارن ہیٹ چھُ آمژ کڈنہٕ۔ مثالہٕ پاٹھی

ذِکر تہٕ تسبیح زٲلتھ تراو

فِکرے گژھی گژھی سِر ییرٕ زٕناو

مکرو ستی نو وٕ اَتھہٕ آو

فِکرے گژھی گژھی سِر ییرٕ زٕناو



تِکیاز صوفی شاعرن ہُند اصوٗل چھُ عبادت گژھہِ برابر دوہس تہٕ راتس جٲری روزٕنی تہٕ اتھ گژھہِ نہٕ مرنہٕ کِس دمس تام ژھین گژھُن۔

احد زرگرُن کلام چھُ باقی شاعرن ہندِ کلامہٕ کھوتہٕ جُدا تہٕ تتھ چھُ پنُن اکھ الگ اسلوب۔ اَمی سُند کلامہٕ چھُ روح کین ظلماتن تہٕ عشقہٕ آولینِن پیٹھ مبنی۔ صرف چھُ پرُن وٲلِس تام کمہٕ زاویہٕ وُچھس تِ لبہٕ۔ احد زرگر گییہٕ ۲۱ نومبر ۱۹۹۸ کنہٕ شیتہٕ ڈیہری رحمتہٕ حق۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



# کوکرِ آیہِ پرٛاے

صُبحک وکھ، چلیٚ کلانکؠ رٕہتھ۔ تارِ گٹکار۔ شِشر گانٛٹہٕ چھُنےٚ لَشن
اویزان۔ لیفہِ نیٚبر چھُنہٕ شوٗکھس نیرنَس ووہنٛدے یِوان۔ کاٚژِ لیہٕ کوٗرنم باہِر
آلَو۔ ووٚہوو چاے تہٕ یا سدا وٚد ساریوے چیتھ۔ یہ کیتھ ووٚہوا۔ دراصل
اَسی ہمتس تہٕ پیٚیےٚ خانہٕ موٗل میوٗن گوو نہٕ نوٚ ۹ بجہٕ برٛونٛہہ ووٚتھن وول۔
تِکیازِ اکھ اَسی تار۔ دوم اَکھ وار تہٕ سوم اوس میٚنٛیےٚ پتر وتر پیٚچھےٚ زیرِ تام
بسترس منٛز رودٕ نَس آدتھ۔ نیٚبرِ زن ییٚنہٕ ہیٚ ڈبنال۔ مگر یہ نوٚ ۹ برٛونٛہہ
بسترٕ منٛز نیرہ نہٕ۔ دپھ آمہٕ ووٚہیہ زن کرٛٹھن لٔبتھ کاٚٔنہ تہٕ دلوٚتلَس
ڈارٕ صاٚبنس دروازس نیٚش داٚرِتھ۔ نتہٕ ہیٚکےٚ یہ نوٚ بجہٕ وٕھتتھ پان اوس



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

تہٕ پوشان سکھرادلس ۔ تہٕ فاقہ پھری اوسم ہیوان دفتر نیرُن ۔ امہ دوہہ زن
آیہ میٚنے وُچھ تہٕ اوتھ وأنتھ لوگُس سوچنہٕ نانی تھکیھ بُڈہٕ ۔ خبر خأرے
چھُپسہٕ ۔ لرِ سِتی اُسی لُرٕ ۔ بیٹھ چھیم لوکچارُک یار ۔ یاد ما آسِنس کوٗرمُت.
منوٗدستھ ما آسہٕس میأنی ژکنہٕ چھیم وَدن کرکہٕ گژھان) ہیمیتھ کرم تہٕ
کھوژِ کھوژِ کھولم بر تہٕ ژاس اندر ۔ تہٕ اَتہٕ وُچھم نوش بیٹھنہٕ (ڈارِس زنانہٕ)
اَچھوکِن ڈودستھ ژاوان ۔ بہٕ گوس رودُن ۔ بیٹھنے چھیم تہٕ تگان ۔ کینژ کالہٕ پتے
کرُنم ڈارن تہٕ کٔھنچھ تہٕ بیٹھ نوولنس پالنس نش ۔ لوٗتی بیوٗٹھس تہٕ لوٗگس
سوچنہٕ ۔ خبر مار ماچھہس دیمت ۔ مگر نہٕ ۔ وُرِی یہٕ پوشہٕ ہے گأس نیتھ ہس.
تنہٕ نیٚلہٕ تہٕ تہٕ اَز کتھ بیٹھ ۔ دود ما آسہٕس ۔ نہٕ... نہٕ ... یم وچھان نسنہٕ
تماشہٕ ۔ زانہٕ کأل ہے نزلہٕ کرہٕ ہس ۔ واہ[1] آژ اُسی پریشان گژھان.
بہٕ چھس پی سوچان لسہٕ ڈار (پیٖرِ مُرشد) ژاو کمرس منز تہٕ اکہٕ اندر بیوٗٹھس
سہٕ تہٕ نیٚلہٕ اندر اُسُس ہش گوڑے دِل لسلاہ دوان تہٕ ژھوپہٕ کرناوان.
میٚنے سونچ بانا بلوٗ آکھ ۔ خبر کیاہ اُتُھ چھوے کوٗرمُت ۔ توٗے
چھس ساری آژ یہٕ دُی زٕ تہٕ معأنی میوان ۔ بیہتر چھہٕ دُگیہٕ تھوٗنی ۔ تھود
ووٹھان ووٚن میٚنے آمس کیاہ حض ہمشیرہ خأرے چھا ۔ یہٕ کتھ دِیہے
جواب ۔ تہٕ میٚنہٕ کیاہ اوسم بوزُن ۔ وُچھہ ڈارن دِژنم نٔرِ کھنچھ تہٕ دوپنم
دِژاکھ کوٗتر ۔ مجبوٗرن نیٚلہٕ بیوٗٹھس ۔ اَمِس وُچھی میٚنے اَشی گنڈ پوان.
فلک یمِس تہٕ فکرِ اوس کھسان ہمُنڈنے اَچھن منز اوش ۔ میٚنے گوٚد کیاہ
نام تہٕ دوپنس ۔ کیٚتھ دلیل ۔ ژے کتھو بیٹھ ہیٚمیٚتھ ہُرمژ ۔ توٗر دوپتھم ۔ تلا
ژے کر فاصلہٕ ۔ نکن زیٚون ہا پیوٚے میٚنے سیٹھاہ کرڈٹھ ۔ نِکن ناوے
پوت بوزِتھ پھٔی اَمِس زنانہٕ تارِ گنڈی تہٕ ووٚن ہتی دِژلس کرنکھ ۔ نکن

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

ناد کتھ چھکھ ہیوان۔ ژمی بچأری کیاہ کوٚرنے ... میٚنز حالات گژھن خراب۔ کھوٚد ووتھس تہٕ ڈار نیوٚم بالشس سیتی مبٹھکِہ منٛز۔ مبٹھر بہتھ ووٚنمس وَن سہ ووٚنی کیاہ چھکھ وَنن یژھان۔ سیگریٹا زٲلن تہٕ بیوٚٹھم ونِنہٕ۔ ژھولٹس منز بوزٕ ہفتہٕ کھنڈ گوس مالیٛن گژھنَس ... ... ... بہٕ ووٚتھس آدٕ گیہِ کوٚنہٕ۔ اَتھ منٛز کیاہ چھُہ۔ درجواب ووٚتھم۔ گژھتی سہ یا گوٚو گژھان اُسی نہٕ۔ ووٚنی گوٚ نکلتی زینہٕ گژنابند۔ سہٕ ما تروٚون کہنے زون یا پژھہ ووٚنہ انیوٚن سیتی۔ یمیٛس ہیے دُبرِ ہوا چھُہ گژھان۔ خطا کوٚرُم تہِ کھوٚوُم نہٕ ... ... نتہٕ ہیے بہٕ اولہٕ یورے ادسَس زنان گژھہ دِ اَکھ زٕ ووٚنہ حکراہ۔ چارٕ ماہ۔ یا گو فکرِ ادسُس نہٕ تران زِ رژتیس منٛز ہیے یہٕ ۲۵ حکر مالیٛنُ چھس کران۔ مشکلے ووٚنہ کیاز چھُہ یہِ میٚ ادرے ونان۔ حالانکہ اکہِ بھیرِ ووٚنُم تہِ ژے ما چھنے تماہ ... ... بہٕ ووٚتھس نہٕ ... نہ ہیتھے چھُسے ونان۔ تہِ ادسُس سونچان یہِ گژھہ یمن عقل آسنی۔ میأنی کینہ کھینَس لبتہٕ تام۔ میٚنے کیاہ۔ دیَپہ میٚنے مہ ٹلنی تفریک ... بہٕ چھُس ... ... کیاہ تام ادس وَنن ... ... زن لجیس کرنٹ۔ میٚنے پیٚٹہِ اُہنٛدس اَتھس کُن نظرِ سگریٹ اوسُس زالیٛن تام ووٚتمُت۔ بٹ دِژن دارِتھ۔ اَتھس دِتن پھرکھا۔ ڈبہِ منٛز کُڈنی سگریٹ جوراہ اَکھا بلنووُن میٚنے تہٕ اَکھ زولُن پانہٕ۔ زیوٚٹھ زیوٚٹھ کشا بیوٚٹھُس نمنہِ تہٕ بیوٚٹھ میٚنے آرٕ برژو چشمو تھٕلہِ تھسلِہ وُچھنہِ۔ زن چھیمُ وَنن یژھان۔ یہِ ژٕ ذکھہ تی اَندٕ ... ... نہٕ کیاہ دنہاس حکھ تہِ کُس ادسُم ... ... ...

میٚنے بنیہِ بنیٖ کوکر یاد۔ دُنیاہس منٛز نیر ہہس نہٕ جورے۔ کیاہ خوبصورت بلکہ اَچھِم سفید تیرٕ کاٹھ شیٖچھ ... ... پیس آسی متس سٕلہِ سنیچس وُچھنہِ آسی آمت

CC-0. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

مینے بنیہ اُمس کُن نظر۔ شامس پتھے پُرٕھ ڈراپیہ۔ ادرٕچ یورٕچ
کتھا کرٕتھ دیوس۔ کوکر رٕھبٕن چھہٕ فن۔ یتھ کُن ژٕ مینے لگاو چھہٕ۔
دیچھ چانہٕ اَم ٹیمپل کوکر نیونم دل۔ وٲلنجہ منز تھوٗنی لاکھ چھپے۔ سٕہ
دوٕبھٕم تور اَد بتن۔ دیچھ کھین گژھی اَمس سالڈ آسُن۔ اَندری کُن
پھوجم بوکرٕ۔ نیبرٕ دوٕمنس۔ سٕہ ہیٕرٕ چھہٕ مینے تام میأنی بیلہ بنہٕ۔ بیٕترٕ
بوزو۔ یہٕ سالڈ وِمسا کینہٕ فاتے تھون ... ... ژٕے کیاہ تمہ سنے چھے۔
کتھ میأنی بوزِتھ گوٕ دیسے بنگرٕ ... ... مینے دوپ وَق چھہٕ گنیمت ... ..
واہن تھی نیوم سوداہ کرِتھ یتھ تٕہ لگاہ لانچ ییم۔

کوکرٕ واتناؤم گرٕ ... دِمن ونیہاہ گوم مُشتھ یکس تہٕ ہمالس کُن چھم
ژٕ نظر ٹھہران۔ تِ بجہِ دوٕپھن وول شکھس چھہٕ پاٹرٕٹی ۵ بجہِ اُمسنز گکراے
بوزِتھ اُمس مرٕ منز نیبر گڈھتھ اَمس سیتی باشہٕ کران۔ دفتر چھس یوان یتہٕ
چھپے ادرٕ یورٕ پھیرِتھ ہرس منز مینے آسان پیاران۔ میٔنتہٕ چھپے دوہ کھوتہٕ
دوہ اُہنز مالے گنان۔ گرٕ یار یار دوس یہٕ وٕپرِ تہٕ دفتر گژھُن تام چھم
مُشتھ گژھان۔ تِ چھس یہٕ راتی راتس آسان پیاران گاش کرٕ پھولِہ۔ کوکر
کرٕ کوکو ... ... پیٹھے کنٕ چھہٕ وَق گذران۔

کینہہ کال گژھِتھ چھس یہٕ دوہ اکہٕ بیمار پیوان۔ تہٕ سیتی چھس
دزان۔ نزین زگمن چھم تہٕ ہیکھے آسان۔ اسلئے چھس ژٕ کوکرٕ پُتھ تہٕ ہیکان
وُچھتھ۔ ماجہٕ چھس پُرٕھان۔ سو چھم ونان یتہٕ ناچھنہٕ مرٕ منز نیبر نیران۔
پانسے سیتی چھس سونچان شیانہٕ امارٕ چھنہٕ یہٕ تہٕ نیبر نیران ... دیچھ ژورمہ
دوہ یلہ موج کوکرٕ پھل تراوِتھ چھم یوان تہٕ ونان۔ میا چھہٕ پاسان
کوکرٕ چھپے پٕرانے۔ یہٕ بوزِتھ گوس یہٕ روٹہٕ۔ ہینر کیہ چھکیہ ونان۔ بٹھول نیترٕ

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

پڑاے۔ موج اُسیم شِنز۔ پانٕسے سیتی دوپُنم۔ تلا یہ دِمہٕ نظر یہ ووتھس داے لدے
ہُرس کنٕ۔ اَتہٕ وُچھم کوکرِ مکمل پاٹھی پُراے آمژ۔ سونچنہٕ لگُس ٹھول آوا
گوڈٕ کرِنہٕ پراے۔ بہٕ چھُس سونچان۔ مێنے ہیو یاد روٗسلِ کِنیہِ نا سلہٕ بانوانس
جرسی گاو۔ دپھہ سہ اُسِی ہمسند وَننہٕ یتھہٕ پاٹھی سہ کرِمژ زٕ۔ دوٗدٕ ہینہٕ ورِ
اُسِ تورٕی واتان۔ یتہٕ نیٚلِہ سُلسٕ منُوو تہٕ لڈٲے کرِنہٕ گوس۔ کاٹنس ما
کرُنس پڑھ۔ دپھہ از چھِم نتان سُلہٕ باغوانٕ چھٕڑاوٕنس تہٕ ییتھہٕ نہٕ زنگہٕ۔
... مێنِہٕ آوہٕ ہتس ہیو۔ نرین زنگن کوڑُم واتش زن اوسُس شونگتھ...
داڈِس پانیم فرق پکنس سوٗب آسیم ہکیتھ... کوکر تجِم کرٕ ھس منز
تہٕ کرُم کوکرِ اُسٕ (روسلس) حوالہٕ تہٕ ہیران ہیران ووپھس مێنے اُسی رلے
یہ چھِپے لال۔ دپھہ یہ ڈلایہٕ نہٕ کھُنڈ لمرتہٕ۔ یہ پوٗزنتھ گوس سُبتھ امیرِ زوٚنتھ
ہیو۔ اُمِہہ تہٕ کھوٗرُس نہٕ۔ میٚنہٕ بلایہٕ دفا۔ بہٕ سونچان سونچان ووٚدن مێنے
یہ ونہٕ ڈارس... صاب کیاہ گژھی... پیاری گوٚ دروازس ٹاس تہٕ
نفر جوراہ گیہ حاضر تہٕ ووہِنس اکی نفرن۔ اُسی حقٕ ہمون ہمشیرہ دول
ژون ریتن ہکپازٕ ماُسٕ چھُپ واُنج پھٹنس واُتژی۔ ہیٚنڈ پوُتے یوت
ونٕ ڈارس زن آو زنانہٕ نووگاش۔ سہ کپاڑی گیہ ہرِس تل حاضر۔ فکری تور
تہٕ۔ دپھہ یوٗر نیٚلِہ ڈارووتھکھ زٕ اَم ہتے مێنے ووہمت آسیہے۔ یہ ہتکیہ تہٕ
ہمتھ وراٲسے ڈرپتھ۔ یہ کیا وہاس۔ تیوٗت ظالم نہٕ حقٕ چھُس تہٕ یہ کرِمن
مالس مامِہ تش صداہ۔ دپھہ غلطی حقٕ چھکھ بنپئی اُمس کوٗرُکھ خاندر۔
ہکپازٕ خاندر کرِتھ چھہٕ یہِ زہر پیوان جیوٗن۔ کھاُرِ فکرِ چھینہٕ کانہہ زہ ژور ریتھ
کم ووٚن۔ زہ ژور ورِیہ بہتن... اوُسہنڈ پوُتے یوت ونٕ ڈارس گیے زنانہٕ
کوکٹی رُوزتھ۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

وجے ساگر

# کٔتج — مُختصر افسانہ

شیتہٕ کال اوس دراٚمت۔ سونتہٕ واوٕ ستہٕ ستی آسی وٕرکمۍ ٹیکہٕ بٹنہٕ تہٕ کٕلی ماش نیران۔ کلیٚن کٹیٚن اوس زو اژان تہٕ کٔتج تلہٕ تلہٕ تہٕ ژھورژھہٕ کُٹھِس اندر تالوٕ بیمس اول ییران۔ رادھا مالہٕ ییلہٕ تہٕ وُکھ میلہٕ ہے سو آسہٕ کُٹھِس اندر اُژتھ کٔتہِ جہٕ آسہٕ کُنہٕ نظراہ دوان تہٕ تس آسہٕ نہٕ پتہٕ یوان زِ آسہٕ چھا ژھرہٕ ژھہٕ ہُرہِ سیدان۔ تمۍ آس مائیس اتھہٕ کٔتہِ جہٕ آسہٕ بیٹہٕ کھنجہٕ جوراہ مدتہٕ رنگۍ لاگہٕ ناوِمتہٕ۔ یرس ییلہٕ اول وُستھ آیوٗ کٔتہِ جہٕ بچہٕ اڈٕ ژٔلۍ گیہٕ رادھا مالہٕ تراویوو ہفتس کھہن تہٕ چہن۔ یہٕ نے باٹی راجہ تہٕ نوش اچانک یہن سوٕ تہٕ کتہٕ شدادِ ہے۔

رلیہٕ دژ چکھ رادھا مالہٕ دُیت لرٕ پھرُن۔ تس آس نہٕ یژھ مدٕرہٕ تہٕ میٹھ نیٖئہٕ درٕ زانہہ تہٕ آمٕژ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ اما یہ کیاہ ییٚے



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

نَے اَز وتھے یوان اَتھِ۔؟ میون گرکتہٕ سنا چھُ؟ ..... ہم گُیہ کرال.
یہٕ گوو نائیدوان ۔ اما یہٕ لوٗنی کیازِ ہٕرتھ ہینہٕ ...... تُلہٕ کلیُن کیا چھُکھ
سمہٕ سوٚتُر کوٚرمُت۔ ژھتہٕ ہندِ چھِنا دوٚنی پاٹی کیمی پالان .... میٚے
ما ڈٗج وتھ ..... بہٕ کس وَنہٕ ..... ییتہٕ کیازِ ساآرے شوٚنگھ ...
ییتے ساآرسے ڈیہٕ ڈاس گوٚمُت .... تراہِ ۔ تراہِ ... بھگوانہٕ ....
ہیٚہ ما چھِ خدائے ..... اُمِس ہے سُورُے مَس شین ہیُو گوٚمُت.
کوٚسہٕ دندِ مال آسِس ۔ لوٗر تہٕ چھہن ژھٹہٕ ۔ ہیرٕ ژھہٕ نا اُمر سے
پتاہ گُلہٕ چھاگری ؤسے ہاوِ ہے میٚے وتھ ...... ہُما چھُ سون گرٕ
کائتہاہِ پھرِ ونیوم پاٹرِ راجس اتھ بدلاو تہٕ سنگل ۔ اتھ ہیا چھے
یہٕ تمی سوٚرگہٕ واسن تورکہ چھانس اَتھِ گرٕناوِتھ.... ہے ہے اتھ
ڈبہٕ کُس شہزادہ چھُ گوٚمُت .... یادِ چھُم ہیوان کیتھٕ کنٗی اوس سُہ ژنیس
ستی ڈٗکھاہ دِتھ ہیتھ شُرِہ ہیرٕناوان .... ییلہٕ راجہٕ تہٕ گُلس ہیرٕناوان
ہیرٕناوان گُلِس اَکِ دوٚہہ نیٖہ ڈاس لایان .... میٚے ژھنےٚیس نرِ تحف
تہٕ ترِہ دوٚہن کرےمس نہٕ کیتھے ..... اَما چوکہٕ طرفہ سُہ ژلون
کتہٕ سنا چھُ ...... ہے افسوس ہا گوم .... ییتھ کُٹھہِ تالوس کموٗ
کوٚز دوٚگہٕ دارِ برِ کموٗ نیہٕ ہیرٕ آئتھ ..... یہٕ کہس با ترٕٹھ ئیم کتی جہٕ ہیا رٕوٗد
اول .... کتی جہٕ ہیا رٕوٗد اول .....
..... راشی بھیا .... بڑی ممی کیا کہتی ہے ...
کتی جہٕ رٕوٗد اول .... یہ کُنج کیا ہوتی ہے؟



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



# کٲشرِ منٛز ماچھ صنعت

کٲشرِ منٛز چھےٚ ماچھ صنعت گاٗمی صنعتن یا گرکلی صنعتن منٛز اکھ اہم مقام تھاوان۔ اکھتُی چھےٚ یہِ صنعت گامن تام محدوٗد بلکہِ چھےٚ شہرِ سرینگر تہٕ باقی قصبن منٛز تہِ واریاہ لُکھ اَتھ کارس ستی وابستہ۔

ماچھ تلرٕ چھےٚ مختلف قسمہٕ کیٛو پوشو ہٕنٛدِ دلور (POLLEN) تلان تہٕ نیکٹر (NECTRE) جمع کرِتھ امہِ نشہِ ماچھ تیار کران۔ ماچھ چھُ غذاہ تہِ تہٕ دوا تہِ۔ اَتھ منٛز چھےٚ مختلف قسمکی مرکبات موجود آسان۔ یمن منٛز گلوکوز، فرکٹوز، سُکروز، معدنیات (MINERALS) شامِل چھےٚ۔ کم کاسہٕ مقدارس منٛز چھےٚ پروٹین تہٕ حیاتین (VITAMINS)



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

تہ سیتی آسان۔

ماچھ کھینہٕ سیتی چھِ جسم لوٚکٕر بنان تہٕ امہ سیتی چھنہٕ چوٚتی یوان۔ یہ چھِ مرہم پٹی کرنہٕ خاطرٕ تہٕ وَرتاونہٕ ہیکان یِتھ۔

کٔشیرِ منز چھِ ستھاہ پرانہِ وقتہٕ پیٹھٕ ماچھ تلرو پنٕشہِ ماچھ حاصل کرنہٕ یوان۔ برونہہ کالی اٙسی داکھتہِ دوٗر دوٗر گامن منز اٙز تہٕ ماچھ گن۔ ربہ تو نبرن منز روزان پرانہن خام (رٕبہِ) جاین منز اٙسی لکھ گول (CYLINDERICAL) رٕبہٕ تونبر سقوان (یم لو منہٕ ہی آسان اٙس مگر مگر سائنس منز لوکٹی اٙسی آسان) ماچھ تلرِ آسہ پننہٕ مرضی اتھ منز گرکران تہٕ پننہٕ مرضی اَتہٕ نرلان تہٕ۔ تونبرہ علاوٕ چھِ یم کلی گوگرن تہٕ دوٚس دیوارن یا زمینہِ منز تہٕ روزان۔

ماچھ تلرِ جدید طرزس پیٹھ رٔچھنک آغاز سپُد کٔشیرِ منز ۱۹۵۰ء کِس دٔلیلِ منز۔ اتھ سلسلس منز کرٕ سارؠ کھوتہ موثر کوشش کُل ہند کھدٕر تہٕ گامی صنعت بورڈن (ALL INDIA KHADI AND VILLAGE INDUSTRIES BOARD) ۱۹۵۵ ء ہس منز یمن مکس بانی ہیٚنڈی جدید طرزکی اصول گامہ گوم داتنادی۔ ماچھ پیٹہ ( BEEHIVES ) آیہ متعارف کرنہٕ۔ سیتی آیہ جدید آلہٕ تہٕ سامان لکن منز باگراونہٕ۔ زیادٕ بہت آد کاشر ماچھ تلر (لیس سائنسی ناو - "APIS CERANA INDICA HILL" چھِ) رٔچھنک ستنز کرنہٕ مگر سیتی آیہ یورپی ماچھ تلرٕ تہٕ وادی منز درآمد کرنہٕ یلیہ زن اٹلی ہنز ماچھ تلرٕ (لیس سائنسی



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

ناو "APIS MILLIFERA" چھُ) یوٗر بروٗنٹھے انن آمژ آس۔ اَتھ
دورس منز آیہٕ ماچھ تُلرٕ ژھیپن والین منز کیٚنہہ کوآپریٹو سوسایٹی تہٕ
بناونہٕ۔ ریاستی محکمہ اگریکلچرس منز تہٕ چھِ ایپی کلچر ڈولپمنٹ سکیم
(APICULTURE DEVELOPMENT SCHEME) قایم آمژ کرنہٕ یتھ تحت
صوبایی سطحس پیٹھ اکھ ماہرِ حشرات ارض (ENTOMOLOGIST)
تہٕ ضِلع سطحس پیٹھ اکھ ایپی کلچر ڈولپمنٹ آفسر تہٕ ژ یا ترٛے ایپی کلچر
ڈولپمنٹ اسسٹنٹ تعینات چھِ آمتی کرنہٕ۔ اتھ سکیمہِ تحت چھِ لُکس
بانہٕ ضروٗری تربیت تہٕ متعلقہ سامان رعایتی نرخن پیٹھ فراہم یوان کرنہٕ

ماچھ صنعتس آو ۱۹۸۵-۸۶ اِس منز تمہٕ ساعتہٕ سخ
دُلتہٕ ییلہِ ییتہٕ چہ مقامی تُلرِ اکھ سو بیمارہ وُژھ یتھ سیک بروڈ
بیمارہ (SAC BROOD DISEASE) ونان چھِ تہٕ اَمہِ سیتی
موٗدی تقریبن ہتھ فیصدی ماچھ گن۔ اَمہِ حادثہٕ پتہٕ کوٚر محکمہ زراعتن
ماچھ تُلرہ ژھیپن والین مدد تہٕ اِٹلی ہنز "ایپس ملی فیرا" ناوچ تُلر آیہٕ سو لیو
سو لیو ۱۹۸۷ اِس منز درآمد کرتھ بہ گراونہٕ۔ اَمہِ خاطرٕ پیٚیہٕ ماچھ
پیٚپن (BEE HIVES) "فرِ تبدیل کرنی تہٕ نوی (FOUNDATION
SHEET) لاگنی، یم محکمن فراہم کرِ ہمت آسی بٔڈی خانہٕ (CELLS
تکیازِ اِٹلی ہنز تُلرِ چھِ کاشرِ تُلرِ کھوتہٕ بڈ یہن آمان ونکین چھے
کُشترِ منز پرہتھ طرفہٕ اِٹلی ہنزےٚ ماچھ تُلرِ ڈرنیٹھی گژھان۔ البتہٕ
چھِ کمہِ کُنہِ کاتہہ کاشرِ ماچھہ گن نظر گژھان یہنٛد تعداد سانہِ منز



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

زِ ہیٹھ ژور نام چھ۔ سوال چھ پادٕ گژھان زِ یم ماچھ گن کیتھ کنۍ
بچے یہ "بیک برڈڈ" بیمارِ ہنٛد ٹاسہٕ تلِہ۔ اَتھ متعلق چھ اکثر ماچھ گن
والی یہ رائے ظاہر کران زِ دۄرٕ دراز جنگلن منٛز یم آگی ( WILD )
ماچھ گن اُسی یمن لجِ نہٕ تہٕ یہ بیمٲری تکیازِ تور واتِہ تہٕ اپِچ لاگ (INFECTION)
مگر " GENETICS " ہُنٛد کم کاسہٕ علم آسنہٕ کنۍ چھُس نہٕ یہ اَتھ سیتۍ
اتفاق کران تکیازِ حقیقت چھے یہ زِ کُنہٕ تہٕ ذُری یاژ منٛز چھِ کینٛہہ
RESISTANT قسم موجود آسان۔ امی قوت مزاحمت ( RESISTA-NCE )
کہ بدولت بچے یہ کینٛہہ کامٕژر ماچھ تُلرِ تہٕ تیتھ کنۍ رۄزد یہُنٛد نسل موجود۔

اَتھی ہنٛز ماچھ تُلر چھے "بیک برڈڈ" بیمارِ نِشہٕ محفوظ روزان
مگر اَتھ چھے اکیران تہٕ بیٖمہٕ تہٕ کینٛہہ بیمارِ ووہ تھان۔ یہُنٛد روک تھام
مختلف دوہ موسٛمی آسانی سان کرنہٕ چھ یوان۔

پٔتیم اصلی ماچھ تُلر رۄزٕ وارہ ہس کالس بیمار لو نِشہٕ محفوظ۔
مگر ۱۹۶۶ء ہس منٛز سپٕزرٕ نیتہٕ اکیران ( ACARINE ) بیمار ظاہر۔
تنہٕ پیٹھہٕ چھے گمس بانن باپتھ یہ اکھ کلہ دۄد بنے مژ۔ یہ بیمارٔی
اُسی سبٹھاہ برونٛہہ پیٹھہٕ انگلستانس منٛز ماچھ تُلرٕن پھش پھران۔
یہ بیمٲری آیہٕ ۱۹۵۲ ہس منٛز پنجاب تہٕ ہماچل پردیشس منٛز وُچھنہٕ
تہٕ تتی پیٹھہٕ ترٕ ۱۹۶۲ء ہس منٛز بھدرواہ تہٕ تتہٕ پیٹھہٕ واژ کشیر۔ اَتھ
بیمارِ منٛز چھے اکہٕ قسمہٕ سینٛے ( ACARIS ) ماچھ تُلرِ شاہ ہینہٕ کین چٕیت آمٕ
نلین چھوپ انان تہٕ ورم کھالان۔ ماچھ تُلرٕ چھے ڈوڈ کرنچ کوشش



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

کران۔ مگر وڈِتھ چھِنہٕ ہیکان۔ تہٕ چھِنہٕ پتھر ہیتھ کھوکھشہٕ تکِن ہیوان۔
اِمہِ بیمارِ ہُند عِلاج چھُ کلورو بینز لیٹ (CHLOROBENZELATE)
دوٗہک دہ دِنہٕ ستی سبتھاہ کامیابی سان کرنہٕ یوان۔ فرو مکسچر کہِ ہُنک
دِنہٕ ستی تہٕ چھُ اِمہِ بیمارِ ہُند روک تھام سپدان۔

ماچہ تُلر لمیون ( HIVES ) منز ژھینس چھِ وارِیاہ فایدٕ۔
اکھ فایدٕ چھُ یہِ زِ "فر" ( WAX COMBS ) چھِنہٕ ژٹنی پیوان بلکہ
چھِ یم سالہاسال موجوٗد روزان۔ "فر" تیار کرنس چھُ تُلرن سبتھاہ ماچھ
کھیون پیوان یُس زن مگس پانہٕ ستّیٕ خاطر نوقصان چھُ۔ تخمینہٕ چھُ
لگاونہٕ آمت زِ اکھ کلو گرام دزنک "فر" بناونس چھِ ۱/۲ ۵ کِلو گرام ماچھ صرف
گژھان۔

بیاکھ بوڈ فایدٕ چھُ زِ لمیون ہیکو جایہِ پھیر ( MIGRATION )
تہٕ کرِتھ۔ ییتھ کنہٕ جایہِ ییتھ کنہٕ وانس (موسمس) منز پوشہٕ پھُلے دستیاب
آسہِ، تتھ جایہِ تہٕ تتھ موسمس ہیکوکھ لمیو مائیگریٹ کرِتھ۔ موجوٗد دورس
منز چھِ ساٚنی مگس بان ساسہٕ وادٕ روپیہِ خرچاوِتھ پنجاب، کٹھوعہ بیترِ
جاین وندس لمیون میگریشن کران تکیازِ تتھ وقتس منز چھِ تتہٕ دلوزٕ
ترنسپورٹ یافہ آسان۔ مائیگریشن دِنس یوٗدوے (ٹرانسپورٹ) خرچہ تہٕ کم
چھِنہٕ لگان۔ مگر ماچھ کِس پیداوارس منز چھُ حیرت انگیز اضافہ گژھان۔
کھادی اینڈ ولیج انڈسٹریز کمیشن رُود اِمہِ خاطر مگس بانن سبسڈی
تہٕ دِوان۔ وسط اگست پیٹھہ وسط اکتوبر تام چھِ ہیو سو لِبر پھُلے

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

چھاونہٕ خاطرٕ پہاڑی تہٕ کنڈی علاقن رٕنہٕ یوان۔ سولہٕ ریتھ سائینسی ناو (چھِہ PLECTRANTHUS) - SPP چھُ بہترین مزدار ماچھک آگُر۔ وادی منز یمہٕ سولہٕ ریتھ مشہوٗر چھِ تِمن منز چھیٚنے خاص یِمہٕ:-

## ضلع پُلوامہٕ

ماچھہٕ ہوم، ناگہ بل، لوٚرگوم، لام، سوٚتر، نارستان، بٹھہٕ نور (یمہٕ سارے جایہٕ چھیٚنے تحصیل ترالس منز) بٹھٹہن، زآنہ تراگ (تحصیل پانپر)

## ضلع اننت ناگ

کیٚرن (کوکرناگ) عیش مقام، لیہن (جبن)، شیخہ پوٗر (سلر) گواس، گنڈ (قاضی گنڈ)

## ضلع سِری نگر

دارا (ہاروَن)، اندرن (گاندربل) ژیرون (کنگن) کولن، ریزن (سوٗنہٕ مرگ) ملک (کھویموہ)

## ضلع بارہمولہ

لگہ ہوم (اوڑی) سمکر، ژونٹہٕ مل (بنڈپوٗر)

## ضلع کوٗپوارٕ

گل گام، ادرہ، کلاردس،

سولہٕ چھِہ بیوتاہ زیادٕ نیکٹر پادٕ کران زِ اَکھ بوڈ ماچھہ گن ہیکہٕ ۵۰ کِلوگرام ماچھ تہٕ تیار کرِتھ۔
آفِشل مگرس چھُنہٕ ماچھکس پادوارس متعلق وشیاب



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

البتہٕ اکہِ اندازٕ مطابق چھُہ وٕنکِس وادی منٛز سالانہٕ پٲداوار زٕ ہیٚتھ ترٛے ساس کوٗنٹل۔ ییٚتہٕ چھےٚ وُنہٕ تہٕ پٲداوار ہُرراونٕچ سیٹھاہ گنجٲیش یَتھ کنۍ محکمہٕ زراعت یَتھ دوہ لگیتھ چھُہ۔

پٔنیمہِ کیتھہِ ہنٛز چھےٚ ستھ ضوٗرژ زِ سولہِ کاتھس ییہِ تحفظ کرنہٕ۔ اَتھ منٛز پَزِ لُکَن تہٕ جنگلات محکمہٕکین اہلکار مدد کرٕنۍ۔ ماچہ صنعت بچاونس منٛز پَزِ زمینٛدارن تہٕ باغہٕ والین تہٕ اتھہٕ رٹ کرٕنۍ۔ سُہ ییٚتھہٕ کنہٕ زِ تِم چھکن تہٕ پھُلیہ دوران فصلن تہٕ میوٕ باغن تِم کیمی کرِل مارن وٲلی دوارییم ماچہ تلرن بابت مہلک چھہِ۔





CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

محمد یوسف عاجز

اکھ مزاحیہ خاکہ

# ارزٕکال عمہٕ چھ

پوٚت کٔل کٔس چھینہٕ آسان تہٕ "پوٚت پوٚ" آسُن چھُ اِنسٲنی کرتوٗتن
ہُنٛد اکھ نموٗنہٕ۔ پوٚت پوٚچھ تِلہٕ کرتھ بنیاد پیٹھ چھُ آدم زاد پیتہٕ وٮ۪تہٕ پیٹھے
پننٮ۪ بٔنے ڈوٗل عمارت تأمیر کران روٗدمُت۔

"پوٚت لوٚک جِن چھُ ازکل جادے پہن دُولیوٗمُت۔
پرپتھ اَکِس چھُ کتِہ نیتہٕ کِنہ زنگہٕ پھٔر کناوان۔ کھیپے
کھیپے تہٕ ڈیٚہ۔ سوٚنٛزٕ سوٚنٛزٕ تہٕ برکتھ۔ اکس
گوٚڈ تہٕ چندس زوٚد۔ سوٗرے بنٕے بھروسہ۔ از کھیوو



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

خبر ہگاہ بنیاہ... ...گدام بوڑ تہٕ دکان ژھوڑ...
ادہ... پوت پو تہٕ پوت کل پرہمہ اکی سُند تھکنُن لایق گوٚن.
زندگی ہندس کھیلہٕ ژکلس منز چھہٕ ہمیشہ کہنہ گوٚن آدم صاٮ۪بس
پرہمہ طرفہٕ اوٚش ولیتھ.،،
چیز جمع کرنی. ذخیرہ تھوٚنی، یہ چھہٕ سہ گوٚن یُس ذخیر اندوزن ہٮ۪تر
سوٚن چھہٕ بناوان. اسمالن تیتھ تہٕ کھسی تن، قومی شہرہ رگہٕ کنہ جایہ پھٮ۪لی
نیری تن. پل پیٮ۪ے تن. یا ناشری نالس کنہٕ جایہ (INFECTION) گژھی تن
یا وقتہٕ کس تلہٕ تراوس ہتکہٕ متگیہ کاہنہ وکاتہٕ گژھی تن. ادہ چیز ذخیرہ کرن
والین شوقین حضرات چھےٚ جایی کھسان. کاٮ۪نہ سیتی چھےٚنہ سیدٕ جاینہٕ لکھہ
کران.
رہتہٕ کالکی زالی تہٕ ژول. ہیتھ کنُ تراوُن وارٮاہ آمرٕ تاو. ہمن دونی
وندک تہٕ ن شٹھنیار پورٕ پاٹھی داد ہیٚیہ. ہیٚتہٕ اسہٕ وندٕ داد ہیٚیہ تنہٕ ہُنٹن
رہتہٕ کالکی آمرٕ تاو تہٕ.،،
وندس تہٕ جندس درمیان آسہٕ عاجز صاٮ۪ب باقین کاشرین سیتی وندکی
بارو دِوان۔

ودلیہٕ بوز وندکی کارنام
چھُم ژاسہٕ ٹوکھ تکیہ کلام

اوہ! اوہ کران ووٚنی خاص عام
چھُم ژاسہٕ ٹوک تکیہ کلام

للہٕ وان چھہٕ لکھ نزل زکام
چھُم ژاسہٕ ٹوکھ تکیہ کلام،

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh 

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

وَنٛدکی کارنامہِ کأتیاہ گنٛز راوٕو      پریتھ طرفہٕ چھِہ حملہٕ سپدان

تَب ادٕہ ٔرُک ذخیرٕ کران ... ادٕہ برٛ تٔ کتھٕ کار تہٕ شئینکُ ذخیرٕ سوٗنبراوان۔

دٔرہ چھِہ ژلان تہٕ دأژئ چھِہ راز زیٹھان۔ کھینہٕ چینکی چیز چھِہ اُچھن تھوٚپ

دِتھ اَنہٕ گٹہٕ کُنٹھین تہٕ تہہ خانن منٛز لیف ہٮ۪وان۔

سمأجی زندگی ہندی وُنٛدہٕ منٛز چھینہٕ ازکل کأنٛسہٕ راس یوان۔ اَتھ کنٛڈٕلی

تہٕ کھٔری دار وَتہٕ منٛز چھِہ کم کم وُلہٕ وٕ رہٕ موسوٗلی زہر لأگیتھ پتھر لاہے تہٕ یوان۔

اَتھ وَتہٕ منٛز چھِہ ذخیرٕ کرن والین ہنٛز جہر بأنی سیتی قدمس کوٚہ دوپدان۔

پرٛیتھ کأنٛسہٕ پانَس کُن "پو" تہٕ بیتھ کُن کل۔ یِنٛ نفسانفسی ہُنٛد عالم۔ وُنٛدٕکین

گرٛوٚمہٕ پانَس آیہٕ پوشن تہٕ خأر آمُن۔ سَوال چھِہ پولہٕ بناونُک۔ اَدٕ سہٕ بیتھ

پأٹھی بنہٕ تہٕ تیتھ پأٹھی:-

سوٚگ دروگہٕ کھوٚتہٕ دروگ کٔنٛن۔

اُسیتھ تہٕ آسنکی پارُد دِنی۔۔۔

پانہٕ کھیتھ، پانہٕ ژھٔری تھوٗنی۔۔۔

بازرس درُوٗو، دستہ سوٗرے لیوٚتھ انن

واو دِلشتھ ناد تراوٕنی۔

پوٗلشہٕ دمَس نمسکار کران۔

ہمدردی ہنٛزن رٔگن درٛوٚت وایُن تہٕ النفسی النفسی وظیفہٕ

زَلو اَلوٗنٛد تراوٕن۔ بیتھ پأٹھی پٔنہٕ نِس چٔندس، دندس تہٕ کمر بندس اوٚدر

تہٕ دٔور آسے کانٛچھُن تہٕ دٔنُن۔

وِنہٕ وِزمنگی تٔو یِز دانَس

لوٚکن ٹاٹن پانَس خأر،



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

"عمہ جیجہ" اوس پننہ یتہ وتنک "ارژ کالہ زمانس" دپان لسن آسہ عقلہ
پھوچہ تجبہ گاٹجر ۔ دانائی ہنزٕ ذخیر اوسن تیوناہ کورمت تہٕ اگر سہ جنتی زندہ
روزِ ہا ۔ عقل پوشہ ہا تمن پیر دٕر پیر ۔ دپان ارژ کال عمہ جیجہ اوس عقل
کمے پہن خرچ کران ۔ تمہ سندہ دوپ اوس زِ انسانس گژھہ پننہ مطلب
نیرن ۔ عقلہ بلاے ۔ اد چھنہ تہ آسی تن ۔ عمہ جیجہ اوس بے عقلن ہنز ہمیشہ
حوصلہ افزائی کران ۔ ٹمرکہ چھن اکہ دٕری یتہ بے عقلہ ہنز یک روزٕ کانفرنس
تہٕ بلاوُمژ ۔ یتھ منز اکہ شہرکہ تہ آکاش پاتالکی ساری ارژ کال جمع آسی گامتی ۔
دپان اتھ کانفرنسہ منز کورٕ عمہ جیجن اکھ زوردار تقریر ۔ ذخیر اندوزن تہٕ
جمع کھورن تلمن پننہ زوردار تہ یادگار تقریرِ ستی میاوس تنزٕ ۔ سانہ دوہ ضمیرک
پنتر دیماغ تہ اوس اتھ اجلاسس منز دوہ پہلہ نژھہ لوگمت ۔ تمی دوپ زِ
عمہ جیجن کورٕ اکھ زوردار زلہ دت تہ شولہ دٕت تقریر یتھ منز تمی دوپ زِ :

"ذخیر اندوزن تہ منافع خورن چھہ سانہ سماجکی کمزور تہ بزدل دشمن ۔ یم
غریبن کھوژان چھہ تہ پمر کنی ، یم کھینہ چینکی چیز ژور ہتھ لکن چھوڑ
چھوڑ کرناوان چھہ ۔ یم کھہ چھہ دراصل غریبن کھوژان ... ہنتی پاٹھی چھینہ
ہیکان لکن ہنز خون ژھتھ تہ تمن پیٹھ وار کرتھ ۔ لہٰذا چھہ یم کھینہ چینکی
چیز ژور ہتھ تمن جسمانی لحاظ کمزور بناوان ۔

میانو ماٹھیو میاد وادکو شکار زیرِ تربیت "ارژ کالو" ونی کین یم بڈلی
طاقت کمزور ملکن کھوکھی بلاوان تہ کھوژھ ناوان چھہ ۔ دراصل چھہ یم پانہ تہ
کھوژھ بڈہ ۔ توے چھکھ ۔ الم بم ، ہلم بم تہ ایٹم بم بناوی متی ۔ ستہ قسمکی میزائل
تہ مالی سے تیل بنادی متی ۔ مہلک لم ہتھ ناک تہ خطرناکھ جنگی سامانہ بناوی متی ،
تاکہ غریب تہ لوکٹین ملکن کھوژھ ناوان تہ شیتہ ناون امیر ملک تہ لکھ چھہ ہمیشہ

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

کمزور تہٕ بمریب ہمند اِستحصال کران تہٕ قسمہ قسمکی ژھل ورتاوان چھہٕ، یمن دُپہٕ
کھوٚر کرنچ کوشش کران۔ دُنی کِہن چھہٕ ونہیکن بڈین بڈین ملکن منز مہلک
ہتھیارن ہندی انبار لگی متی۔ یمن اگر "خوش کیہہٕ" ییٚیہٕ غریبن ستی گژھن
اسیر تہٕ ہو بخہٕ مو بخہٕ سان "تیست نابوُد" ... ... دوستوا وق چھہٕ دونمت
ییٚلہٕ زن یمن قسمہ قسمہ کِہن ذخیرہ اندوزن تہٕ مُنافع خورن، ذخیرہ اندوزی
تہٕ جمع خوری ترأوِتھ اسہٕ ذاتہٕ مستن ستی اَتھہٕ واس پزِ کرُن۔ اگر نہٕ اسہٕ
ستی اَتھہٕ واس کرن۔ تیلہ؟ (زَنا ژھوٚپہٕ) تیلہٕ پییہٕ یمن پتھین لگن
پچھتاوُن۔"

... لہٰذا کرن یتم نسرکھہٕ تہٕ ذخیرہ اندوزی نِشہ آینہٕ خاطر "توبہ" میانیو شاگردو
تہنٛد یمہٕ چیچھہٕ چھُنہٕ۔ ذخیرہ اندوزی خلاف ... ... بہٕ چھُس ونان ذخیرہ اندوزی
کرِیو۔ مگر یمنِ چیزن ہنز، یمہٕ اسہٕ وقتہٕ وقتہٕ موقہٕ اَتھہٕ روٹ کرن تہٕ اکاربکارین۔
میانیو ژکی لدَو تہٕ اتھٕیو۔ بہوش گوش بوزیو تہٕ یاد تھٲیو ذخیرہ اندوزی
کرِیو... ... (زَنا ییٚیہٕ ژھوٚپہٕ) ... ... ...

نمبر(۱) :- ہوہس گنڈِتھ گیو۔

نمبر(۲) :- تاپھ برِلیو میون

نمبر(۳) :- آب کھٲلیو آسمان۔

نمبر(۴) :- بجلی پادرس گنڈِتھ رزِ۔

یمن چیزن ہنز ذخیرہ اندوزی کرِتھ ہیکو تُہی زندگی سوٚرے اوٚندپوک
تہٕ کھوٚر شاند پتہٕ لتہٕ تل اَنِتھ۔ رِتہٕ کوٚل، ہرُد تہٕ وَندہٕ آسن تہنٛدی
غلام۔ ژرِ دوٚد تہٕ سالہٕ ہنٛگ روزن توہہٕ آسے تن۔ پتھہٕ یآگُمی نہٕ روزِیو
پلنٛک خوف، نہٕ لکن ہنٛد وسہ واس۔ نہٕ ہارٹ اٹیک گژھنک غم۔"


CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

دَہان یتھلہِ عمرٕ جیمیَن تقریر موکلیو، جلسہ گاہ منٛز وُچھ زبرٕ پُلیس ستیٖتھ گرٛزٕ زَن اُس برٕ بُزی وَالش منٛز مکاَیے تونٛز لِوان۔ اَکھی منٛز دوٚپھ جلسہ مٲدانٕ منٛز اکھ جوَانا تھوٚد تہٕ دِتُن زورٕ زورٕ نعرٕ

ذخیرہ اندوزی مُردہ باد!
ارزٕ کال عمرٕ جیمیہ زندہ باد!



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

## تبصرہ

شاہباز راجوروی

# وشڑھنے

کتابہ ہندناؤ : وشڑھنے

مُصنف : ڈاکٹر ما برج پریمی

ترتیب کار : پریمی رومانی

صفحہ : ۱۳۶

وَرہی : ۱۹۹۹ء

ناشر : رچنا پبلی کیشنز

"تپسیا" ۲/۱ نصیب نگر۔ ہمپوش کالونی

جانی پور۔ جموں۔ ۱۸۰۰۰۷

مول : ۵۰ روپیہ (پچاس روپے)

کتاب میلنگ پتے : پریمی رومانی، ۲/۱ نصیب نگر، ہمپوش کالونی جانی پور

جموں



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

ادب چھ اکھ سماجی شعوری عمل۔ اُمیک مقصد چھُ اکہِ سماجچ ترجمانی۔
تہٕ خاص قارٕی چھ ادیبہٕ سٕندی محسوساتن ہیتھ شانکھتھ سو عمل تہٕ ردِ عمل
دریافت کران یوس فردس تہٕ معاشرس درمیان کُنہِ نہٕ تہٕ کُنہِ رنگہٕ موجود چھ
آسان۔ وہ نی گوو ادیب یا شاعر چھُ تنہز حساسیت سببہٕ اتھ ادب تہٕ فنکی
وُسیلہٕ باوتھ کران۔ عام چھینہٕ اَمہٕ آیہٕ سنان۔ ہرگاہ یہ عمل انفرادی پاٹھ چھ
تو تہٕ چھ ہمکال موحرکاتن تہٕ اتھ ستی واٹھ آسنۍ۔ ییتھ ذہنی عملہٕ پتہٕ
چھ احساسی تہٕ نفسیاتی وکانہ تہٕ آسان۔ یم چھ پردٕ وُلی وُلی ادیبس تہٕ شاعرس
پننی موجودگی ہند باس دِوان۔ تمی سٕنز سوخن ثرایہ تہٕ فکری ردٕ عمل متاثر
کران۔ یمے چھ خیالن ہنز گانگل آسنہ باوجود اُمس پانس ستی آور تھاوان۔
سُہ چھینہٕ یمو نبر ہمدن یا مجبورن تجوز کرِتھ ہیکان۔ تہٕ پننس اندرم شخص
بولہٕ ناونس خاطر چھُ موضوع۔ لفظ تہٕ FORM تام ثاران۔ اَدٕ چھ پردٕ وٕتی پنن
مافی الضمیر ثھٹان۔ شاید ما ییہٕ ونہٕ زِ یہ گوو مقصدی ادب۔ مون مگر
فن برائے فن تہٕ چھُ اکھ نظریہ ہے۔ امکی چھ پننی اسکاناتھ۔ اتھ پتہٕ تہٕ چھ
اکھ موجود شعوری رو۔ ژھرے لفظہٕ تھریٔے ماہُیکہٕ نچھہٕ وُستھ۔ ادب
پارس چھ تنوظر تٔلی میلان ییٔلہ اکھ واضح شعوری قوتھ لسکھارس پننس کنہہ
ونہٕ کس مداہس نچھ واننا وِ ۔ اُمی سٕندس ژینی متس یزرس تہٕ موجود
سماجی حقیقتن ہنکیا اتحاد یا مخولف اُستھ۔ یانہٕ۔ ہکو نہٕ وُنتھ تکیاز۔ فرد
سماج۔ ریاست۔ اقتدار۔ آزادی۔ روحانی یزر۔ مسرتھ تہٕ آنند چھ
بہنون ببنون تنوظر بناوان۔ تمس چھا ہشر یا ASSOCIATION تہٕ کمہٕ آیہ
چھُ خیالی پوشہٕ تھرِ پاراوان ہیو سوال چھ وہ تلان۔ ییتھی بیے ادبس چھ رحمٰن راہی


CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

ادیبانہٕ ادب SCRIPTIBLE LITERATURE ناو دِوان ۔ کنہٕ کُتہٕ چھ
پانہٕ ادیب یُتھَین اَندری محسوساتن ہیٚنیَن ہندیٚن کارنامن منز تلاشان، تہٕ تِہنز
رۄنُمایی کران ۔ تہٕ اَمہِ زری یہٕ پنٕنۍ ترجمانی ۔

دَنوٚے تہٕ سورگیہ ڈاکٹر پریمی سُنز کتاب (مضمون سومبرن) "دِشہ ھنے"
چھ اَمہِ آیہ اکھ سُہ ذہنی تہٕ فکری پوٚت منظر ہیتھ ۔ ییٚتہ کٔشیرِ ہندی اُکی
ناماوار فرزندن ماجہِ کٔشیرِ ہندی اَنہار ژھارِتھ بڑٕ کُرٕدی منتی چھ ۔ تہٕ ییتھ
کٔنی سُہ لول رتھہ کھولتمت یُس اُمِس اتھ سیتی اوسمت چھُ ۔ پریمی چھُ
تھدِ پایک اوٚردو ادیب اوسمتے ۔ توے چھ ڈاکٹر گیان چند جین ۔ ڈاکٹر محمد حسن
کالی داس رضا ۔ خواجہ احمد عباس ۔ خواجہ احمد فاروقی ہیو اہلِ قلم اُمس اعتراف
کران ۔ مگر کاشرس منز چھُ کٔشیر تہٕ کاشریک شدید موحبتھ اُمِ سِنٕدِس
قلمس زلو دِوان ۔ تہٕ اَدٕ چھُ بیٚین ہندین کارنامن منز پیٚمہٕ پنٕنۍ دلِ پسند
انہار ژھارانٕ ۔ تِمن کاشراوان تہٕ ییتھ پاٹھی کاشرٕ سایک کھوٗلہ راوان ۔ کتابہِ
منز چھ ترواہ تحقیقی تہٕ تنقیدی مضمون شامل ۔ یمن منز چھ پریم ناتھ پردیسی
تہٕ سعادت حسن منٹو ہس پیٹھ لیکھنہٕ آمتی تحریر تمہ اندریم تحریکچ شہادتھ
پریمی صابن چھ پرکھاول نظر ۔ تہٕ لوٗبہِ ونی انداز تم سیاسی ۔ سماجی ۔ اقتصادی
کرکچھر تمہٕ آیہ نٔنی رآوی منتی زِ یہ تحقیق یا تنقید چھ تخلیقی سوٗتھرس تام واتان.
تہٕ زن چھُ پانہٕ اَمی لولہ ووٚلسنہٕ لوان تہٕ لیکھان :

"یہ چھ کٔشیر ۔ ییٚتیچ سادگی ۔ شوٗزر تہٕ سبزر ۔ موصوٗم
بچہ سِندی پاٹھی پاک ۔ ساداِروار تہٕ بےرِیا ۔ ۔ ۔
... بالن تہٕ پان ژادرن ۔ یارٕ ونن ہُند دِلوژ ....



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

یہ چھ پردیسی سُند جوہر تہٕ اعجاز ہیٚمی گوٚ ڈیٚنہٕ لٹہٕ

اتھ زلو دٕز .... ہوٗن تہٕ بٔڑین کلہٕ تو مہروون" صـ ۴۶

"لیعہہ وَجہ چھُ ز پردیسی سٕندین افسانن منٛز چھُنہٕ ییٚتہٕ کُن لالہٕ زارن۔
آبشارن یا نٔمین ہُند ذکر لبنہٕ یوان۔ اماپوز تمی چھُ بار بار ییٚتکہٕ جنتہٕ بدلہٕ
جہنمُک ذکر کوٚرمُت۔ ڈوگرٕ شٲہی ہُندس جبرس تہٕ ظُلمس تل یوس یٔر دٕنی ناو
ییٚتہٕ سپنز ہٕنز آس۔ اَمی چھ تمے کتھہٕ لیچھمٕژ۔ تمی سٕنزن کتھن منٛز چھ کُمل ،
مٔزور۔ قالباف۔ جالک دوٚز۔ ہانز۔ فاقہٕ بٔجر زندگی .... بیٚہنز بیگاری۔
ہُند وَدُن تہٕ غم سوٚ ہیروون تہٕ گرٕین کتھہٕ" (صـ ۲۶)

اَتھی لوٚلس تہٕ مایہ ہٕٹتھ چھُ فاصلہٕ دنہٕ آمُت ز ، "تُوٚکتی چھُنہٕ کانہہ
مبالغہٕ زہرگاہ تس ( پردیسی یس) گوٚڈنیک کٲشر افسانہٕ نِگار وَنو" (صـ ۴۰)
پریمی چھ کٲشر سانٛکی زن پوٗرٕ پاٹھی ترجمٲنی کران ییٚلہٕ ونان چھُ

"کٲشر ہیٚوند آسہٕ یا مُسلمان۔ پرتھ حالس منٛز چھ کٲشر .....
تِہی چھو ، گوٚگجہ تہٕ بتہٕ کھینہٕ وٲلی۔ وا ے جنگ متہٕ کری تو" صـ ۳۸

امے آیہ چھُ اُمِس منٹو سٕندی تحریرہ متاثر کران۔ سُہ اوس ژکہ کوٚشر
یُس نہٕ ژوٗلمت اوس۔ مگر تاہم اُسس سوٚ مانے موحبتھ بے سوکھ تھاوان۔
تہٕ دوٚرٕ روز تھہ تہٕ اوس اتھ گوٚڈ بران۔ اَمی سٕندی اَمہٕ دیٚنک اعتراف
چھُ پریمی یمن لفظن منٛز کران :-

"منٹوٗ ہن چھ پننین واریاہن افسانن منٛز کشیرِ ہنٛز ذکر موحبتھ تہٕ
احترامہ سان کرٕمُت۔ تہٕ تمہٕ ظُلمس پرٕد تلمت یُس کٲشرین پیٚترُن اوس" صـ ۳۹



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

ییتھےٚ ظُلمٕہ تہٕ بیداد دورس کتھ کران چھُ منظور فاضلی صاب لیکھان :

" پنڈت ، اہلِ تشیع تہٕ ہمہ خواتین سٟتۍ آو زیادٕ ظلم کرنہٕ ۔ لوہرن
بُرتھ آے وٕیتھ تراونہٕ ۔ کلہٕ آیہٕ ژٹنہٕ ۔ ماجن بینین آیہ نستہٕ ژٹنہٕ
کنیٚژن کوٗسکھ ٹوٗپ ۔ تہٕ ظلمہٕ سٟتۍ تنگ آمتۍ ژٲلۍ پنجاب " (وآدیہ نمبر)
— اتھاز دسمبر ۱۹۹۰ صہ ۲۴

بیٚیِن مقالاتن منز چھُ پریم چند ۔ غالب ۔ آزاد ۔ ظفر ۔ ہمعصر اردو
نظم بارکی تہٕ تفصیلی مطالعہ بیتہٕ لیکھنہٕ آمتۍ مقالات ۔ یمن منز چھِ یمن ادیبن
شاعرن ہندی تِم پاس نتۍ راونہٕ آمتۍ ۔ یِم پریمی سنز تنقیدی صلاحیژ متعارف
چھِ کران ۔ یہ تحقیقی میٚحنتھ تہٕ تنقیدی توژھ چھ پریمی صابس اردو حلقن
منز تہٕ تھود مقام دیاوان ۔ یمن منز چھ پریمین کیہنہ تنقیدی فاصلہٕ تہٕ دِتۍ متۍ
یمن فاصلن سٟتۍ اتفاق کرُن نہ کرُن چھ نقادن ہُند کھاتہٕ ۔ مگر پریمی صابن
چھُ کُنہٕ دُژیتہٕ ورآے فاصلہٕ دِتۍ متۍ ۔ مثالے :

" تمہٕ سنز زبان چھ ساد ۔ سٹایل چھُ پاک ۔ امیجری زرخیز....
کاشُر زندگی ہُند کھُر چھ تھیمن (THEME) منز ۔ امالوژ مذباتی
وٚوفور تہٕ چھ ..... یمن کہانین منز چھنہٕ ثبقہٕ پلانہٕ سکیم ۔
مگر خیالن ہند لوچھر سنزر ۔ بزر حدس تام " صہ ۲۱ ۔

" پریم چند نین تحریرن منز چھُ گوڈنچہ لٹہٕ ہندوستانس منز دوزن
والین عام انسانن ہند لغاوتک احساس لبنہٕ یوان..... اُہنز
آرٹ گیلری منز چھ کوٚملۍ ۔ وآنل ۔ موٚزوٗر ۔ دوٚب ۔ موٚمولی
ملازم ۔ میحنت کش تہٕ کامگار زندگی ہُند امارہٕ ییتھ

 CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

لبنہٕ لوان ۔" صفحہ ۸۲-۵۵ (یا)

غالبنِہٕ شاعری چھُنہٕ محض پننِہٕ زمانک زوالے یوت وٕتھرٕھناوان۔ یُس
فکری تہٕ سیاسی نظامس منٛز آمت اوس ۔ تسنٛزِ شاعری منٛز چھُ تسند
ہُندریومُت ووندٕ وارے تُھرِتھ لبنہٕ لوان ۔ احساسٕچ گرمی ۔ تہٕ
تخلیقی عمل چھ بیٛون بیٛون شکلن منٛز دریٛنٹھ گژھان" صفحہ ۸۸

" غالب چھُ سُہ پایہ بوٚڈ نثر نگار یمیٚ اردو نثرس شخصیتھ ہیند
اظہار دیُت ۔ سُہ یوٚتاہ بوٚڈ شاعر اوس تیوٚتے بوٚڈ چھُ نثر لیکھن
وول تہٕ " صفحہ ۹۷-۹۳ (یا)

" ظفر سُند شارت چھ سوٚت ۔ سوٚت نار۔ یُس بستہٕ چھُنہٕ کھاران امالوٚز
دٲنج کوران ۔ اُمہِ سنٛز شاعری چھ زندگی ہُندین چھوکن تہٕ دادین لولہٕ متھٕ
لاے کران ۔ یہ چھ تسنٛدِ تہٕ تمہٕ زوال پذیر زمانٕکین غمن باوان ۔
توے چھ اتھ احساسٕچ نزاکتھ ۔ غمٕچ عظمتھ ۔ خلوص تہٕ دردمندی"
صفحہ ۱۱۰-۱۰۸

ہرج پرمین چھ ہمکال اردو نظمہٕ پیٹھ تم سوال تُلی متی ۔ یم واریاہن نقادن
واتنادیر "(COMMUNICATION) کِس تنوظرس منٛز گیر تھاوان چھ
سورگہٕ واسی چھ مصلحت ورآے کتھ کرمتی تہٕ فاصلہ بوزناوی متی ۔

" باوتھ کرنک یُس انداز کینژن نوٚین شاعرن چھ سُہ چھُ انتہا پسندانہٕ ۔ تہنٛز
نظمہٕ چھُ فقط شاعر پننے یوت سمجھان .....
...یم نظمہ چھ راوی متس انسانی ذہنس ژھانٛڈ دوان ۔ یُس مسائلن
ہُندس گرداب منٛز پریشان چھُ ۔ ادے چھ یہ بیٛون بیٛون سوالن

CC-0. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

ہُنر شاعری .... ژھوٚڑ۔ زیٖٹھ۔ کھرٕ ہ لدٕ سوال .... شاعر چھُ سو
تنہائی ژھاران یتھ منٛز محض شاعر سٕنٛز کُنی ذاتھ دٕ ژیٖنٛھو گژھان صہ ۱۲۴
.... نو شاعری ہُنٛز زبان چھِ چھُر اعلامتی۔ اوٚسلوب علامٕتکی جامہٕ ڈلتھ
... کُنہٕ معنے بدلان .... یُس ابہام اَزی چھِ شاعری منٛز چھُ ہ چھُ وقتن
بخشمت۔ اتھ سمجھنہٕ خاطرٕ گژھہ بیرٕن دول سو مخصوص زبان سمجھ
ہیکُن یُس ہمعصر شاعرو کرٕ منٛز چھِ " صہ ۱۲۵

" فن یا ادبس منٛز اگر شعورچ ہلہ وُن آسہٕ نہٕ۔ یہ آسہ بے نتیجہ کوشش
امہ سیٖتی ہیکہٕ نہٕ اصل تہٕ حقیقی قدرٕ ہ بدی کڈنہٕ ییتھ۔ فن چھُ پوٚز
شعوری تجربہ ییتھ انسانی تأثیر لبان چھِ۔ شعوری تجربہ نشہٕ ژھوٚر
فن چھُنہٕ فن ہیکہٕ اَستھ ہر گاہ بیٖیہ کانٛہ تیاہ لوازماتھ آسِن "

ڈ سیٖد قطب۔ حوالہ تہذیب الاخلاق مئی .... ۱۲

یہ قول ژھتس تھاوِتھ چھُ باسان زِ پریمی یُس آس کینژن شعوری قدرن
ہُنز ترجمانی تہٕ مقصد تہٕ یمن اقتباسن منٛز چھِ تہندی ژھایہ۔ گٔنٛڈ یا روشنی
اَسہٕ بروٚنٛہہ کُن لیوان۔

کِتابہٕ چھُ کُنٛڈ اپ شوٗبہ وُن۔ کتابتھ تہٕ قابلِ قبول۔ مگر کینہہ وٕژھییہ
چھِے دیدمان۔ ہیٚلن چھِ تہٕ لفظ ژاٚر ودٕ پرٛہش۔ مثلے۔ سادگی بجایہ
صادگی (صہ ۶۴) توسُل بجایہ توصل (صہ ۸۱) جہز بجایہ جنتہٕ (صہ ۱۰۲)
صہ ۹۶ یتھے کُنی دوٗلی بجایہ دھوبی، میٹھلے بجایہ مدٕ تان۔ جیٚر بجایہ حقہ
وغارٕ ہ لفظ چھِ اوٚیہ وٚنی۔ کتاب پرٕنہٕ دِزہٕ چھُ موٗلہ تخلیقک احساس ہنا
ژھوٚرُک باسِت کُنہ کُنہٕ دوان۔ مگر یہ چھُ مصنف سٕندِ گو آسی سٕنٛز


CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

قابلِ قدر کوشش یوسہٕ کأشرِس نثری اَدبَس منز ہُر بر چھُ۔ بریمی صابن اعتراف
چھُ کأشرِ زبأنی ورأے تہٕ باگہِ بۆرت تہٕ تھکُن لایکھ۔ امالیوز کُشیر تہٕ کأشرِن
چھُ ازٕ ئے سہٕ باگہِ بۆرت مقام میولمُت زُ ملکی باتی لۆکھ چھِ " سیت پدٕ
مکمل کرنہٕ خاطرٕ سۭتھ قدم کُشیر کُن تلان۔ تہٕ لقولِ مرحوم حاجنی صاب " یہ چھُ
سانہِ علمُک تہٕ تقدسُک ہندوستانس منز ترٕے ساس وٕری یہ ہیرد نہمی
اعتراف " (شیرازہٕ حاجنی نمبر صفحہ ۲۶۶) اَدے چھِ یہ کوشش تھکنی لایکھ۔
اند وانغا دنہٕ بردنہہ چھُ دون معروف کأشرِ نقادن ہُندی ملاحظاتھ
بریمی صابنی ادبی حثیتھ متعین کرنس کأنی۔ " بر ج بریمیئن کأشرِس تہذیبس
دۆیت روزٕ ہمیشہ یادگار" (ساقی سوٗرگہ واسی) " اُہندی اُردو تہٕ کأشرِ لیکھ
کلہم پأٹھی نظرِ تل رٕٹتھ چھُن قابلِ داد کام کرٕمتٕ (امین کامل) اَدے شوبہ
اَسہِ تقدر کرنی۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

تبصرٕ

غلام نبی آتش

# کُلیاتِ منشی صفدرؔ

کتاب : کُلیاتِ مُنشی صفدرؔ

ترتیب کار : مقبول ساجدؔ

وُری : ۲۰۰۰ء

صفحہٕ : ۳۶۴

موُل : عام ایڈیشن - ہتھ روپیہ

لائبریری ایڈیشن - ساڑھ ترٛیہ ہتھ روپیہ

نأشِر : حضرت امام حُسینؑ رِسرچ سینٹر، سری نگر

کأشرِ ہِن کلاسکی مرثیہ نگارن ہٕنز شدید ویژھنے پأدٕ سپدِتھ گوٚد اسہِ بیاکھ گأیلہٕ تہٕ، کأشرِ گۍ وارٕ وارٕ عربی تہٕ فارسی زبانو نِش دوٗران، یمن ہٕنزِ یزتہٕ پأٹھو زانکأری ورأے کلاسکی مرثِہ ہُند شنٛتھ تہٕ شُنزِتھ مطالعہٕ کرُن مُشکِل چھُ، اتھ سیتۍ سیتۍ آو اَسہِ شاہکار کلاسکی مرثین ہُند علمی تہٕ فنی تجزیہ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

کرن والین عالمن ہند ژھہر ہر تہٕ ژھہر ہر تہٕ باگہٕ ۔ یود وَے زن شاہد بڈگامی ، منظور ہاشمی ، سید انیس کاظمی ، نشاط انصاری ، حکیم صفدر ہمدانی ہولو امہِ فنہٕ کیو ہیرِ باجو تہٕ ادیبو بیتہٕ مقدور مطابق کاشرس مرثیہ ادبس متلق کام کرٕ تہٕ تواریخ مرتب کرٕی ، تاہم ییزِ تمن ہنٛن علم تہٕ تجربہٕ کامہٕ لاگتھ کلاسکی مرثین ہندس تجزیاتی مطالعس کُن ژور توجہ کرُن ۔ موجودٕ صورت حالس منز چھُ وُنہٕ تہٕ وق زِ کلاسکی مرثیہٕ نِگارن ہند کلہم کلام ییہ ژھارنہٕ ، ترتیب دنہٕ تہٕ عوامس تام واتناونہٕ امہٕ پتہٕ ییہِ امیک تجزیاتی مطالعہ کرنہٕ ۔ بقولِ سید انیس کاظمی ۔۔ " کاشر مرثیہ چھے وونی کاغذ گٹہٕ لین ہند خوراک بنان ، امہٕ گرِ دابہٕ منز اسیہ ناوکہ ڈتھ ییٚھس لاگہٕ چھے اکھ عظیم دینی تہٕ ادبی خدمت (کُلیاتِ مُنشی صفدر) ۔"

کاشر مرثی چھے اکھ منفرد شاہ ذاتھ ، امکی مخصوص تہٕ جدا گانہٕ فنی اصول ، ضابطہ تہٕ قاعدٕ چھہٕ انتہائی پابندی سان ورتاونہٕ آمتی اتھ چھے اکھ بیٚون بدٔن ہٮٛیت ۔ عام تصور چھُ ییہ تہٕ مرثی چھ محض لیل تہٕ وان ، حزن تہٕ ملال تہٕ غم تہٕ دوکھٕچ شاعری ، امایوز اتھ منز چھ حمد ، نعت ، احادیث ، تواریخِ اسلامکی واقعات تہٕ تلمیحات تہٕ علم و فن تہٕ ۔ اتھ چھ اثر آفرینی ، ہیجان خیزی تہٕ درد انگیزی تہٕ ۔ مرثین اندر چھ صبر و رضا ، تبلیغ تہٕ تربیتک عنصر تہٕ ٹاکارٕ ۔ اتھ چھہِ صنائع بدائع تہٕ فنی زآوی جار تہٕ ، اِ ہوکھ چھہٕ کلاسکی مرثیہ ژٕر توجہٕچ حقدار ، ییزٕ چھ ییہ زِ عام لوکھ چھہِ امہِ عظیم قدر و قیمت واجنہٕ عقیدتی تہٕ تخلیقی اندٕ ژہ ہٮٛندِ ہمہ تہٕ عرفانہٕ نش ییسلہ پاٹھی محروم ، اوے چھ وقتچ ضرورژ تھ تہٕ صاحبِ ذوق نیرن امہٕ کامہٕ خاطرٕ بروٹھہٕ کُن تہٕ ییہ عظیم دینی

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

ہٕ ادبی خدمت دِنہٕ سرانجام۔

انتہایی خوشی ہُنز کتھ چھےٚ زِ نوجوان رِسرچ سکالر مقبول ساجد چھُ جوش
جذبہٕ تہٕ استقلالہٕ سان کلاسکی مرثین ہُنٛدِس تلاشس تہٕ ترتیبس کُن توجہ
دِنہٕ لوگمت، کام چھےٚ کَڈٕر تہٕ تہٕ صبر آزما تہٕ۔ امالۆز عقیدت تہٕ حُبہٕ ستی
سرشار تہٕ تحقیق کہٕ جذبہٕ ستی بربکہٕ مقبول ساجد سُنٛز میحنتُک ثمر چھُ دُکن
کُلیاتِ منشی صفدر" ناوی اسہٕ بروٚنہہ کنہٕ۔ شہرٕ کام علمی خزانن تام رٕلو کرِتھ
مُقتدر ذاکرِن دامانہٕ رٔٹتھ، علمی خاندانن ہنٛدین کتاب خانن دوٚرٕتھ دِتھ تہٕ
بُزرگن نش مشورٕ حاصل کرِتھ چھِ تِمو مشہور تہٕ مقبول مرثیہٕ گو منشی صفدر
سنٛدی شتاہ مستند مرثیہٕ یتھ کلیاتس منز درج کرِ متی، بنان چھُ منشی صفدر
سنٛدی کیہنہ مرثیہٕ آسن دُنہٕ تہٕ اورٕ لیور قلمی نوسخن منز مگر یہٕ باگہٕ بُرزٕ کلیات
چھُ اکھ قابلِ داد کام۔ ترتیب کارن چھِ تحقیق تہٕ ترتیب کاری ہُنز کام
زبر پأٹھی انجام دِژمتر۔ مشکل فارسی تہٕ عربی لفظن تہٕ اصطلاحن ہُنٛدی معنہٕ
چھِ جایہٕ جایہٕ فُٹ نوٹن منز دِنہٕ آمتی۔ منشی صفدرٕ سنٛدی حالاتِ زندگی چھِ
ماخذن ہُنٛدی حوالہٕ دِتھ درج آمتی کرنہٕ، اکھتے چھُ تسنٛدِس فنس تہٕ تسنٛزِ
شخصیتس متلق اکھ کارآمد مقالہ تہٕ کلیاتس منز شامل یتھ منز مقبول ساجدن
منشی صفدر سنٛدین کیٚنژن شاہکار مرثین ہنز موہ لانکون کرِمتر چھےٚ، مثالے
مضمون بے لوقطہٕ، سنگ، سال و ماہ تہٕ رعد جنگی۔ کلیات کس آخرس پیٹھ
چھُ کتاب نامہٕ تہٕ۔ وۄمید چھےٚ زِ منشی صفدر سنٛدین یمن مرثین سیدِ
بروٚنہہ کُن فنی تہٕ علمی تجزیہ تہٕ یہ کلیات یرادِ نہٕ صرف مذہبی، علمی تہٕ ادبی
حلقن منز بلکہٕ عام کاشرین نش سہ پذیرایی ییہ یہٕ یُزٕ پأٹھی حقدار چھُ۔


CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

عام پیرن والین ہٕندِ خاطرٕ گوژھ یتھ کلیاتس منز کلاسیکی مرثیہ شاعری
ہٕندِس تیکنیکس تہٕ فنس متلق اکھ معلوماتی مقالہ تہٕ آسُن، حتاکہ سُہ ہیکہٕ ہے
نہٕ کلیاتُک حصہٕ آسِتھ تاہم تہٕ سپدِ ہے پیرن والین مرثیہ سمجھنس منز سہولیت
فاضلِ ترتیب کارس چھُنہٕ کینژن جاین صحیح زبان ورتاونُک خیال روٗد مت، یہ ہیکہٕ
وشفہٕ تہٕ آسِتھ تاہم پزِ تس اورکُن توجہ دِیُن، مثالے :—

"منشی صابنس فصاحت بلاغت کِس سودرس پیٚٹھ گرٛیکھ چھےٚ لگان تمہٕ
رنگہٕ چھُہ مس طروو تھان ییم منشی صابنس اُستادانہٕ عظمتس، زباندانی
تہٕندِس باوٕژ بلس برژنہٕ کہنہٕ انسانس سرخم چھ کرنا وات" (ص ۲۷)
جملس منز چھ سدٕرس گرٛیکہٕ ستی مس طروٗو تھٕ نیٚچ استعارانی ترکیب بالکل خلافِ
واقعہٕ، اتھ غلط تہٕ بےہتگم لفظٕ تندلہٕ منزٕ لیس نوکتہٕ باونہٕ آمت چھُ، سُہ ہیکہٕ ہے
سادٕ تہٕ سلیس موخصر جُملس منز جادٕ موثر تہٕ صحیح آسِتھ۔ یتھے کنیٚ چھےٚ یہ
ترکیب تہٕ توجہ طلب "سٕری رٕسی مٕرٕس" سٕری گرٕ ھنٕ گو، اُدرٕن، آب کلہٕ ببٕ ہٹھی
گرٕ ھنٕ، اوٕ موکھ چھُ "سٕری رٕسی" ونُن غلط، اتہٕ ہیکہٕ ہے "سر رٕسُ مٕرِس،
سر رٕستے مٕرِس" لیکھنہٕ یتھ —


CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

# تعمیری، ترقیأتی

# ثقافتی تہٕ باقی

# سرگرمیہٕ



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



جوٚمس    تہٕ    کرگل ضلعس چھُ بیتہٕ مین دوٚہن وریٚن منٛز زنانن ہٕنٛز خاندگی ہنٛزِ شرحس منٛز ترُٛواہ گنہٕ اضافہٕ سپدمُت ییٚلہِ زن لیہہ ضلعن چھُ اَکھ سِلسلس منٛز ییٚمہِ سرینگرِ پیٚٹھ ترووُمٕت۔ یمن کتھن ہُنٛد اظہار چھُ مردم شماری ہنٛدِس رپورٹس منٛز کرنہٕ آمُت۔ ییٚمہِ کاپی گورنر جناب گریش چندر سکسینہ تہٕ وزیر اعلیٰ ڈاکٹر فاروق عبداللہ صابس دینہٕ آیہٕ۔



CC-0. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



گورنر جناب گرِیش چندر سکسینہ جوٗمہِ قانون ساز اسمبلی منٛز بجیٹ اجلاسس دوران تقریر کران۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



گورنر جناب گریش چندر سکسینہ یم جموّں یونی ورسٹی ہندی چانسلر تہ چھ یونیورسٹی ہندِ ۱۰رمہ کنووکیشن تقریبہ پیٹھ اکس زنانہٕ ڈگری ہولڈرس سرٹیفکیٹ پیش کران۔
اتھ موقعس پیٹھ تقریر کران وونُن یمو زِ کنووکیشن چھ محققن تہ یونی ورسٹی لڑکن تہ کورین ہندِ خاطرٕ اکھ بوڈ تہ عظیم موقع یتھ منز یمن پننہِ محنتہ ہُنداکھ رُت احساس چھ پادٕ گژھان۔ یمو وُنۍ نوجوانن زور یتھ کرن صحت مند سماجہ خاطرٕ پنُن پان وقف۔





CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



سابقہ نائب وزیر اعظم شری دیوی لال یم لوٕ دلیہ منز ۸، اپریل ۲۰۰۱ء سورگواس
سپدی۔ ۱۰، مہ اپریل دأژ تہنز أسرکھ جوٗم تہ تہ وزیر اعلاہن تراوٕ ہم دریاے
چناب منز۔ اتھ موقعس پیٹھ دوٚن بتوٕ زِ چودھری جی أسی غریبن ہندی مسیحا
یموٚ کوٚ ملکن ہندِ بہتری خاطر کأفی کأم کرٕ۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



وزیرِ اعلیٰ جناب ڈاکٹر فاروق عبداللہ تہٕ دلہِ اندرا گاندھی جہاز اڈس پیٹھ
اَکِس حاجس استقبال کران۔ وزیرِ اعلیٰ آسی پانہٕ تہٕ زیارت بیت المقدس
گامتہٕ ترجح وفدس آسی قیادت کران۔






CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu




وزیر اعلا جناب ڈاکٹر فاروق عبداللہ جؤمہ قانون ساز کونسلس منز لابریری بلاکک دِس تلان۔ کونسلکی چیرمین جناب عبدالرشید ڈار تہٕ اَسی اتھ موقس پیٹھ موجود۔






جؤمہ جیلس منز کچن بارکہٕ مُہند دِس

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



گورنر جناب گِرِیش چندر کسینہ جوٚ مہ رٲج بھونس منٛز جنگس منٛز مارِ گامتین
فوجین ہندین لواحقین نقدی امداد فراہم کران۔



وزیر اعلا راجوری منٛز اکہِ ہسپتالچ کنہِ کنی تھاونہِ تقریبہِ منٛز



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



اطلاعاتکی وزیر جناب اجات شترو سنگھ نو دلہ منز منعقد انفارمیشن تہ سینماٹوگرافی
متعلق ریاستی وزیرن ہنز ۲۴ میہ کانفرنسہ دوران مرکزی وزیر اطلاعات شریمتی
سشما سوراج سیتی یہ کانفرنس سپنز وگیان بھون دلہ منز۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu




وزیرِ اعلیٰ ڈاکٹر فاروق عبداللہ جمّوس منز منعقد ژورِمہ آل انڈیا ڈوگری
کانفرنسہ دوران ڈوگری ہندی ڈکشنری اجراء کران۔ تٲلیم ہند وزیر جناب
محمد شفیع اوڑی تہٕ بزرگ قلمکار رام ناتھ شاستری تہٕ آسۍ اتھ موقعس پیٹھ موجود۔


CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



۲۸ ہِ مارچ آو جومہ پرٛیس کلبس منٛز ساہتیہ اکادمی تہٕ ریاستی کلچرل اکادمی
ہنٛدِ اتھہٕ واسہٕ قلم کارس سیتۍ مُلاقات (MEET THE AUTHER) ناوُک محفلہٕ ہنٛد
سٕتھر کرنہٕ۔ یہ محفل آیہٕ کاشرِ زبٲنۍ ہٕندۍ نامور محقق تہٕ نقاد جناب محمد یوسف ٹینگ
صابس اعزازس منٛز منعقد کرنہٕ۔ محفلہِ منٛز کٔر کاشرِ تہٕ اردو زبٲنۍ ہندو ادیبو علاوٕ
ادیبس سیتۍ لوٚبے خرٕ بے شوقن والیو وارِیاہو لُکو شرکت۔ یِمہِ منٛز ریاستی وزیر جناب محمد
شفیع اوڑی تہٕ اٮ۪سی اتھہِ محفلِ منٛز موجود۔ محفلہِ ہنٛد دٕتُل ساہتیہ اکادمی ہنٛز ڈپٹی
سیکریٹری شریمتی رینو بھانِ یمو ٹینگ صابنہِ ادبی زندگیہ ہیٛتھ روشنی ترٲو تہٕ ٹینگ صابس
کوٚر کھ درخاس زِ تِم ونن اَسہِ زِ تِمو کیتھہٕ پٲٹھی کوٚر پننہِ ادبی تہٕ علمی زندگیہ ہنٛد آغاز
تہٕ کیتھہٕ پراو تِمو موجودٕ جاے۔ یُتھہِ زن تِہنٛد پرٛتھ کانہہ دوٚپ سبکہٕ بانہ چھُہٕ لوان۔
امہِ پتہٕ کوٚر ٹینگ صابن پننہِ ادبی زندگی ہنٛد حال بیان یَتھ منٛز تِمو تِمن وارِیاہن کتھن
ہنٛد تہٕ بیان کوٚر یِم وننکۍ کام کھٹتھ آسنہٕ۔ امہِ پتہٕ کرِکھ تِمن ادیبَو تہٕ تَوارٟخس متعلق
وارِیاہ سوال یِمن تِمو بڈٕ معقول جواب دِتۍ۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



جموٗں کشیر بنکُکی چیئرمین، وزیرِ اعلیٰ ڈاکٹر فاروق عبدُاللہ صابس سرکارُک شیرن (SHARE) عوض بنکٕ طرفہٕ منافعک حِصہٕ ( DIVIDENT ) پیش کران۔
اَتھ موقعس پیٹھ اُسی خزانکی وزیر جناب عبدالرحیم راتھر صابس علاوٕ کابینہ کی کینہہ وزیر تہٕ شامل۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



وزیرِ اعلیٰ ڈاکٹر فاروق عبداللہن دۄپ زِ حکومت کرِ مختلف شعبن منز
تھیٚکنہٕ لایق کام کرنس پیٚٹھہٕ آرٹسٹن خاطرا کھ بوٚڈ سٹیٹ ایوارڈ قایم کرنس
پیٚٹھہٕ غور۔ ۲۹ مہ مارچ ۲۰۰۱ء کلہٕ میلیچ تہٕ ۲۸ ہِم سٹیٹ آرٹ نمایش اِفتتاح
کرنہٕ پتہٕ پننس تقریرس منز کوٚر تمو یمن کتھن ہُند اظہار۔





CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



جۆمؠ تہٕ کشیٖرٕ ہٕندی چیٖف جسٹس ڈاکٹر جسٹس بی پی صراف۔
۳۰ ہمہِ مارچ ضلعہ عدالتٕچ عمارژ دِکس ولان۔





CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



انفارمیشن افسرن ہُنٛد یک روزٕ اورینٹیشن کم ورکشاپس منٛز وزیر اعلا
تقریر کران۔ ڈائریکٹر جناب کے۔ بی جنڈیال ورکشاپس متعلق پننٛن خیالن
ہُند اظہار کران ـــ




CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



وزیرِاعلیٰ ڈاکٹر فاروق عبداللہ نگرو ٹہ جوٗمہِ اکس یوتھ کیمپس منز سکول
بچن ہند کرتب وچھان۔ اَتھ ہوتس بیٹھ وۄن جموٗ ژٔ سٹیٹ سکوٗلٹس گائیڈس
ریلی ہیوٗ کیمپ منعقد کرنہٕ ستی چھہ ریاست کین مختلف خطن ہندین بچن پانہٕ
وٲنی زان کرنہٕ ستی ملہٕ ژارک جذبہ پادٕ گژھان۔



وزیرِ اعلیٰ ڈاکٹر فاروق عبداللہ لیہہ منز منعقد قومی آیس ہاکی چیمپین شپ
ہندِ آخری میچ زینتھن واَلیس ٹیمکس کیپٹنس ٹرافی دوان۔

CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh 

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



مکانات تہٕ شہری ترقی ہٕندی وزیر جناب غلام محی الدین شاہ جوٗ مس

منٛز افسرن تہٕ کاشرین مہاجرن ہٕندین زٕٹھین سیتٕ اکس مشترکہ

میٹنگ منٛز کتھ باتھ کران ۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu



خزانکو وزیر جناب عبدالرحیم راتھر صابن کوٚر جموٚں وکشمیر بنکہِ چہ کارکردگی پیٹھ اطمینانُک اظہار تہٕ ونکھ زِ بنکن چھُ نینس منافس منٛز ۹, گوٚنہ ہیرہ کوٚر مُت تہٕ امیک کاروبار چھُ ہتی میو ژورَہ وری لہٕ پیٹھ... ۲۰۰۰ ار کروڑ روپیین تام ووتمُت۔ راتھر صاب اُسی جوٚمہ یونی ورسٹی کیمپس منٛز جموٚں وکشمیر بنککہ اے' ٹی' ایم (ATM) برانچُک افتتاح کران۔ صنعتکو وزیر ڈاکٹر مصطفےٰ کمال تہٕ اُسی اتھ موقس پیٹھ ہمت سیتی۔




CC-0. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

زراعتکی وزیر چودہری محمد رمضان صاًبن وۄن زِہتی مین ترٛین وریٛن منز
چھُہ ریاستس منز ریشم گۄژن ہُنٛد تیداد ہِژراہ فیصدی تام ہُرمُت۔ امِہ کتھِہ ہُنٛد
اظہار کوٚر یِمو قانون ساز کونسلس منز محمد یُوسف ٹینگ صاٮ۪بس اکس جوابس
دوران۔



چودھری محمد رمضان صاًبنِس قیادتس منز میوہ باہارِن تہٕ افسرن ہنٛز
اکہٕ میٹنگ ہِنٛز قیادت کران۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

جموں وکشمیر ہینڈی کرافٹس کارپوریشن کرِ اَتھ کامس ہندین چیزن ہُنز سیل اِسی کامرسہ ذریعہ۔ اَتھ سِلسِلس منز کرِ کارپوریشن عنقریب پننہ ویب سائٹہ (WEB SITE) پیٹھ نمائشچ مُنعقد انعقاد تاکہ یمن چیزنہ ہُنز سیل سیدٕ پورٕ دُنیاہس منز ممکن۔ آمہ کتھہ ہُنز بادتھ کرٕ ڈاکٹر مُصطفےٰ کمال صاحبن کارپوریشنہ ہُنز اکس میٹنگہ منز۔





ریاستس منز پیہ من قریبے رہبرِ صحت ناوٕ اکھ نوٕ سکیم چالو کرنہٕ یوسہٕ رہبر تالیم طرزٕ پیٹھ آسہ۔ اَمیچ بادتھ کر صحتکو وزیر میاں الطاف احمدن ریاستی اسمبلی منز۔ یمو ووٚن زِ ریاستس کینہ دور دراز تہٕ پہٹہ کھوٚرِ علاقن منز طبی اہلکارن ہُنز دستیابی دور کرنہٕ خاطرٕ ییہ دوٚن ریتن اندر اندر مقامی تربیت یافتہ نوجوان کنٹریکٹ پیٹھ تعینات کرنہٕ۔ سکیمہِ تحت ییٚن مقامی زنانہٕ ورکرن مختلف تربیت تہٕ دِنہٕ۔ زیرِ نظر فوٹوس منز وزیرِ صحت میٚنڈی بیمارن تحفہٕ دوان۔



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu




بانہال

محترم ریشی صاب

'آلو' رسالس یوس توانایی تہٕ پذیرایی تہندِس ادارٕس منٛز سیٹھاہ کم وقتس منٛز حاصل سپٕز تمہٕ خاطر چھِو تُہۍ تحسین و آفرینکۍ مستحق ۔ اگر امہٕ کہ اشاعتُک یہے رفتار روزِ تہٕ امکہٕ موادُک یہے معیار روزِ' یہ کرِ کاشرِس صحافتس اکھ توٚڑ اعتبار تہٕ وقار پادٕ ۔ کوشش گژھہ کرنہٕ ییٚنِ زِ یہ آلو گژھِ یتہٕ کٔمِن دورٕ دار علاقن منٛز روزن والین کاشرین تام تہٕ واتُن ۔

تُہُند پنُن
منشور بانہالی

*



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

تیر تھ نگر' تالاب تلو' جۆم

ریشی صاب

'آلو' شمارٕ چھیم برابر واتان روزان۔ بلکہ اکہِ بدلہٕ نہٕ۔ خدا زانہ کیازِ۔ اگر کُنہ دفتری ریکارڈچ غلطی آسہِ سو گژھہ دوٗر کرناونی۔ حالانکہ بہٕ چھُس دوٗیم کاپی بینس گانسہِ ادب نواز دوستس دِوان۔ خیر! آلوس منز چھ دوہہٕ کھوتہ دوہہٕ نوہریوان تہ مضمون چھ جان معیاری تہ دلچسپ آسان۔ صرف چھُ۔ آلوکین کینژن صفن پیٹھ تصویرن ہند ترٛیہر زنتہ کھران ہیوٗ۔ وونی گوو تہی چھو مجبور۔ یہ ہن چھُ فکرِ تران۔ یژھان چھُس یہ گوٚژھ محض ادبی رسالہٕ آسُن۔ شب خون ہیو۔ اتھ منز گژھہ نہٕ کُنہٕ قسمِچ مصلحت پسندی تہٕ آسنۍ۔ ساری ادیب تہٕ شاعر چھ ییتھ گٹہٕ کارس منز تہٕ جان ادب تخلیق کران۔ یہ کتھ ییہ برونٛہہ کالہٕ کس تواریخس منز تہٕ بچھرنہٕ۔

دوٗر درشن جیمہٕ تہٕ جیمہٕ ریڈیوکس' پمپوش پروگرامس منز تہٕ گوٚژھ آلو' کین شمارن پیٹھ تبصرٕ کرنہٕ ییُن یُتھ زن جیمی صوبکو کاشرٕ زانن والی لوکھ تہٕ ادب واقف سپدن۔ خبر ریڈیو سری نگر تہٕ دوٗر درشن چھا ییتھی تبصرٕ کران؟ مینے چھُنہ پتا۔

تُہندرُت کاٹھن وول
سومناتھ ویر

★

گڈھی ادھمپور

مکرمی ریشی صاب!

تُہند چھُس شکرگذار زِ رسالہٕ چھُم باقاعدگی سان واتان۔ امہِ خاطرٕ چھُس



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

اکھ مضمون "یادِ وڈتر" یُس موہن لعل آش صابنہِ کتابہِ پیٹھ اکھ تبصرٕ چھِ سوزان ۔

دوٚ میٚد چھیم زِ آلوس منٛز میلِ اتھ جاے ۔

باقی یمہِ آیہِ تہٕ ترایہِ تِہُنٛد آلوس لول چھُ بھران تمی آیہ تہ ترایہ روزِ سون اتھ توہہِ آیتن ۔

رُت کانٛچھن وول

جواہر لال سرورٛ



مشری والا' جموں

ریشی صاب !

دٕہہ دٕہری پتہٕ میوٗل مینے حلپے کشیرِ تمنک موقہ ۔ پٔتھے آیم نہٕ نہٕ یہٕ کیا وُوتس بیہہِ اکہٕ چھسرِ ریشی وارِ منٛز ۔ ہول اُوسم اندری وتھس کوٗران ۔ نَو داپن لوٗز تہ مینے کوٗر نینن بابن ہند دیدار ۔ یہ کینژھا مینے باس لوٗگ تہٕ سوٗرے چھُم قلمبند کوٗر مُت ۔

انہار ناو اکھ نظم چھُس آلو باپت سوزان یہ کریو توٚہۍ آلوس منٛز شامل ۔

ریشی صاب اَسہٕ چھِ آلوک رسالہ پٔرتھ سیٹھاہ مسرت حاصل سپدان ۔ یہ تھویو تو بلا رکاوٹ جاری ۔

رُت کانٛچھن وول

روشن لال بٹ روشن



سید حمید پورہ سری نگر

ریشی صاب

آلو چھُم داتان، سیٹھاہ شکریہ ۔ رسالہ اَچھِ پزی پاٹھی ادبکہ خاطرٕ اکھ لوٚڈ سرمایہ ۔ بیون بیون لکھارین ہندی مضمون تہٕ شاعری چھاپ سپدنہٕ کنہ چھُ زبانی



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

Gandhi Memorial College of Education Bantalab Jammu

پُوچھر میلان تہٕ بیٚیہ چھ نوین لیکھن والین ہُند تاداد تہٕ ہُران ۔ آلوس منز پٔرِم
نوجوان لکھارین ہندی مضمون تہٕ افسانہٕ ۔ یم سیٹھاہ زیر چھ آسان ۔
ڈاکٹر محفوظ جان سندی کینہہ افسانہٕ تہٕ مضمون تہٕ پٔرِم تہٕ باسان چھم زِ نوجوان پیٚیہ ہنز
یہ قلمکار اگر یہے معیار بنٲوِن مضمونن منز جٲری تھوِتہٕ تہٕ دوہہ آسنہٕ دور ییٚلہٕ
ہُہند شمار سانین بڈین قلمکارن منز ہیٚکہ ییہ ۔ میانہٕ طرفہٕ کرِو تُہۍ مبارک

رُت کانچھن ودل

محمد یوسف گلکار



برنالی جوم

ریشی صاب

آلوکی کینہہ شمارٕ وُچھم تہٕ دِل گوم شاد زِ کٲشر زبانی ہنز آب یاری خاطرٕ
درایہ نوی ناگہٕ یوسہٕ سانی کٲشر زبان سگناوِ تہٕ شہلاوِ ۔
اکھ طنزیہ غزل چھس سوزان تہٕ وومید چھم آلوس منز گژھہٕ شامل ۔

تُہند خٲرخاہ

اوتار پنڈتا ہوگامی



CC-O. Agamnigam Digital Preservation Foundation, Chandigarh

